ءٕ پننس شعرس حقیقی اثر تہٕ تھز ر دِنہٕ خاطرٕ پزٕ شاعرس فنی ریاضت قبوٗل کرنہٕ بروٚنٹھ استعارٲتی

زبان ورتاونک سلیقہ ہیچھُن۔

۵ شاعر کُیتھ گژھ آسُن :۔ شیٚمہِ صدی ہجری دوران چھُ ایرانُک مبنی بر رموزِ حکمت عرفان تہٕ جمالیاتی شوٗر

بیٚنہِ ہِن کاڈکڈان اَمہِ صدی ہنٛز نمایندگی ہُند اعزاز چھُ نظامی عروٗضی سمرقندی ہندِس ۵۵۰ ہجری یس

منز لیکھمتِس مجموع النوادر المعروٗف "چہار مقالہ" ناوکس رسالس حاصل۔ یہ نظامی پزٕ نہٕ مشہوٗر مثنوی نگار

تہٕ پنج گنج لیکھنکہ رِوایتُک بانی کار نظامی گنجوی زانُن۔ سُہ چھُ شیٚمہِ صدی ہجری ہُند بدل عظیم شاعرٕ

نظامی عروٗضی سمرقندی چھُ تصوراتن ہندِس بُنیادس پیٹھ فارسی ادبی جمالیاتُک عرفان یِمہ آیہٕ باگران :۔

۱۔ شاعر گژھِ ژرکہ اکھ ذوقِ سلیم وول (سلیم الفطرۃ) شخص آسُن۔

۲۔ شاعر گژھِ عالی خیال تہٕ تھز فکرِ وول (عظیم الفکرۃ) شخص آسُن۔

۳۔ شاعر گژھِ خُداداد ذہانتہٕ سان وزن تہٕ عروٗضن ہُند ماہر (صحیح الطبع) باسُن۔

۴۔ شاعر گژھِ نفسیاتی بصیرتہٕ سان زندگی ہندین معاملن منز باگرِ بوٚرُت رُویہ پاناوان وول

(جیدالرویہ) شخص آسُن۔

۵۔ شاعر گژھِ باریک بین (دقیق النظر) آسُن۔

۶۔ شاعر گژھِ مختلف علوٗم زانن وول (در انواعِ علوٗم متنوع) (VERSITILE SCHOLAR)

آسُن۔

۷۔ شاعر گژھ رسموٗ نشہٕ ژلن وول تہٕ دوٗر ہینہٕ وول (مستطرف) آسُن۔

۸۔ شاعر سُند اظہار گژھ پزٕ تھ علمس تہٕ علمی مجلسس تیتھے لگہار باسُن، ییتھ لگہار پزٕتھ علم پزٕتس

شاعرس باسان چھُ۔

۹۔ شاعر گژھِ علمی بحث و مباحثن منز خوش کلام (خوشگوی) باسُن۔

---

۱؎ نظامی گنجوی ہندِ عظمتُک ورگہٕ اعتراف چھُ حافظ ییتھ تعلی منز کران

؎ چو سِلکِ دُر خوشابست شعر نغز تو حافظ کہ گاہ لطفِ سبق میبرد ز نظم نظامی

۱۰۔ شاعر گژھہِ اصلاحِ معاشرہ زیرِ بحث انن والین منز نیک ژُ ویک ترجمان (خوشروی
باسُن ۔

۱۱۔ شاعر گژھہِ پنُن کلام تِتھہٕ مرتبس پہٕ حسنِ ظنس تام واتناوِتھ ہیکُن یُس (کلام) بنہٕ (در
صحیفۂ روزگار سطور) یادگارِ زمانہ ۔

۱۲۔ شاعرُ سُند کلام گژھہِ آزادی پسندن پننہٕ ولولُک ترانہٕ باسِتھ (بر السنۂ احرار مقروٗ) زبٲن
پیٹھ جٲری گژھُن لایق بنُن ۔

۱۳۔ شاعرُ سُند کلام گژھہِ ناون (جدید اصطلاحس منز لبن تہٕ گاڑِن ہنزن لبن تبرکاً) لیکھنہٕ
ینِس لایق بنُن ۔

۱۴۔ شاعرُ سُند کلام گژھہِ شہرچِ خاص مجلسن منز (رونق ہُر راونُک باعث ژانِتھ) پرنہٕ
ینِس لایق بنُن ۔

۱۵۔ شاعرُ سُند وٲفر حظ بخش وول تہٕ فضیلتکۍ اظہار" درینٹھ انَ وول کلامے چھُ تَسُندِس
ناوس بقاے دوام بخشان ۔

۱۶۔ یتھ شاعری اُمہٕ آسہٕ لیکھنہٕ ینکو تہٕ زبٲن پیٹھ جٲری گژھنکۍ صفت حاصل آسن نہٕ گامُت تتھ
ہیکہٕ اُمہٕ قسمِچ بقایی تہٕ عقیدت حاصل گژھِتھے ۔

۱۷۔ یتھ شاعری منز یمن ضابطن اُمہٕ درجِچ پابندی آسہٕ پیسر ہمُت سو ہیکہٕ دِلن حکومت
کرنُک تاثیر بنِتھے ۔

۱۸۔ یتھ شاعری منز اتھ جمالیاتی ضابطے اخلاقس پیٹھ عمل آسہٕ پیسر ہمُت تتھ چھُ ینِس مُمکِن
بروٗنٹھے مُرن یقینی ۔

۱۹۔ ییلہِ نہٕ اُمہٕ قسمِچ (نابکار) شاعری پننہٕ بقایی ہُند شعوری پوٚشمُت آسہِ تتھ کُس اثرے
آسہِ ینن ہندِن دِلن منز بقابنک ۔

۲۰۔ کانٛہہ شاعر ہیٚکہ نہٕ پیٚٹھ کنہِ دٲیرٕ نہٕ آمتِس شاعرانہٕ تھٔرِس لۄبِتھ اگر نہٕ تمۍ کھب وٕنِس یاونِس منز بُزرگ شاعرن ہٕندۍ وُہہ ساس شعر (سمجھتھ) یاد کٔرِمٕتۍ آسن تہٕ اگر نہٕ اۭخری دورکین سخن فہمن ہٕندۍ دہ ساس لفظ ورتاونکۍ آداب، ہیٚچھمٕتۍ آسن تہٕ اگر نہٕ تہٕ کرنہٕ باوجود اُستاد مانہٕ آمتین شاعرن ہٕندۍ شعری مجموعہ (دیوان) پُوٗرٕ توجہٕ سان یہ دریافت کرنکہِ غرضہٕ پٔرِمتۍ تہٕ سٔرِمتۍ آسن زِ تِمہٕند ادراکٕکۍ تہٕ اظہارٕ کرنٕچہٕ کمن طریقن ہٕندۍ چھہ آسمٕتۍ۔ یہ کام سنجیدگی سان کرنہٕ پتۍ ہیٚکن تِس وُزنہٕ ہٕندۍ راز معلوم گژھنہٕ علاوٕ مختلف شعر ذٲژن ہٕندۍ اہنار تہٕ پنٕنِس طبیعتس منز جذب گژھان باسن۔ بلکہ ہیٚکہِ اَمہٕ پتے تَسُند تنقیدی شعور شعرٕکۍ حُسن تہٕ قبح عقلی سطحس پیٚٹھ پرزناونس لایق بنِتھ امہٕ قسمکۍ مطالعہٕ کرنکہِ برکتے ہیٚکہِ اکھ وتھوٗن شاعر پننِس کلامس ترقی دِنہٕ علاوٕ پننِس تخلیقی شعورس تھٔرِس کُن ٹیٚز پاٹھۍ مایِل بناوِتھ۔

۲۱۔ اَمہِ لحاظ یُس پَنٕنہِ طبیعت تھٔر شعر گوٗیی کُن مایِل بارہٕ تہٕ یُس پانس منز بے نقص شعر ونٕنک سلیقہ بہم سُٔد مُت ہا تسی پزِ شاعری کرنی۔ نقاد بننُک شوق تھوٗن والِس پزِ عروضٕک مُطالعہٕ جٲری تھوٗن خاص کٔرِتھ پزِ یِس اُستاد ابوالحسن بہرامی ہٕنزٕن کتابن ہٕند مطالعہٕ کرُن۔ تکیا زِ تمن منز ہیٚکہِ سُہ دہ یہ قسمکین عروضن ہٕند مقصد تہٕ سمجھتھ تہٕ قافیین ہٕند خزانچہٕ کوٗنز تہٕ لۄبِتھ یِسوٗن مطالعہٕ کرنہٕ پتے پزِ تِس نقاد آسنُک دعویٰ کٔرِتھ رُمزن معنین تہٕ الفاظن تنقید کرنس منز دخل دِیُن یا کُنہِ شعرس ژوٗرِ ہانٛزٕ لاگنۍ تہٕ کُنہِ شعرس پننین ہُند ترجمہ آسنُک پزِ زِ نہٕ زراوُن۔ اَمہِ ہٕکۍ قسمکۍ علم چھہ بہر حال کانٛہہ تِمہٕس اُستادس نِش پرٕتی پیوان تِمہٕ اَمہٕ قسمہٕ کین رمزن پیٚٹھ سنہٕ مطالعہٕ پتہٕ کینٛژھا لیوکھمُت تہٕ آستہٕ ریاضتچ پہٕ عمل کرنہٕ پتۍ ہیٚکہِ کانٛہہ شخص ناو ہیوٗن لایق نقاد بنِتھ۔ گویا ریاضتہٕ سِتۍ اکھ درجس واتِن ووٚٹ لوت ہیٚکہِ سُخن شناسن منز پذیرٲیی لبنہٕ علاوٕ زمانس منز بقا لۄبِتھ۔

VI **غزل، فارسی شاعری ہنز پُر اسرار طلسمائی آواز** :- ستمہ صدی ہجری منز یتہ پیٹھ کنہ درج جمالیاتی ضابطہٕ اخلاقس پیٹھ عمل کرن وٲلی مولانا رومی تہٕ شیخ سعدیؒ ہوی پُختہٕ کار شاعر پاد گے تتہٕ آیہٕ مثنوی، قصیدہ تہٕ غزل ہتہٕ مشرقی شعر ذاتن تھزرکہ تم اُفق نظرِ یمن کُن وُچھتھ بُتھ خسرو، حافظ، فیضی، عرفی، ظہوری، نظیری، بیدل، غنی تہٕ غالب ہوی (کروڑہ بدن دلن پیٹھ حکومت کرن وٲلی) غزل گونون تھزرن ہنز شیچھ خبر باون وٲلی بنیہ۔ حالانکہ بحیثیت مجموعی کوز ستمہ صدی ہندیو ناما وارد قدیم بُنیادنے درِ عطا تہٕ جدت برلے جدت اختیار کرنس پوٚژھ کہ نہٕ من تنقیدکس معاملس منز تہٕ ہیکو نہٕ شمس قیس رازی ہوی نظرباز کانہہ بوڈ اضافہ کرِتھ البتہٕ غزلہ ہُند عروج وُچھتھ یوتس یہ فتویٰ صادر کرِتھ جمالیاتی شعورس اکہ اضافی کتھ ہُند حِس دِیُن زِ اُکس پُختہ کار شاعرس ہندِس پرِتھ شعرس گژھہِ لفظو رنگ تہٕ معنے رنگ اکھ بدون اظہار باسُن تہٕ اُکس شعرس منز گژھہِ اکھ مکمل تجربہٕ پیش یُن۔

VII **حافظ وُچھتھ اقبالؔ زن سہہ وُچھتھ رخشہ** :- یہ زن گوڈے اشارتاً ونہٕ آو زِ شعری جمالیات کین یمن بُنیادی تصوراتن کمالِ فنکاری سان عملاون والیو عظیم فارسی شاعرو منز ژارون اُسی بطور خاص نُمائندہٕ اکھ حافظ شیرازی تمیاز یتہٕ مولانا رومی خالص اسلامی تصوفُک نمائندہ چھُ تتہٕ چھُ حافظ ایرانی تصوفُک تیُتھ نمائندہ باسان یمہ ہندِ اسلامی اصطلاحن منز ملفوف عیش پرستانہٕ تہٕ آخرت فراموش خیالات علامہ اقبالس مُسلمانن کتھ دوٗررس زہریلہ اثرات وٲلی باسان چھِہ تہٕ محض نقطہٕ نظرُک یہ اختلاف چھُ کینژن اقبالسؔ تہٕ حافظسؔ درمیان فنی اختلاف تہٕ باسان۔ تہٕ چھِنہٕ یزر۔ حافظنہٕ کلامُک زہریلہ اثری چھُ اقبالس یتھ پانہٕ وان تہٕ یہ باک ژھٹاوان ؎

الحذر از حافظ صہبا گُسار جامش از زہر اجل سرمایہ دار — یانہٕ حسنِ نسوانس عقل تہٕ ہوش دلبراون واجبہٕ وُزل زانن وول اقبال چھُ یہ صوفیانہ نظریۂ جمال تہٕ جلالس منز یتھ رد

کران زِ مجازی حُسن چھ حقیقی حُسنس تام واتنک اکھ وسیلہٕ تہٕ کدل ۔ مگر اقبال چھنہٕ حافظنس اسلوبس
نظر انداز کرِتھ ہیکان ۔ بلکہ چھُ سُہ حافظنس رنگین طرزِ اظہارس ستھٕ عاشق باسان یُتھ عاشق رُستن
رخنہٕ بیتابکس بہس اوس ۔ یمہِ کنہِ سُہ تس انتہائی خطرناک زانِنہٕ باوجوٗد گھنہٕ وادن تھٔلہٕ تھٔلہٕ وُچھان
اوس ۔ چنانچہِ اقبال چھ حافظنہِ لفظ وبیکرن ۔ تشبیہاتن واستعاراتن ۔ علامت نگٲرین تہٕ ساحرانہٕ
تجسیم کٲرِین بھرپوٗر استفادہٕ کران ۔ البتہٕ چھُ سُہ حافظنہِ رندانہٕ خیالاتن مُضرِ اخلاق تہٕ اسلام
دُشمن زانِتھ طشت ازبام کران مثلاً حافظُن یہِ ونُن زِ میوٗن مقصدِ حیات چھُ دوٗ وٗ ہُر شراب
تہٕ ژھ داہ دٕہر محبوٗب ، یا یہِ ونُن زِ عشقٕنہِ وَتہٕ منز چھنہٕ کانہہ شبقہ یقینہٕ سان محرمِ راز بنِتھ ہیکان
لہٰذا چھ پزِتھ کانہہ پنِنہٕ فہم حسابہٕ گمان رچھان تہٕ بس یا خیامنہِ پأٹھی یہِ ونُن زِ جنتچن موعود نعمتن
ہُند خیال مشرٲوِتھ پزِ یتھ زندگی منز سارنے عیاشین تہٕ نعمتن حظ تُلُن یا ناپایدار دُنیہس منز اکہِ لٹہِ
میسر گژھن واجنہِ زندگی پزِ نہٕ پایدار اُخروی زندگی پوٗرہٕ پأٹھی چھیپہٕ دِنی ۔ حافظنہِ یتھی ہوی تمام رندانہٕ
خیالات باسیہ اقبالس اسلامی نظریاتن ستی متصادم یم محض صوٗفیانہٕ اصطلاحن منز آسنہٕ کنہِ صاحبِ
نظرن قابلِ قبوٗل ہیکن نہٕ بنِتھ ۔ تاہم چھ اقبال خُذ ما صفا دع ما کدر اصولس تحت حافظنس فنس ولوٗر
VIII تیٚل حُسنِ کمال تہٕ شعور و لاشعورٕ ژکنہٕ پأٹھی تُلان (وُچھو حافظ اور اقبال ناوچ کتاب)

ییٚتہٕ لس چھنہٕ حُسنِ کمالس تہٕ تخلیٚقس درمیان یاہس تہٕ رخشس درمیان کشش تہٕ خوف بیک وقت
کار فرما آسنک تھوٗدٕ جمالیاتی یا عرفانی راز ورٕ ژھناونک موقعہ البتہٕ پزٕ اَمہٕ رازک یہِ حصہ نظرِ تل تھوٗن
زِ کانہِ ہندِ تخلیقک حُسن شناس آسُن گوو نہٕ صرف تسُندِ روٗدھک پزرس طلبگار آسُن بلکہ گوو یہِ
تسنز باطنی آگہی ہُند لاشعوٗرس آینہٕ دار آسُن تہٕ ۔ تکیازِ حُسن یا حُسنِ کمال چھُ (کایناتی تہٕ ہیٚلنسوأنی
یا انسانی حُسن ہیتھ ) اکھ سُہ تجربہٕ یُس عقلی توجیہاتن تہٕ فلسفیانہٕ تعبیراتن منز ییتھی ہیکنہٕ نہٕ صرف
اَمہٕ لحاظٕ زِ امیک جلوٗ چھ شعوٗرکی تہٕ لاشعوٗرکی ساری سرحد مٹاوان بلکہ چھ یہِ شُعلکی پأٹھی انسانی دِلکس
مُشتاق پونپرس کشش کرنہٕ بیتہٕ رازِ اظہار کرنہٕ برونٹھے تس زالِتھ سوٗر کرِتھ بے نیازی تہٕ ہاوان یا

بطورِ ناز اَتھ دزلس تہٕ ٹُلطفاتَن ۔ اَتھ نظرِ سوز حسنِ کمالس مقابلہٕ چھُ مُحتاط آداب نظر ہیٚچھنہٕ باوجوُد لُطفِ نظرکس نتیجس محرمِ شیخ سعدی ییٚس جُرأتِ اظہار بزبانِ جبرائیلؑ فقط یہٕ وَنِس تام ساتھ دِوان کہ ؎

اگر یک سرموے برتر پرم ‌ ‌ ‌ فروغِ تجلی بسوزد پرم

حافظنِس عشقس (یتھ سٕندِ شعرکہِ حوالہٕ فن شریف ناو چھُ گران) چھنہٕ حسنِ کمالس بیٚٹھ پوٚشِرُ بنتھ دزنہٕ کس نتیجس منز بقالبنس بیٚٹھ نظر ۔ توے چھُ وَنان ؎ عشق مے ورزم وامید کہ این فن شریف
ہمچو فنہای دِگر موجبِ حرمان نشود ۔ حافظس چھُ اَمی رمزُک محرمِ راز آسُن پننہٕ مدافعت
ہیٚچھناوان توٚے چھُ حسنِ کمال کِس محض عکسس تام رسائی آسنس یا لطفِ نظرس تام محدوُد آسنس
وِژھنے گرِتھ اقبال صاب ہوس پرٛتھ مُعترِضنس پیٚنٛگی معذرت یمہٕ آیہٕ پیش کران ؎

مادر پیالہ عکسِ رُخِ یار دیدہ ایم ‌ ‌ ‌ اے بے خبر ز لذتِ شُربِ مُدام ما

یہٕ عُذر خواہانہٕ اظہار چھُنہٕ عشقچہٕ توانایی نفی کران بلکہ چھُ اثبات ز توانا جنگی پاٹھی چھُ عشق تہٕ اکہٕ بجہٕ توانائی ہُند ناو ۔ تیلی چھُ عشق ناقابلِ تصوُر واوہ طوُفانس منز یکھ چھُٹنہٕ باوجود بیٚیہٕ وُچھان تہٕ ثابت کران کہ ؎ ایں مرغِ پرشکستہ زِ فکرِ خیالِ تو/دارد بزیرِ بال پریخانہٕ دگر ۔ حافظس چھُ عشقُک تہٕ دِلُک یہٕ اتھواس اکہٕ حوصلہٕ مند تخلیق توانائی بخشان مگر توتہٕ چھُ سُتہٕ فقط یتیُ وَنان کہ ؎

آسمان بارِ امانت نتوانست کشید ‌ ‌ ‌ قرعۂ فال بنامِ من دیوانہ زدند ۔ اَتھ صوُرتِ حالس
منز کتھ ہیکون اُسی تھدِ تخلیقِ تھٕر عمل نشاندہی منز اَنتھ یا ذِکرِ فقط یہٕ وُنتھ زِ تخیُل چھُ
دِلکہٕ مددہٕ سٟتی یعنے جذباتی لشکرکہٕ مددہٕ سٟتی توانائی ہندِ سارے شعبن منز ۔ وحدت پیدہ
کرنٕچ کوٗشش کران یُتھ زن وحدتِ فکر تہٕ وحدتِ عمل یقینی بنٕنہٕ پیتہٕ سہٕ حسن شناسی
ہندی پیش نظر اہداف پوٗرہ کرِتھ ہیٚکہِ یا گرِتھ چھُ ہیکان ۔ اَتھ عملہٕ منز چھُ حصولِ اہدافہٕ
برونٹھ تخیُل اَکِس ضمنی خطرس زیادہ چھیہٕ روزان زِ قبل از وقت زائیدگی یا افشاءِ راز گوژھنہٕ
اظہارس پام تھونُک باعِث بنُن یہٕ خطرہ تہٕ چھُس ملحوظ روزان زِ لاشعوُرس منز تصورِ جمالہٕ سٟتی

برکت آمتیٚ انسانی تہذیبکی مورٗثی تجربہ، قیاس مفروضہ تہٕ دلی امار گژھیہ زیرِ تعمیر تخلیقہٕ ہنٛز رنگہٕ کر مطلوبہ تھزرس یا تکمیلس تام واتنہٕ برونٛٹھے تٕرتہٕ کھوتہٕ زیادہ زوردار حسُن کمالچہ زژ یتہٕ تہٕ کٔتر یو عمارژ ہندکہ پاٹھی چھلہٕ چھلہٕ پتھر واہیو تکیازِ ع دِل را ہمہ آفت از نظر برخیزد گویا نظرٕ بجایہ دلچہٕ اچھ یا تخلیچہٕ اچھ ہندِ سطحک حیرت زا دیدار چھُ چیزے دگر۔ تتھی چھ حافظ حقیقی فروغِ حسن زٕ انتہ جامِ سعادتک فیض ناوکران ؎ زانجا کہ فیضِ جامِ سعادت فروغ تست/ بیرون شدن نمای ز ظلماتِ حیرتم

IX شاعری ہُند کمال چھُ ابہام تہٕ ایجاز: استعارہ کِنہ یمن دون خاص اظہارن پژ رمزن تہٕ کنایَن ہند حسین ماحصل ناوکرٕن توے یژ یہ ابہامس محض گچھ یا ایجازس محض ژھو چھ ونٕ مشرقی ادبیاتکس تناظرس منٛز چھُ رازدارانہ ترسیلک یا شاعرانہ ابلاغک تصور سیٹھاہ تھوٚد تہٕ پاکیزٕ یوٚدوے کینژن عقیدتمند از اظہارن منٛز عربی یا کانٛہہ پاٹھی صنعچ کِس واوس راز دل پٕشرتھ قاصد بناونچ لولہ رلوایت غوشونی باسان چھے شلاً ع ہا واوہ وآکھنا...... مگر حافظس چھُ راز کانٛسہ پٕشرنس منٛز مزید احتیاطک ضرورت باسان توے چھُ پیس وپیش کرنچ محاکاتی وڈتل بُجہٕ ہاوِتھ وَنان ؛

؎ ای جان حدیث ما بر دیوار باز گو لیکن چناں مگو کہ صبا را خبر شود

علامت سازی یا پیکر تراشی ناکافی زانِتھ چھے مولانا رومیس تمثیلی طرزِ ج (ALLEGORICAL) درگہٕ باوتھ رازگوئی خاطرٕ بہتر صورت باسان توے چھ ونان :۔

؎ خوشتر آن باشد کہ سرِ دلبران گفتہ آید در حدیث دیگران ۔ مشرقی شاعری ہُند اصل تہٕ اعلیٰ حصہ چھُ معنوی رازداری پیٹھے مشتمل خواہ تتھ یہ تہٕ تصوفک رجحان ونٕہ یا معرفتک وجدان یہ کتھ چھے مُسلّم زِ صاحب نظرن چھُ شوچہ پسندیدگی ہُند اوٚلین پیمانہ تہٕ معیار یُہے تکیازِ یُہے اندازِ گفتگو چھُ سرِ محفل کاملن راز یا شیچھ وٕنتھ غافلن تہٕ دانش دشمن تعزیر چہ ہتھکراتھن منٛز آسنہٕ باوجود ہمسوس لارنا دِتھ وما علینا الی البلاغک یا شاعرانہ قلمی جہادک حق ادا کرناوان ۔ میرتقی میر چھُ ابہام گوئی ہندس اُتھی عظمتس یژ پاٹھی پاری لگان تہٕ وَنان ؎

عجب ہوتے ہیں شاعر بھی میں اِس فرقے کا عاشق ہوں
کہ بے دھڑکے بھری محفل میں یہ اسرار کہتے ہیں

برصغیرکس لاثانی شاعر غالبس تہٕ چھُ پننہ عظمتُک راز ابہامس تہٕ ایجازس منز۪ے مُضمر آسنُک احساس یہ بُلند بانگ دعوی کرناوان سہ میرے ابہام پہ ہوتی ہے تصدُق توضیح یرے اجمال پہ کرتی ہے تراوش تفصیل غالبس اوس ابہام پرتہٕ شاعری مُنہ لازمی تقاضہٕ باسُن یقین کامل کِس حدس تام ووتمُت۔ چنانچہٕ ونان اوس زِ شاعری ہنز لاٗب چھپہٕ ابہامچہٕ ڈولہٕ منز۪ے شوٗبان ع بکرِ لیلائے سُخن محمل نشین راز ہے شیرین ابہامے چھُ شاعری ترٛزھ شیرین دیوانگی بناوان زِ تیٚتھ گاٹلُ چھُ اَتھ مرٛزس نہ صرف رشک کران بلکہ اَمچہٕ تہداری تہٕ پہلو داری منز پنٕنی ترجمانی لبتھ انتہائی تسکین پراوان تہٕ ونان سہ

دیکھنا تقریر کی لذت کہ جو اُس نے کہا     میں نے یہ جانا کہ گویا یہ بھی میرے دل میں ہے

یِم کینہہ مثالہ چھنہٕ یہ پرزر بخوبی محسوس کرناوان زِ حق گوئی منز ییاکی ہند تھود فرضِ منصبی (شمشیر برہنہ آسنہٕ باوجود) ببرکتِ ابہام ادا کرن وٲلی شاعری چھِ مُردہ بستی ین منز میسحائی انجام دِتھ ہیکان تہٕ یہی کرامت چھنہٕ تہندِس دیدۂ بینائے قوم آسنس تصدیق تہٕ کران انسانی دردمندی تحت پنُن خونِ جگر چاوِتھ خوبصورت ابہام بارسس انٛن وٲلی شاعرے چھِ صاحبِ نظرن اَتھ یہ اعتراف کرناوان زِ "شاعری جُزویست از پیغمبری"۔ خوبصورت اِبہامچ بُنیاد خلوُصس تہٕ پاکیزہ خیالاتس پیٹھ آسنی چھنہٕ شاعری لافانی بناونچ ضامن۔ حافظ چھِ ابہامس لُطفِ سُخن ناوکرناوان تہٕ اَمیُک افادیت چھُ یہ زانان زِ اَمی برکتہٕ چھُ تسند شعر معرفتُک دیوان خانہٕ بنتھ ہیوٚکمُت۔ ایجازس نفس دلکش ناوکرِتھ چھُ ونان سہ شعرِ حافظ ہمہ بیت الغزلِ معرفت است آفرین بر نفسِ دلکش و لُطفِ سُخنش ایجاز تہٕ ابہام چھِ لازم و ملزوم۔ حافظس چھُ بمصداق ولی را ولی می شناسد پننہٕ ابہامس منز ملبوس معرفت پرزہ ناونہٕ خاطرِ ابہام شناس قارئینن ہنز طلب۔ ہُران تہٕ ابہامس تام عام قارئینن رسائی نہ وُچھتھ چھُس یہ ونُنگ ییرہٕ لوان زِ میانی اکثر پرن وٲلی چھِ معرفتہٕ نشہٕ محروم۔ باک چھُ زِ تِمن سہ

معٔرفت نیست درین قوم خدایا سببی      تا برم گوہرِ خودرا بخریدارِ دگر۔ حافظ چھُ پننس
ایہامس "سخنِ سربستہ" ناو کرنہٕ علاوہٕ "خوبصورت مُعما" تہٕ ونان۔ سُہ چھُنہٕ میر تقی میرسٕندی
پاٹھی ایہامٕچ افادیت یژی زانان زانکہ برکتہٕ ہیکہِ شاعر نکھن والین حریفن دیدمان ہمرازن شیچھ
واتناونہٕ باوجود گرفتس یا تعذیرس منز رٹنہٕ یِنہٕ نشہٕ بچتھ بلکہ یتھ پاٹھی شری پننس کمزورِ حریفس
محض امہِ حرکژ بتہٕ تہٕ وآراگ تہٕ ہیکہٕ ہٲژن لارناوان چھِ زٕ بلٕ چھِ اکھ اکس کنس کن اُمس
نوان ییتھ زن ہُمس چھُنہٕ فکری تران زیمو کوٚہ کتھ آرِ مٕتے خلاف وُنی مزٕ۔ امہِ کتھ ہندِ حوالہٕ
چھُ حافظ ایہامس ترتھ آفن زانان یوس زاہدِ خشک حریفس شرٕ بُرژ دامس منز رلاوِتھ امہِ غرضہٕ
چاوہٕ چھنہٕ یوان زِ سُہ چھُ پانے پننس دستارِ مبارکس گندنس پیٹھ واتان۔ حافظس چھےٚ ایہامس منز
ہمیشہٕ ترتازہٕ روزن واجنہٕ شاعری تیتھ آبِ حیاتک پیالہٕ باسان ییمک ہموس خود سکندرس تہٕ رٕود
مگر ایہامس چھےٚ یم خصوصیژ تیلی حاصل سپدان ییلہِ اتھ ایجاز اتھ رٔوٹ کرِ یعنے ییلہِ یہ کم لفظن اندر
زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ معانی پیش کرنٕچ پختگی پراوِ۔ یمن سارنی خصوصیژن ہنز نشاندہی چھُ اکِ ژھوچہ
بحرِ ہنز غزلہِ منز حافظ یمہٕ آیہٕ کران۔

ع   الا ای طوطیِ گویائے اسرار     مبادا خالیت شکرّ زِ منقار
سخن سربستہ گفتی با حریفان     خدارا زین معما پردہ بر دار
ازان افیون کہ ساقی در می افگند     حریفان را نہ سر ماند نہ دستار
سکندر را نمے بخشند آبی     بزورِ زر میسر نیست این کار
بیا و حالِ اہلِ درد بشنو     بلفظِ اندک و معنیِ بسیار
بمستوران مگو اسرارِ مستی     حدیثِ جان مگو با نقشِ دیوار

آخری شعرس منز چھُ حافظ کم فہم تہٕ کج فہم نقادن زٕہ خاص ناو دِوان۔ ١۔ مستور یعنے یمن
سطحی طور پژی متی یا بوزِ متی کرژ تام گرٕ بطور گردان یاد کرِتھ خود فریبی تحت امہِ کتھ ہند کانہہ
غم آسنہٕ زِ تمن نش ما چھےٚ یزرگارنٕچ تہٕ بزرس تام رسائی بنچ حقیقتے ژٕورِ۔ تصوفس منز چھا می

خصلتہٕ کِس خود فریب غافلس مستوٗر وَنہٕ یِوان ۔ دوٚیم ناو چھُ حافظ تمن نقشِ قالی یا نقشِ قالین تہٕ ژُھرمُٹ وَنہٕ بجایہِ "نقشِ دیوار" وَنِتھ دِوان ۔ یہِ طنز چھُ بجایہِ خود اکھ زہر خندہٕ۔ اَتھ پیٹھ ہیٚکہِ بیٚن وۄتھنے کرنہٕ یِیتھ یہِ کتھ زیرِ بحث یِیہِ زِ مشرقس منز کیاز ہیٚکیہٕ تنقید بحیثیت اکھ فن ترقی لُبتھ ۔ اقبالؔ ژ چھُ حافظ بنٛدن ابہامس متعلق خیالاتن حرف بحرف تائید کران باسان یِلہِ سُہ وَنان چھُ زِ ٹاکارہ پاٹھۍ، ننٛگ پاٹھۍ یا ننٛگہٕ پاٹھۍ وَنہٕ بجایہِ نازنیٖن کتھ شعرس منز پردہٕ دار طریقہٕ پیش کرنُس اندر چھُ باکمال شعرُت رَتھ کھنٛگ رازِ مضمر آسان ۔ سُہ چھُ یتہِ وَنان زِ پردِ بچ حقیقت زانَن والین خلوت پسندن تہٕ عصمت شعارن چھیٚنہٕ تاشہٕ وانہٕ ہنز ننٛگہٕ مژہٕ ہِشہٕ کتھ ہرگز قبوٗل ۔ اقبال چھُ ابہامکۍ اظہار (تمن رمز و ایما ناو دِتھ) مزید روشن کران یمہٕ آیہِ

> برہنہ سخن نگفتن کمالِ گویایی است    حدیثِ خلوتیان جُز بہ رمز و ایما نیست

یمن گوڈنیکۍ شعری مجموعہٕ پرنوشان ۲۵ ؤرشہٕ دآنہِ منز ترتیب دِنہٕ وِزِ اوس میٚتہٕ پیٚتھ خلوت پسند اظہارن سُہ مرحلہٕ تہٕ لمحہٕ فکریہ پیش اوٚنمُت یمہِ اقبالؔ مُرشدِ خلوتس برونٛہہ کنہٕ یہِ ونُنو مُت اوس ؎

> وقت برہنہ گفتن است من بہ کنایہ گفتہ ام    خود تو بگو کجا برم ہمنفسانِ خام را

چنانچہ اوس میٚتہٕ کینژن برہنگی پسند ہمعصرن پیٚٹھ لوکٹہِ تنقیدی شعورُک تعارُف سرنامس منز پیش کرنہٕ علاوہٕ ابہام شناسی ہُند مشفقانہٕ دعوت یمن لفظن منز دیتمُت ؎

> یَس وُچھُن تگہِ ژُندرس اندر آفتاب    سپدِ ابہامکُ حسُن تسُے جلوہٕ گر

ابہام پرورِ اظہارکہِ مارہٕ مَتہٕ بارس پیٚنہٕ واجینہٕ شاعری تہٕ محض خیال آفرینی تھیٚنہٕ پیٚنہٕ واجینہٕ شاعری چھیٚنہٕ کنہٕ کور اکھ اَکِس نِش مختلف آسان حقیقی عشق تہٕ فنِ شریف چھیٚنہٕ خیالچہِ مہر تِنہٕ بے پردہٕ تھونٛگ روادار توے دوٚپمُت ؛

> مارہٕ مَتہٕ پرِ زلاو مرغو بس ژہٕ فن    نوٗرہٕ روٗس طوٗرا خیالن ہُند تحرز

ضِمناً یِتھ اکھ حوالہٕ دِنچ مجبوٗری آیم یہِ کتھ واضح کرنکہِ غرضہٕ پیش زِ ابہامی گیٹ چھیٚنہٕ ہم معنے باسنہٕ

باوجوٗد فنِ شعرس منز ابہامکہ تمام حسنٕک احاطہٕ کرن وول لفظ۔ خالص فارسی شاعری ہندِس تناظرس
منز چھےٚ مے ابہامکس فصاحتی پہلوٗوس بٔتیہٕ رٔژھاوِتھ وٕڑھنے کرٕنچ ضروٗرت باسان۔ یہاز اکرو اُسہ
بٔتیہٕ اکھ لیڈ دولت شاہ سمرقندی ہندِس تذکرس منز درج اکس قدیم تہٕ عظیم شاعر عنصری ہندِ حوالہٕ
یہ کتھ واضح ژوٗرمہ صدی ہجری دوران سلطان محمود غزنوی ہندس ملک الشعرا، عنصری یس چھُ
دولت شاہ حسین ابہام گوئی ہندِ حوالہٕ "لایم گوی" تہٕ سنجیدہ فکر و فنکی ساری تقاضہٕ ملحوظ تھون وول
ملک الشعراء آسنکِ حوالہٕ "متین سخن" تہٕ ناوکران یتہٕ چھُ بنیس اکس بہلہ پایہ شاعر منوچہری ہند عقیدتمندانہٕ
قصیدکی تم شعر تہٕ یہ ہاونہٕ خاطرٕ پیش کران زِ عنصری اوس شاعری منز بے تکلف تہٕ حیران کُن سادگی
سان بنیہٕ فضیلت یا درگہٕ پاٹھی بنیہٕ ابہامہ والہٕ اسلوٗبچ (طرزِ اداہچ) فضیلت مانِنراوان عنصری یس
متعلق منوچہری ہندی شعر چھِ یِم۔

شعر او چون فضلِ ادہم بے تکلف ہم بدیع — مفضل او چون شعر او ہم نازنین وہم حسن
تا ہمے خوانی تو اشعارش ہمے خایی شکر — تا ہمے بوئی تو اشعارش ہمے بوئی سمن

اگر دوٚیم شعر فارسی قصیدکس رلؤاتی پس منظرس منز اَمہٕ رنگہٕ مبالغہ آرایی ہند آئینہٕ دار زانون زاٚتھ
منز چھُ عنصری ہندی شعر پران آسس منز۔ قند بانسگ تہٕ عنصری ہندٕن لفظ و پیکرن مُشک ہینہٕ
سیتی ہی تہٕ ببر ہند مُشک ینگ ناقابلِ شرح قولہٕ محالچ پیش کرنہٕ آمُت مگر گوڈنکہ شعرُک مطلوٗبہٕ
مفہوٗم چھُنہٕ یہ معلوم پٔز رلحوظ تھوٚتھ مبالغہ باسان زِ روٗدکی بنیہٕ۔ سہل گوئی برعکس چھُ عنصری فارسی
یس منز ژِکہ ابہام واجنہٕ شاعری ہند ثانی کارنامہٕ پوان۔ یتھ روٗد یہ متضاد باسہ وُن اعلان زِ
اکس ابہام پسند شاعرس چھُ بے تکلفی تہٕ حیران کُن سادگی ہند علمبردار تہٕ وَنہٕ آمُت دوٗر گژھنچ
چھُنہٕ ضروٗرت اَتھ سلسلس منز کرو اُسی کاشر شعری سرمایہ اندرے اکھ زہ مثالہٕ پیش یتھ زن
یہ کتھ روشن پیٚنہٕ شعرُک خوبصورت ابہام چھُ دقیق تہٕ مغلق لفظو بجایہ آسان لفظن منز تہٕ
بجنہٕ کارانہٕ تخلیقی عمل سیتی بادہ ہمکان پیدہٕ تھ صا بنہٕ چھےٚ ابہامچ بہترین توجیہہ یہ وُنتھ پیش کرمژ

زِ یہ چھُ حُنکُ یا حسین موضوٗعک درپردہ کھوٗتہِ منز یُن مگر تتہٕ پأٹھۍ زِ ینٕنۍ ادب شناس عشق چھُ اَتھ حُسنَس یا پیکرِ حُسنَس کھوٗتہِ منز ژٕٹھتہ تہٕ کھٹنَس مجبوٗر۔ عشق حُسنَس کھٹنۍ روزُن چھُ محال۔

؎ حُسن ہرچند کہ درپردہ درآغوش آمد
ادبِ عشق محالست کہ مانع نشود

گویا سہل ممتنعس منز تہٕ ہیکہِ خوٗبصورت ابہام پیٚش یِتھ مثلاً شیخ العالمؒ سُند یہ سہلِ ممتنع ؎

تلہٕ چھے زیٚنۍ تے بیٚٹھ چھُکھ ژٕشان
دیتہٕ مالہِ وہ نِدہ کیٚتھ پٕژان چھے۔ اَتھ سادہ استفہامیہ اظہارس منز وُرتاونہٕ آمُت لیُن لفظ ابہامُک مرکز چھُ تہٕ چھُ "زیٚنۍ" تکیازِ لوٗغاتس منز چھِنہٕ اَتھ زٕ معنے یا مشکل معنے کٕنۍ۔ مگر شعرس منز یتھ چھے اَرِمہ معنوی صوٗرت سیٹھاہ توجہ طلب یمہِ کنۍ فوراً تہٕ قطعیت سان یہ وَنُن مشکل چھُ باسان زا یہٕ چھا اَتھ لفظس قبر تہٕ قبرِ ہندِ حوالہٕ مُستقبل قریب ژٕتس یا وُن مُراد کیٚنہٕ روان وقتس (حالس) منز پُر خطر، پُر فریب تہٕ پُر کشش مادی زندگی ہُند پٕتھ ژٕھل تہٕ پڑاو کیٚنہٕ یتھ کالہِ کرٕ متہٕ وعدکِ حوالہٕ پانہٕ سالہِ انہٕ مُژ کیٚنہٕ بلایہ ستیٚ دوٗستی کرنک نتیجہٕ۔ ذٕلو اَتھ اَکِ بے لفظس منزہ چھے گنجأیش یِم ساری مفہوٗم اخذ کرنیٚچ یمہِ کنۍ اَکہِ تحاطیچ فضا سیٹھا خوفناک تہٕ گھمبیر چھے باسان۔ تہٕ دوٚیمس مصرعس منز مُشفقانہٕ "دیتہٕ مالہ" یا "ونہٕ مالہ" ہوی لفظ چھِ معاملہٕ بیٚنیہ ہن غور طلب تہٕ سنجیدہ توجہکۍ مُتقاضی باسان۔ یُرن وول اَمہِ آیہ اُکس ناقابلِ بیان صوٗرتِ حالس منز آورنہٕ یُن تہٕ واریاہن غوطن گرٕھنۍ چھُ ابہامُک بجر تہٕ اثر بمصداق ع

جادو وہ جو سر چڑھ کر بولے۔ شیخ سعدیؒ ہُندِ ن لفظن منز چھُ پیام اہلِ دل خاصکنۍ کیٚتھ آسنہٕ سببہٕ ابہامسے منز شوٗبان وٕنان چھُ ؎ پیام اہلِ دل است این خبر کہ سعدی داد

نہ ہر کہ گوش کند معنیٔ سُخن داند۔ ایجاز ابہامس لہِ آسنُک ثبوٗت چھُ کم کھوتہٕ کم لفظن منز۔ کانہہ بُڈ صورتِ حال اَکِہ یکہٕ وُنہٕ ریلہٕ ہندی پأٹھۍ بروٚنٹھ کُن اَنُن۔ نی تون بیاکھ مثال محموٗد گامیؒ سُندِ اَکہِ وژنہٕ منزہ۔ ع کر سا میون نیاے اَندے مٲری منٛدے مدن وارو۔ اَتھ مصرعس منز چھُ ابہامُک مرکزی لفظ زیادے ٹاکارہ پأٹھۍ تۅن سُہ گوو "نیاے" لفظ۔ اَتھ تہٕ چھُ لوغاتس منز اَکے معنہٕ

تہٕ ابہام کس پرٛتھ مرکزی لفظس چھ اکثر اکۍ معنے آسُن لازمی۔ تاثرٕ تہٕ روز اکثر صوٗرژن منز اکوے البتہٕ بنہٕ امہٕ کِبن جمالیٲتی پہلووٕن تہٕ شعر شناسس نش یا تٔھسند بصیرتہٕ والہٕ دلچہٕ نظرِ نش اکھ یکہٕ وۄنۍ رواں رِیل۔ تکیازِ تمہٕ اکس خاص سطحس پیٹھ چھ پرٛتھ پیکرِ جمالکۍ پاٹھۍ "ڈِیاے" لفظ مبہم۔ اول امہٕ رنگہٕ زِ شاعرن چھ یہِ نسوانی لب و لہجس منز پیش کوٗرمُت یُس تہٕ اکِ دردمندانہٕ اپیلہٕ ہُند مرکزِ فریاد بناوِتھ۔ یمہٕ کِنہٕ گوڈنکس سطحس پیٹھ یہِ فقط اکھ انفرادی اپیل بنتھ رِیلہٕ ہُند اکھ حصہٕ بروٚنٹھ کُن چھ انان یعنے امِس خاتوٗنہِ کِس ڈِیاے بنیو مدنوارس آلو دِنک باعث سُہ ہیکہٕ ہشہٕ ہنز سخنی ہُند ڈِیلے تہٕ اُسِتھ۔ سماجہٕ کہٕ زبدہ آنک ڈِیاے تہٕ اُسِتھ۔ یتیس ستۍ جبری نکاح کرنس پیٹھ آمادہ زٕٹھن ہندِ بضدِ روزنُک ڈِیاے تہٕ اُسِتھ بیترِ۔ مگر امہٕ پتہٕ چھ یُہے بیک وقت سہل الفہم تہٕ مبہم باسُن وول لفظ اکھ آفاقی اپیل آسنۍ رِیل ہاوِنی ہیوان تہٕ قومی ڈِیلے بین الاقوامی ڈِیاے بلکہ بحیثیتِ مجموعی زندگی ہُند ییرتھ مسلہٕ حل طلب تسکلہِ منز ڈِیاے باسناوان تہٕ یِرن واکۍ ہندِس دلس تیٚتھ آوراوان زِ سُہ چھ شاعر ہٕندِس ڈِیاپہ لدکردارس بروٚنٹھ اُتھ منز بِنہٕ مناجاتچ گرٛز بوزنی ہیوان، خیر وہ ذکرو اُسی شعرس عظیم تہٕ لافانی بناون والہِ تخلیقچ تہٕ استعاراتی عملہِ ہنز۔ تہٕ مختصر کتھ مشرقی ادبیات خاص کرِتھ فارسی شاعری ہندِس تناظرس منز۔

**٭ زبان، تخیل تہٕ استعاراتی عمل :-** اکھ زبان چھےٚ تھرٕ تخیلی تہٕ استعاراتی عملہٕ ستۍ شہکار بنان۔ مگر امہٕ عملہٕ ہُند تھوٚد عرفان چھ تخلص تھوٚن والین ہندِس بمشکل اکس فیصدس حاصل ییدان۔ امہٕ تاکیدی کتھِ باوجود زِ۔ مشرقی زبانن منز چھ شاعر سُند ماہرِ زبان (زباندان) آسُن اکھ پیشگی تہٕ بنیادی شرط مانہٕ یوان مگر یہِ عرفان ہیکہٕ نہٕ کانہہ لوغات یاد کرنہٕ ستۍ حاصل کرِتھ بلکہ لفظن ہُند تخلیقی استعمال ہیچھنہٕ ستۍ۔ لوغاتی لفظ عرفان گوو بہترین بزازِ بازرہ منزہ مہرازہ سوٗٹہٕ خاطرٕ بہترین کپر ژارتھ ہیکُن تہٕ ملی ہینس لایق بنُن۔ پتہٕ اُتھ کپرس شہکار سوٗٹ بناونہٕ خاطرٕ چھ اکھ اعلیٰ فنی تصور وول ماہر پشہٕ درکار آسان۔ یُس مولہِ کھوتہٕ موہلس کپرس اکس خاص اعتمادس تحت ژرٕ کیٹ کرنس تہٕ کانہہ وایہ چھنہٕ برٛان تہٕ اکس

خاص مہارتس تحت تتھ مہارژہ ہندِس قدِنازس شفقہٕ ژھٹناون دول سوٗٹ تہٕ شوان چھ تہٕ یُس اکہ پھِر
مہارژس وُچھنہ پیتہٕ یا پشر ٹکنہ بیتہ نہ لَس اُچھن برونٹھ کنہ رٹنس محتاج چھُ روزان تہٕ نہ تمہٕ قیمتی کپرچ
دجہ ریلہٕ نظرانداز کرنس وایہ چھُ بران ۔ زبانٹی یا لفظن ہندِس حاصل شُدہ قیمتی کپرس ژھٹیچ تہٕ وانیچ
اہم کاٗم بخیر وخوبی انجام دِنہٕ دول ماہر سپشر چھُ استعارٲتی عملہٕ ہندُسہٕ عرفان یُس اکہ لٹہ قد وُچھتھے
یوت مہارژہ ہنز امکانی ملبوس شکل ژرژتھ ہیکن والہٕ تخلیکہٕ مدہ ستی سہ مرتبہٕ پراوان چھُ یُس
مرتبہ غنی ہندین لفظن منز خطرپسند قومس یا فردس کاڈ کڈناون واٲلس آشوب زمانہٕ کس ماہر
سپشرس تمہٕ آیہ حاصل چھ سیدان زرُ چھ بزاز بازر کپرُ تہٕ سپشر ہیتھ شاعر بندِ ہمہ جہت داخلی
شخصیتکی پاٹھی سورُے پانے باسان ۔ تیلی چھ پانس پانے یتھی دِلاپہ دِوان ۔

؎ گر فلک کارِ ترا برہم زند از جا مرو   جامہ را خیاط ساز د قطع بہر دوختن ۔ حافظ چھُ تخیلس
منز آمس قدِنازکس پیش نظر ملبوس وجوٗد ہوس مضموٗنس مرغ فکر ناوکران تہٕ تتھ نہ ژلنہٕ دِنہٕ واٲلس
استعارٲتی گرفتس طرہ محبوٗبکٕ علی ولوہار ناوکران اُتی چھُ ونان ؎ ہر مرغ فکر کز سرِ شاخ طرب بجست
بازش ز طرہ تو بمضراب میزدم ۔ تخلیقی زبانٹی ہنز استعارٲتی عملہٕ ہند تصوٗر زبانی منز آسنہ زبانی منز
زانگ عرفان چھُ حافظس وناوان ؎ یکیست ترکی و تازی درین معاملہ حافظ

حدیث عشق بیان کن بدان زبان کہ تو دانی

تخیل تہٕ استعارٲتی عمل چھِ لازم و ملزوٗم چیز بلکہ تتھ اکی سنگ یار ہکی زہ روخ یمکہ چھِہ لگنہٕ ستی کُنہ تہٕ
اثر پذیر دُسنہ (معدنی دھاتہٕ) ہوٗ موضوٗع تہٕ سوہ نہ کھوتہٕ موٗلہٕ بنتھ چھ ہیکان ۔ تخیل چھُنہ فقط پانہٕ
دُبھہ ہندی پاٹھی محسوس خیالن تھرہ بخشان بلکہ چھُ مشرقی ادبس منز تخیل تھرہ بیٹھ پرز نظر کڈنک
ادراک تہٕ تھرہ راوان ۔ شاعر سُند تخیل چھُ اکھ نوٗر بخش دول روشن شمع ییلہٕ زنِ قاری سُند ادراک اکھ نوٗر گارن
دول پوپنپر چھِ ۔ تکیاز تخیل کی پرتوہ چھ نورِ ادراک نورِ بصیرت بنتھ ہیکان ۔ مشرقی ادبی جمالیاتہٕ کِہ
عقیدہ موجب چھُ تخلیقی صلاحیتہٕ دول تخیلے تمہٕ الہامُک گنج سلطانی لبتھ ہیکان تہٕ فخر یہ

باوتھ حافظ ہندس یتھ شعرس منز سبز مرچ چھے

من کہ دارم درگدایی گنجِ سلطانی بدست / کے طمع درگردشِ گردونِ دون پرور کنم

غالبس تہ چھ تخیلک تہ استعارک سرمایہ امی قسمک اعتماد بخشان ؎

زنجم گر بصورت از گدایان بوده ام غالب / بدار الملک معنی می کنم فرمانروایی ها —!!

غنی ہند تہ حافظن پاٹھی چھنہ غالبس تہ ہنز عالیشان تہ عالی مرتبت تخیل کمینن تہ نابکارن پرورش کرن والین پُر آشوب حالاتن منز حوصلہ شکنی تہ پسپائی قبول کرنہ دوان بلکہ چھس تھد تخیلک تھر۔ استعاراتی علم آشنا آسُن ہنز صحیح قدیمہ آیہ متعین کرناوان ۔

؎ ہوں گرمیٔ نشاطِ تخیل سے نغمہ سنج / میں عندلیبِ گلشنِ ناآفریدہ ہوں ۔ یوغاتس منز ہیکہ تخیلک معنہ صرف خیال ورتاوس منز انتجہ کامہ تام محدود زانہ یتھ۔ محدود لسانی شعور تھون والی تہ ون تخیل گو خیال یا قیاسچہ کوہ منز کانہہ چیز انُن ۔ حالانکہ تخیل چھ قیاسچہ کوہ منز اُننچ کوشش آسنہ باوجود حاصل قیاسس تخلیق نمائی ہنز سو تحریک تہ یوسہ بیشِ نظر تخلیقہ ہند ہیولی پتھ تیار کران ۔ حافظس چھ تھدس تخیلس تہ تھر۔ استعاراتی علمہ ہندس اشتراکس تھنہ پیومت شعری سرمایہ سُہ جامِ جم باسان یمیک اندازہ تھد تخیلہ نشہ محروم کانہہ شاعر لاگتھے ہیکہ نہ ۔ چنانچہ چھ یتھی ہے نیبہ بودس تہ نیبہ بوکس گوہ ماتس کُن ونان ۔

؎ گوہرِ جامِ جم از کانِ جہانِ دگر است / تو تمنا ز گلِ کوزہ گران مے داری

یمہ تہ نس چھ اکس نکتس خاص پاٹھی سن زیس شاعری ہند شوق آسنہ باوجود تھد تخیل لنہ یپارى آسہ تس ہیکیا تھد تخیل والس شاعر سند کلامہ پرن تہ سمجھن کانہہ مدد کرتھ ؟ واقعاً ہیکس امی اکہ چیزہ ہتی داریاہ مدد بیدتھ بشرطیکہ سُہ کر اتھ معاملس منز سنجیدہ مطالعک تہ پختہ کار شعر فہم اُستادن ہنز نکتہ دانی استفادہ کرنک حق ادا۔ دیسے پتھے تھد تخیل والس شاعر سندس کلامس منز یہ خصوصیت اوری گُتھ آسان زِ سُہ چھ پرن والی ہندس جذبس تہ تخیلس

برانگیخت یا کم از کم بیدار کرِتھ ہکان تہٕ ژوٗر توجہ دِنہٕ والِس یا اکھ کھوتہٕ زیادہ لٔطہٕ سٕہ کلام پَرن وآلِس چھِ شعر فہمی ہُند ارتقا جمال شناسی منٛزٕ اضافہ کرِتھ عطا کران ۔ پَرن وآلِس حظ تہٕ سروٗر واتناونہٕ رٔنگی رٔژ آگہی میسر کرٕنی یا رٔژ ذہنی تربیت کرٕنی چھےٚ مشرقی شاعرن پننی خاص ذمہ داری باسیمژ۔ بلکہ چھُ اِفادیتکی اُمی شعوٗرن اِنَّ مِنَ الشِّعرِ لَحِکمَۃ ہِو حدیثِ پاکُک مفہوم سُخن ہیمن پیٹھ یٕژ روشن بنومُت یمی حافظ رٔژ آگہی تہٕ رٔژ تربیت بہم کرن واجنہٕ تخلیقیہٕ استعاراتی آوازِ "صدای سخنِ عشق" ناو کرِنوونہٕ اَتھ انسٲنی کلامچ بہترِین قابلِ یادگار خصوٗصیت وننوو:۔

ع از صدای سخنِ عشق ندیدم خوشتر  یادگاری کہ درین گنبدِ دوّار بماند

چونکہ رِنس شاعرس چھ پننہٕ قاری شریکِ تجربہ کرنُک اکھ غیر شعوٗری مگر زوردار امار تہٕ شاملِ تخلیق آسان ۔ لہٰذا چھُ تُسند تخیل عوامی زبٲنی ہند تخلیقی ورتاو زیادہ کھوتہٕ زیادہ معروٗف روزنہٕ کِس طریقس تحت کران ۔ اَتھ منٛز یُس چیز تُسنٛز تخیلی تہٕ استعاراتی عملہٕ یہ اضافی مقصد پوٗرہ کرناوان چھُ سُہ چھُ سماجی شعوٗرُک ماحصل طنٛز۔ تہٕ شاعرانہٕ بصیرتُک ماحصل رمز و کنایہٕ یمے چھِ بناس تخیلیچ حسین تأویل (Beautiful interpretation) یہ کرامہٕ نوکیچ نزاکت قابلِ فہم بناونہٕ خاطرٕ حافظن سُہ شعر پیش یتھ رسا جاودانی ہوی جمال شناس شاعرن کاشرس منٛز اَپنٕز شعوٗری یا غیر شعوٗری پٲژ کوٗشش کرمٕژ چھےٚ ۔ حافظ سُند شعر چھُ ع

فقیہہ مدرسہ دی مست بود و فتوی داد  کہ می حرام ولی بہ ز مالِ اوقافست

شعرُک لفظی مفہوم چھُ یہ زِ یوٚہ اوس شرعی قانوٗن ہُند ماہر تہٕ محافظ مانہٕ آمُت مُفتی صاب یانہٕ تہٕ چھولومُت یمہٕ کٕنہِ یہ پوز فتوی تہٕ ینٛون دِتھ زِ شراب چوٚن چھُ بے شک حرام مگر توتہٕ چھُ اوقافُک مال کھینہٕ کھوتہٕ بہتر۔

رسہن سماجی شعوٗر چھُ ہنا ظاہری پأٹھی اَتھی موضوٗعس یمہٕ آیہٕ پیش کران:۔

ونان زاہد سٹھاہ رد بد شرابس!  حُقُ اَلناٹک نہٕ غم پرہیز آبس!

تھد تخلیک امار شکلاون وول اِستعارہ چھُ بعضے ہنٛز عالمگیر شناخت متعین کرناون والین وارٕیاہن
دوٗر از کار کتھن منٛز غرق کران۔ کینٛہہ توجیہہ کار چھ استعارس منٛز ہشر گارنہٕ کین عواملن
غیر شعوٗری طور تشبیہہ کین سرحدن اندر واتناوان تہٕ کینٛہہ چھِنہٕ استعارس منٛز کارفرما تضادکین
عناصرن صنعتِ تضاد بناونس تہٕ مندچھان۔ توجیہہ کاٲری ہنٛز یہ کوتاہی چھےٚ مغربی نقادن
خاص کرِتھ ارسطو سندِن فلسفیانہٕ بحثن ہند علمی ولوہار حتمی زانٕنچ غلطی ہند نتیجہ باسان۔ تکیازِ
تتھ منٛز چھےٚ ژورن چیزن ہشراونٕچ عمل تہٕ کارِ ہتی تُر پھرو تھ کُن رٔٹنٕچ عمل باسان (یِمہِ خاطرٕ
اکھ عظیم فلسفی مارُن ووتنہٕ) تہٕ متضاد عنصرن ہنٛز معنوی جہت ہش بناونٕچ تاویل تہٕ چھےٚ
ارسطو وس نش ادبی کھوتہٕ زیادہ فلسفیانہٕ توعیتچی۔ بہر حال مشرقی شاعرن ہندِ ذریعہ سپدمتہٕ
استعارکہِ خوبصورت، علمی ولوہارچہِ موجودگی منٛز یژہنہٕ یہ خالص ادبی چیز (استعارہ) فلسفیانہٕ
تاویلن آویزہ بناوُن۔ خاص کرِتھ یہ یژر ملحوظ تھوٗتھ زِ استعارہ چھُ اکھ متبادل ابلاغچ وتھ کانٛسراونہٕ
علاوہ جذبن تہٕ ژوین ہندِس اظہارس خاص قوت بخشنٕچ سبیل تہٕ بنان۔ یِمہٕ کنہِ استعارچ
ترکیبی ہیٔت اُکِس ادبی شہکارس منٛز تتھ کنہِ شبقہ نشاندہی منٛز۔ اتھ ہنیکہ یتھ یِمہ آیہ کانٛسہٕ
کاریگر وستہ ہندِس شہکار چیزس، نقشس یا ایجادس منٛز تمچ ترکیب تہٕ علمی کارگذاری پرٛژہ
تام گژھنہٕ سپدِتھ اتھ ہیکہ یتھ۔ ماڈرن رِٹورک (Modern Rhetoric) ناوچہ کتابہِ ہندن مشترک
مصنفن (برُوکس تہٕ وٕرین) ہند یہ ونُن چھُ صحیح زِ استعارہ چھُ غیر واضح اندازِ گفتگو باوجود
تجرباتن ہنٛز ترجمانی ہند اکھ ناگزیر آلہٕ کار۔ امہِ کھوتہٕ اہم کتھ چھےٚ ڈبلیو ایم اربن سنٛز
Language and reality ناوچہ کتابہِ منٛز یِمہ اظہار برآمد سپدان زِ استعارہ چھُ حقیقتہٕ
نشہٕ رُژھ کھنڈ ادرہ یور امہِ غرضہٕ ڈلُن یُتھ زن بیٚش نظر حقیقتک عرفان قابلِ شناخت بنہٕ۔
حافظنین استعارن ہند مطالعہ چھُ بیاکھ نکتہ یژ پاٹھو واضح کران زِ استعارہ چھُ کم کھوتہٕ کم لفظن
منٛز واریاہ کینٛہہ وہیراونٕچ کرامت ہاونہٕ علاوہ زبانی ہندِس تخلیقی ورتاوس یا بجائے خود زبانی

ہنٛدِس لفظہٕ سرمایس نوٚن اُفق تام رسٲیی ممکن بناوان۔ یا اگر استعارن منز عام زبانۍ ہنٛدی پامال
الفاظ تہٕ ورتاونہٕ یِن پختہٕ کار شاعر سٕندِ تخلیقی کرامت حصہٕ یتھ چھ تم تہٕ اظہارچہ نوٚ توانٲیی ہنٛدی
اِمکان برونہہ کُن انان۔ مثلاً حافظنِس یتھ شعرس منز ؎ کس چو حافظ نکشاد از رخِ اندیشہ نقاب
تا سرِ زلفِ عروسانِ سخن شانہ زدند۔ بظاہر چھ تخیلکہ بُتھ پیٹھ نقاب وتھنگ نظارہٕ محسوس کرناون
وٲلِس اَتھ شعرس منز رُخ۔ اندیشہ، نقاب، زُلف، مہرٕنۍ۔ کتھ تہٕ گفتگو ہوی عام تہٕ پامال
الفاظے ورتاونہٕ آمتی۔ یتھے پاٹھۍ غالبنِس یتھ شعرس منز۔
؎ گُلت را نوا زگِست را تماشا تو داری بہاری کہ عالم ندارد۔ اَتھ شعرس منز استعارچ
عمل رُتھ کھالن وٲلی الفاظ تہٕ چھ بظاہر عام تہٕ پامال مثلاً گُل۔ نوا۔ نرگس۔ تماشہ، بہار تہٕ عالم
مُہے حالہٕ چھ اقبالنہٕ یمہٕ شعرچہ استعاراتی زبانۍ ہُند تہٕ ؎ دُنیا کو ہے اُس مہدیٔ برحق کی ضرورت
ہو جکی نگہہ زلزلۂ عالمِ افکار۔

**۱۱ اِدراک، اِلہام تہٕ اِظہارچ تیکنیک** :- ادراکُک عظیم ترین آلۂ کار چھ تخیُل یتھ پاٹھۍ
الہامُک عظیم ترین آلۂ کار عقیدہ تہٕ اظہارُک عظیم ترین آلۂ کار استعارہ چھُ۔ لو غاتس منز گوو ادراکُک
معنے کُنہٕ چیزس تام واتُن یا کانہہ چیز حواسن ہنٛدِس دٲیرس منز اَنُن یتھ پاٹھۍ زن ابلاغ کانہہ
چیز واتناوُن یا بوزن والین ہنٛدِس دٲیرٕ احساسس منز دٲخل کرُن گوو۔ شعر وادبس منز چھُ
اِدراک سنجیدہ تخیُلی سطحس پیٹھ توجہ تہٕ مطالعہ کرنچہ تتھ خاص عملہٕ ناو یمہٕ سِتۍ عام عقلی سطحہ کھوتہٕ
تھٔدی معنے تہٕ نکتہٕ ذہنس منز یتھ ہیکن۔ صایب چھُ اَتھ خاص عملہٕ حواسن ہنٛد حوالہٕ بطور تخیلہ
ادراک زانُنگ باس یمہٕ آیہ دِوان ؎ عشرتِ ما معنیٔ نازک بدست آوردن است /
عیدِ ما نازک خیالان را ہلال اینست بس / یعنے یِلہٕ اَیہ نازک خیال شاعرن ہُند ذہن کُنہٕ
خاص نازک معنیس تام واتان (یا تخیلکہ مدد سِتۍ رسایی لبان) چھُ اُتی پٔتہ چھے اَسہ تِژھے خوشی
حاصل پیدان یِژھ عام مُسلمانن عیدہٕ ہُند زُندر وُچھتھ حاصل پٔتہ چھے گژھان۔ شاعرانہٕ تخلیقی عملہٕ

منز چھُ اِدراک حساسیتہٕ چِھ اُچھن ہنز نظر بلکہ امہٕ نظرِ ہنٛد جوہر تلاش۔ مگر امہٕ نظرِ ہنٛد تلاشہٕ کس جوہرس یُس چیز خاص زاویہٕ نگاہ میسر کرنہٕ رٕنٛگ بنیادار بناوان چھُ سُہ چھُ تخیُّل۔ مگر کیٛتِن معاملن منز چھُ کانٛہہ سراپا نور پیکر وُچھتھ بِنادار اُچھن تہٕ پننہٕ کوتاہی ہُند احساس گنان۔ خاص کرِتھ اگر تتھ پیکرِ حُسنس نظارہ سوز پرٕدہ تہٕ زٕژہ وُتھان آسن۔ اَتہٕ ٹَس ہیکہٕ نہٕ تخیل تہٕ لگنہٕ پاٹھی اِدراکس بکار لگِتھ بلکہ پیٛلہٕ تخیُلَس تہٕ تھدِس اِدراکس تہٕ وُزٕلۍ جونٛطٕ لگِتھ پزھ چِھ نیٛرتھ ژلہٕ زِ سہٕ اگر یکسر موے برتر پرم + فروغِ تجلی بسوزد پرم۔ اَتی چھُ عقیدہ کِس لاشعوری کُناس (تھدِس اُرس) منز آرام فرما الہام حواسو ہیٛوَر وُچھ کھالِتھ ہیکنٛگ رفرفی امکان بنان تہٕ بقدرِ خلوص وِجدانس عقیدہ روشن کران۔ مگر وِجدانس تہٕ چھُ ببرکتِ الہام یہٕ امکان صِرف تتھ حدس تام حاصل سپدان یتھ حدس تام خلوصُک تہٕ عقیدُک تقدس شاعر ہنٛدِس دِلس منز (بزور وابستگی) قایم سپدمُت آسہٕ تہٕ عقیدس حُسنُک عکس ژٹنس قابل بناوِتھ ہیوکمُت آسہٕ۔ صایب چھُ وِجدانی اِدراک کِس تقدُس (حُسنس موافق زانٛنتھ) عقلی ادراکہ کھوتہٕ بالاتر چیز تسلیم کران توے چھُ حُسنِ کمال کِس جلوُس بزونٛھ کُنہ حُسنُک پرٕدٕل حجاب وُچھتھ تخیُّل نا رسانٛنس پیٛٹھ مجبور آسِنچ قرآنی شیٛچھ "لاتدرکہُ الابصار" کِس تناظرس منز یِمہٕ آیہٕ باوان سہٕ

بالاتر از ادراک بود مرتبہٕ حسن! ہر چہرہ کہ نتوان بنظر دید حجاب است۔ حُسنہٕ کِس رفرفی مرتبس نِش وِجدانٕچ وُچھ کھالنچ عرفانی تجسیم کٲری ہیکہِ نشرکِہن یتھین لفظن منز کُنہ حدس تام سپدِتھ۔ زٕ اگر بچھینہٕ ہنٛدی پاٹھی لاشعور کہٕ تھدِ آکہِ منزہ گہہ بگاہ عام جاناوارن ہنٛد فضایِنہٕ پٕھر دوٗر نوٗرٲنی فضہس منز چکرس نیرن وول الہام چھُنہٕ وِجدانٕچ پار دِ بیقرٲری تہٕ بے آواز چِھنہٕ زیادہ کالس محروم رسٲیی زروان لہ۔ اَتی چھُ پننہٕ خزانہٕ رازہ منزہ اَتھ ضرورت پوٗرہ سپدنُک اشارہ

---

لہ الہامُک تخیلس گہہ بگاہ پزنُے چھُ علامہ اقبالس تشبیہاتی عملِ تحت اکھ شاعر تیٛتھ زٕتنہٕ کیوٗم باپہٕ ناوان یُسہٕ پرٕ توگاہ دیدنی بنان تہٕ گاہ برآمد نہٕ سپدنہٕ کِس نتیجس منز نادیدہ رُوزِتھ غیب چھُ گژھان۔ علامہ سنٛدی الفاظ چھِ سہٕ کرم شب تاب است شاعر در شبستان وجود در پر و بالش فروغے گاہ ہست و گاہ نیست۔ اکھ شعرس منز شاعرس وجودکہ شبستانٕچ گاشہٕ پٕزٕ (تلہ وانٛنی) ناوکرنہٕ یِنۍ چھُ سیٹھاہ غور طلب اظہار۔

بہم کران ـ وجدانہ خاطرہ چھُ الہامُک یہ اشاراتی فیض بجایہ خود اکہ خداداد خزانک درجہ تھاوان۔ وِجدانچہ تہٕ اِلہامچہ تجسیم کأری ہنز اَتھ کوٗششہِ تصدیق کرناونہٕ خاطرہ گژھو اسی بیٚیہ تِمنے عظیم غزل گو فارسی شاعرن نِش ـ

غالبؔ چھُ الہامکہ برکتہٕ حاصل سپدن وأکس فیض نظرس خاص دانش ناوکرتھ بجاے خود اکہ خزانک درجہ آسنس یمہٕ آیہ باوتھ کران ؎ دانش و گنجینہ پنداری یکیست / حق بہان داد آنچہ پیدا خواستم ـ اقبالؔ چھُ اِدراکُک تسلسل قایم روزنس رازِ حیات ناوکران تہٕ اَتھ شاعر ہندِس دِلس بارسس انٛ وول ساز قرار دِوان ؎ موج اِدراکِ تسلسل زندگی است می کشان را شورِ قلقل زندگی است ـ

حافظؔ چھُ تقدسِ عقیدہ تہٕ اخلاص و پاکدامنی کنہٕ وِجدانس انہرش کوٚرہِش فکر بُلند ناوکران تہٕ وَنان ؎ دخترِ فکر بکرِ من محرم مدحتِ تو شد۔ بیٚیہ اکہ طریقہ چھُ حافظ صاٚبنی پاٹھو حُسنِ کمال" اِدراکچہ رسأیی ہنز آسنچ یہ کتھ وَنان زِ وجدان تہٕ اِلہام تہٕ ہیٚکہٕ اکہ حدہ علاوہ فیضانِ حسن لبتھ وَنان چھُ ؎ ز وصفِ حُسنِ تو حافظ چگونہ نطق زند کہ ہمچو صنعِ خُدأیی ورای اِدراکی

مولانا رومی چھُ عشقس تِرتھ دولتِ عنایت یا دولتِ خداداد ناوکران ـ یُس یہ کأنسہِ دِل پھوٚلراون والہِ الہامہ ورأے تہٕ غیبی ہدایتہٕ ورأے برمت ہیٚکہ یتھ ؎ عشق جز دولت عنایت نیست جز گشادِ دل و ہدایت نیست صایبؔ چھُ وِجدانہ تہٕ الہامکہ برکتہٕ اسرارِ غیب لبنچ رسأیی پراوَن والین متین (اہلِ جنون) ہندِس اجتماعی لاشعورس یا دِلس عالمِ غیبچ درشن دأر ناوکران ؎

روزنِ عالمِ غیب است دلِ اہلِ جنون من و آن شہر کہ دیوانہ فراوان باشد

وِجدان و الہام والین ہندِس شہرس منز لبنک امار اوسنہٕ صایبلیے یوت گٲن حافظ اوس تس برونٹھ یہ خاص اِمتیاز حاصل کرُن یرٕھان ـ اِلہام و وِجدانس بیچھ خُدأیی لُطف آسنس اوس شہ

وأنف بلکہ اوس تس تھدِس اَس (کُناس) منز قرار فرمأ الہامُ چھ لاہوتک خاص خوشخبر دِنہٕ وول ملکہ جبرئیلؑ) باسان۔ تیلی ہیوک حافظ الہامس متعلق مُیتھ واضح بیان دِتھ ؎

لُطفِ الٰہی بکُند کارِ خویش — مژدۂ رحمت برساند سروش

صابَ تہٕ چھُ الہامچہِ اَتھ روٗحانی یا عقیدتی فضیلژ خاص اہمیت دِتھ شیخ سعدی ہندِ (عٔ برگِ درختان سبز در نظرِ ہوشیار) شرح صدأے بازگشت اغافلن تہٕ وجدان ناشناسن یِمہِ آیہ کنن کرنی یَرِژھان ؎

صد رنگ سخن در تہہِ ہر برگِ گلے ہست — فریاد کہ گوش تو گرانست درین باغ

الہامس تام رسأی نہ ژھانڈن والین ہنز غفلت وُچھتھ پزیا سارنی صاحبِ تخیلُ شأعرن تہٕ ادیبن احتجاجی فریاد کرُن تہٕ تگہِ اَسہِ الہامکہِ زہٕ قسم زیرِ نظر تھوہٕ ہتی بوزُن۔ بلکہ تلامذالرحمٰن (خدأیی شاگرد) شأعرن تہٕ معرفتِ الٰہی تھون والین ساکن ہُند الہام تمہِ پیغمبرانہٕ الہامہٕ کھوتہٕ سیٹھاہ بون زانُنہٕ ہتی یمیُک آغاز رویأے صادقہ (پزِ خوابو) پیٹھ پَیدِتھ وحی (خاصِ فرشتہ حضرتِ جبرائیلؑ امین ہندِ ذریعہ پیغامِ الٰہی) ہُنس پیٹھ بننس کماس واتان اوس گویا وحی اَس پیغمبرنؑ ہندِ الہامُک خاص ارتقا پذیر صورت۔ بڈِ کھوتہٕ بڈی اولیاء تہٕ چھِ وحی ہندِس سعادتس یپاری۔ حالانکہِ تہند (اولیاء اللہ ہن ہند) الہام چھُ بُزرگ تہٕ عارف شأعرن ہندِ الہامہٕ کھوتہٕ زیادہ واضح تہٕ روشن آسان۔ خاص کرِتھ اگر تِم حکیم سنایی، شیخ عطار، مولانا رومی تہٕ شیخ سعدی (شاعر + ولی) ہوین عارفن ہندی مُرشد ہوی کم آمیز ہٕ کم شہرت پسند روٗزِتھ آسن ہیکہٕ ہتی۔ خلقن ہندی خیرخواہ تہٕ ہمدرد آسنہٕ باوجود خلقن ہتی کم آمیز۔ روزن واکی اولیاء چھِ بننس الہامس گانگلہِ برزی گژھنکی امکانات کمہٕ کھوتہٕ کم کرِتھ ہکان۔ مغربی نقادن حرفِ آخر زان والین پزیہ کتھ بہرحال ملحوظ تھوٗنی زِ مغربی تنقیدُک آگرُ۔ یُونان چھُنہٕ زانہہ کُنہٕ پیغمبرانہٕ شریعتُک یا

وحیکٕ واقف یا کاربند رُودمُت ۔ یمہٕ کنہِ مشرقی الہامکی خاص مفاہیم تہندِ فلسفہ زدہ
ذہنیچہِ تحسین کأری کھوتہٕ مختلف معیارٕکی متقاضی چھِ ۔ فاصکرتھ فارابی ہندِ فصوص الحکمکہٕ
پانژن بأطنی حواسن متعلق یہ نکتہ زیٚنیلہٕ عام کٔمن ہندی ظأہری حواس مشغوٗل کار چھ آسان تہندی
بأطنی حواس چھِ شونگان مگر ییٚلہٕ تہندی ظأہری حواس شونگان چھِ اُتی چھِ تہندی بأطنی حواس
تہندِ زورِ عشقہٕ مطأبق بروٚے کار یوان تہٕ خواب بنان ۔ اَتھ برعکس آسی پیغمبرن ہندی ارواحِ
قدسیہ خواب تہٕ بیداری دۄشوٚنی حالتن منز ظأہری کیو بأطنی حواسن ہندِ معطل یا بیکار گژھنہٕ
نِشہِ ماورا آسان ۔ یمہٕ کنہِ تہُند الہام خاص فیضانِ ربانی بٔنتھ مقامِ وحی لیٚنج ابدی سعادت
حاصل اوس کران ۔ بہرحال اُسی وُچھو اولیاہن تہٕ شاعرن ہُند مشترک الہام کمہٕ قسمکہٕ روٗحأنی
مشأہدہ تہٕ غیبی اشارہ چھُ مشرقی ادبیات کِس تناظرس منز قأبلِ فہم بناوان ۔ علامہ شبلی
نعمانی چھُ برگزیدہ مُتکلمینن (خُدأیی ذاتس تہٕ صفاتس متعلق زاوِلی بحث کرن والین) تہٕ بزرگ
صوٗفین ہندِ حوالہٕ الہامکی زٕ قسم زیرِ بحث انان ۔ ۱۔ الہام فطری ۲۔ الہام نوی

الہامِ فطری چھُ یِتھ ذأژ ہندس نظامِ جبلتس وَتہٕ یوان ۔ یہ الہام چھُ وُسی پایہ
کیٚمین تہٕ کرِمین منز تہٕ حیران کُن حدس تام قأبلِ فہم ۔ مثلاً کوکر پوٗتی سُند ٹھوٗلہٕ منز نیرنہٕ
پتہٕ پھلہٕ پھٔلی کھٔنس کُن توجہ کرُن تہٕ گانٹہٕ ہنز ژھاے وُچھتھ ژلُن یا وُزِھو سُند تھٔنہ بیٚنہٕ پتہٕ
ماجہِ ہندس تھٔنس کُن مأیل سپدُن تہٕ کن یا لوٹ نہ ژاپُن ۔ یا ماچھ تُلرِن تہٕ رٔیِن ہُند اعلیٰ قسمُک
اتحادِ عمل ہوٗن اجتماعی شعوٗر برأونُن تہٕ ماچھ بیٚتر بناوُن ۔ اَمی آیہ معموٗلی کھوتہٕ معموٗلی جاندارن
ہُند اکھ اَکس کُن جنسی میلان تہٕ محبت رٔچھُن یا تحفظِ نسل تہٕ ذأتی دِفاع ہیٚچھُن تہٕ اَمی آیہ
وسیع کائنات کِس پرتھ چیزس منز قدرتی مشینگ رٕ پرتو نظر گژھن یُس بڈِن دۄہ سادن
ہندِ ہیٚچھناونہٕ تہٕ حکیمن ہندِ حکمتہٕ ہتی تہٕ ممکن ہیٚکہِ ہے نہ پیدہ تھ ۔ زمین، آفتاب، تارکھ،
پوش تہٕ جاندار ہوٚن چیزن منز فطری الہامکی یم پرتو ڈیشتھ وارہ سنُن تہٕ یمن منز کارفرما

خُدأیی مشیتہٕ کِہ نوٗرُک عکس پرٛزناوُن چھُ معرفتُک یا عرفان لبنُک سارِوٕے کھوتہٕ بٔنمہِ سطحُک درجِہ۔ گر فطرتُک یہِ مطالعہٕ تہٕ مُشاہدٕہ کرنٕچ چھِ عارِف تہٕ صوفی کایناتس فطرتٕچ کھٔلِہ کتاب ناو کرناوِمتۍ۔ مہجوٗر تہٕ چھُ فطری الہامچ اَمی سطحن پٮ۪ٹھ شعورٕ تَنوومُت :-

طوطس چھُ ہیچھناوان کتھ وہستاد محنتہٕ سان — وَنہ منز ہیچھ ناوان چھُ کُس ونہ ہارِ محبت

الہامُک دویم قسم چھُ "الہام نوعی" ناوِ نِشاندہی منز اَنہٕ آمُت۔ یہ الہام چھُ الہام فطری کُے اکھ شاخ باسنہٕ باوجوٗد خاص جِبلتٕن ہنٛز شکل پرٛاوِتھ بنٛن غیبی علم تہٕ اشارٕہ محسوٗس کرناوان مثلاً گگر بچہِ سُند برٛاری ہنٛز آواز بوٗزِتھ خواہ مخواہ کھوٗژُن تہٕ ژٕلُن۔ ییٚلہِ زن ماجِہ تہٕ گگر بچس اَمِ قسمُک کانہہ علم بہم چھُنہٕ کوٗرمُت آسان۔ یا سربھِہ تہٕ نوٗلہِ سُند اکھ اکس دُشمن ذات یا نوع زانُن۔ یا جِنسی جذبس تحت جاندارن تہٕ جانوارن ہُند پننِس نوعکِس زَرس مادس کُن مایِل گژھُن۔ یہ الہام نوعی تہٕ چھُ ادبی سطحُک عرفان باسنہٕ باوجوٗد تحفظِ نسل یقینی بناونُک بوٚڑ بارٕ آلہٕ کار یُس خالقِ کایناتن پرٛتھ نوعکِس حیوانس بالمُفت عطا چھُ کوٗرمُت۔

یمن دون قسمن برعکس چھُ انسانی عرفانُک آلہٕ کار الہام سیٹھاہ تھوٚد آسنہٕ باوجوٗد کُنہِ حدس تام پُرخلوص ریاضتُک مراقبُک توجہُک تہٕ روٗحانی مُشاہدُک نتیجہِ آسان۔ شبلی نعمانی چھُ اِیچ بٔنمِ سطح خاص ذہنی تہٕ دِلی استعدادکیٚن نفرن ہُندِ ذریعہِ خاص کارنامہ انجام دِنُک قرار دِوان۔ اَتھۍ سطحس پٮ۪ٹھ ژھٲرکوٗنی تہٕ ایڈیسن ہیوٚی نفر مُختلف ریڈیو تہٕ بجلی بیترِ ہیوٚی ایجادات بارس اَنٛنچ وَتھ خاص وِجدانی اِنہماک تہٕ الہامی اشتراک شکلاونہٕ یِتہٕ بارس اَنِتھ ہیٚکان ییٚلہِ زن تہٕ ہندی پأٹھۍ انسانی ذہنُک تہٕ دِلُک اِرتقا ییٚژھن وٲلۍ عالِم تہٕ شاعر علمی یا شاعرانہٕ کارنامہ انجام دِنہٕ کِس معاملس منز خاص خداداد صلاحیتُک ثبوٗت چھِ دِوان۔ یہ الہام تہٕ چھُ مادی تعلقات کم کھوتہٕ کم کرنُک تہٕ ظاہری پانژٕو حواسو بجایہِ اِمکان زیادٕہ کھوتہٕ زیادٕہ باطنی پانژٕو حواسو سٕنٛز مُشاہدس منز اَنِتھ ہیکنُک نتیجہِ آسان۔ اَمہِ الہامُک محرمِ راز مولانا روٗمی چھُ پانژن

باطنی حِس کُن ییتھ پاٹھۍ اشارہ کران ؎

پنج حسی ہست جز این پنج حس      آن چو زرِ سُرخ واین حسہا چو مس

باطنی حِسن پانہ سوِن تہٕ ظاہری حِسن ترٛام یا سرتل زانن واگی چھ امہِ الہامک تھٕر لبان۔ مگر امیک
سارِوے کھوتہٕ اعلیٰ درجہ چھُ پیغمبرن ہندس الہامس تہٕ وحیس منزٕ درینٛٹھ یوان یُس
تہند کم کھوتہٕ کم دُنیاوی تہٕ مادی تعلقات پانناونک نتیجہ اوسمت چھ اَتھ ہکو خُدائی معرفت لبنکہ
امارہ تہٕ انسانی رُوحانی ترقی لبناونکہ امارہ DETACHMENT IN ATTACHMENT
آیہ دِل یکسوئی لبناونک نتیجہ تہٕ وَنتھ۔ پیغمبرن ہندِ پرزگارٕچ یکسوئی چھِے پانٛژ ظاہری
حواسو علاوہ پانٛژن باطنی حواسن ہندِ بیدار گژھنہٕ کِس نتیجس منز۔ خاص اجابت ربانی لبان
رُوزمژ۔ یمہٕ کنہٕ الہامس وحی کِس درجس واتُن ممکن سپُد۔ مگر وحیک سلسلہ گو خاتم النبیین رحمۃ
للعالمین تہٕ شافع المذنبین حضرت محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وسلمن ہندِ یمہِ عالمہٕ تشریف ہنہٕ
پتہٕ ختم۔ البتہ رُود باقی سطحن ہند الہام جاری۔ شاعرانہ سطحس پیٹھ چھِے اکھ اَکس بوش ہاونہٕ کِس
حدس تام کینژ و صاحب الہام شاعرو پننین حریفن تہٕ نقادن امہِ خداداد فیضانکہ حوالہ اُس بند
کرنٕچ کوشش کرمژ۔ مثلاً ابنِ یمین تہٕ حافظ چھ پننس قوتِ متخیلہٕ ہس پیٹھ الہامکہ امہِ خُداداد
نسزُلک بوش پن پننس رقیبس تہٕ مُخالفس اکی آیہ ہاوان:۔

؎      رقیب ابنِ یمین را چہ می کُنی انکار      جزالتِ سخن عذبِ او خدادا داست

---

لہ الہامک نزوُل چھُ شاعرن ہندس معاملس منزٕ سحر وقتہٕ یکسوئی کِس خاص تعلق تھوان۔ مثالہ پاٹھۍ حضرت عطارُن تمثیلی
قصہ بردہ نہ بکناوِتھ مولانا رومی تُند یہ وَنُن زِ گبین پو دوے اکے اکہ رُچہ زیوان چھُ مگر سحر وقتہٕ بیدار آسنہٕ کنہٕ چھُنہ صرف تمند
نسل جمو تہٕ کھیلو کھیلو لسان بلکہ قربانی لایق تہٕ بنان یِیلہٕ زن ہومن پانژھ پانژھ سۍ سۍ بچہ زیوان چھ۔ مگر سارِے راتس دُنیائی
مالکہ بنژ زٕ چہ ہُند حق تلیٖتھ بیدار آسنک حالتہٕ باوجود چھُ سحر وقتن ڈاکھ تراوُن تہندِس نسلس ہمو سارِوے سعادتو نہٕ محروم کران
حافظ شیرازی چھُ سحر وقتیچ خاص الہام نواز برکژ ہُند اظہار یمہ آیہ کران ؎ از یُمن دُعای شب و ورد سحری بود۔
حافظن یہ شعر چھُ حصولِ الہامک یا ہمہ گیر سعادت لبنک رازٕ 'دب شرح لی صدری...' ہیو پوت ترٛنک خاص
دُعا تہٕ "سبحان اللہ وبحمدہ..." ہیو خاص مسنون ورد تہٕ شاملِ سحر خیزی کرنک راز ونان۔ علامہ اقبال چھُ
یمو علاوہ امام غزالی ہندس کیمیائے سعادتس تہٕ امام رازی ہندِ الہام نواز تفسیرس کُن تہٕ اشارہ کران تہٕ ونان ؎ ( باقی صفحہ ۱)

حسد چہ می بری ای سست نظم بر حافظ    قبولِ خاطر و لطفِ سخن خداداد است

الہام چھُ وجدانس یا دلہِ چِن اُچھن سوتھ۔ نظر عطا کران یوسہ تخیُلس بیتھ تھزرہ باوجود واضح نہ گژھن والین) حقیقت کین رازن ہُند معنے نزدیکہ بیٹھ وُچھتھ چھے ہیکان تہٕ اکثر صوٗرژن منز پرزناوِتھ چھے ہیکان۔ اسرارِ غیب صحیح تناظرس منز ژرژنہ رسائی ببرکتِ الہام حاصِل گژھنہٕ عِتی چھُ شاعرُسند تخلیقی ذہن یا دِل تیُتھ جامِ جہان نُما بنِتھ ہیکان ییتھ اندر صاحبِ نظر قاری ذات و حیات و کاینات کین تمام رازن ہُند عکس وُچھتھ چھُ ہیکان۔ کلام اللہ کین اِشارٲتن ہندِ نوٗرہ بینس الہامس تھزر دِنہٕ وأٹس یَس حافظس پنُن فنِ شعر بہترین فن باسنُک اعتماد یہِ وناوان چھُ زِ ۔ ندیدم خوشتر از شعرِ تو حافظ/ بہ قرآنے کہ اندر سینہ داری + یعنے قرآنِ پاکُک حافظ تہٕ رمز شناس آسن والہِ عجمی شاعرا بہ چھُسے اُمی قرآنُک قسم ہاوان یُس ژرِ بینس منز چھُے زِ وُنِتام چھمنہٕ چانہِ شاعری کھوتہٕ بہتر شاعری وُچھمژ۔ یِہے صاحبِ الہام شاعر چھُ عکسِ اسرارِ عالم اِلہامی شاعری منز وُچھتھ ہیکنُک بیہ اہلِ نظرن یِمن لفظن منز ونان۔

؎ ہمچو جم جرعۂ ماکش کہ ز سرِ دو جہان    پرتوِ جامِ جہان بین دِہدت آگاہی

---

عطار ہو رومی ہو رازی ہو غزالی ہو    کچھ ہاتھ نہیں آتا بے آہِ سحر آگاہی

؎ علامہ شبلی نعمانی چھُ سیرۃ النبی ہِشہِ دِل روشن کرن واجِنہِ کتابہِ ہندِس دوٚیمِس جلدس منز صفحہ ۲۱ ہس پیٹھ متخیلہ کین مختلف وُچھل سلسلن نفیس پاٹھی قابلِ فہم بناوان تہٕ لیکھان "متخیلہ جس کا دوسرا نام مفکرہ بھی ہے۔ اُس قوتِ دماغی کو کہتے ہیں جو مدرکاتِ خیال کی ترکیب و تحلیل کرتی رہتی ہے اور ہمیشہ نئی نئی شکلیں اور عجیب عجیب صورتیں سینما کے تماشے کی طرح ہمارے ذہن کے سامنے لاتی رہتی ہے۔ کبھی دو سر کا انسان بنا کر کھڑا کر دیتی ہے۔ کبھی بے سر کا چلنا پھرنا بھی مشاہدہ کراتی ہے کبھی پرستان کی سیر کراتی ہے اور کبھی عالمِ قدس میں جانے کے لئے پر تولتی ہے۔"

الہامکہ برکتہٕ کمہٕ آیہٕ پچھے سو دیدہٕ وری تہٕ دید آگہی مقصدِ حیات ۔ مقصدِ شاعری مُتعین کرُتھ ہیکان یوسہٕ توحیدی عقیدٕچ پابندی قبوٗل کرُتھ بہترین آزادی چھاوٕنۍ رواداری پچھے ( طوالتکہِ اندیشہ باوجوٗد کرٕ بہٕ یتھی مقالس منز شاعرانہٕ کمٹمنٹ ہِوس ذیلی عنوانس تحت زِنہٕ بیان ) بقولِ حافظ ع

اسیرِ عشق شدن چارۂ خلاص منست ۔ مقصدس عشق ناو کرُن چھُ مکمل دِلی وابستگی تہٕ خودسُپردگی زانن والین اکثر مشرقی شاعرن خوش کوٚرمُت ۔ خیر بہٕ کرٕہ حافظس پیٹھے اکتفائیہ بٔنیس جایہ وَنان چھُس ۔

خلاصِ حافظ ازان زُلفِ تابدار مُباد — کہ بستگانِ کمندِ تو رُستگار انند

رسا جاودانی ین چھُ ماخذس کُن اشارہ کرنہٕ وراے تھٕد مقصدچہِ وابستگی ہند یُہے مضموٗن یتھہٕ پاٹھۍ کاشرِ ووٚمُت ۔ زِ دِل بستگی رُستگاری چھے حاصل — مہٕ یُرتھ عشقٕنۍ زالہٕ ہرگز رِہائی

اِدراکس تقویت بخشن والہِ الہامچ تہٕ عقیدٕچ کتھ یتھے رٹاوتھ کرو اسی یمہِ ذیلی عنوان کِس آخری حدس یعنی اظہارچہِ تیکنیکہ متعلق تہٕ مشرقی ادبیاتُک جوہر پرزناونۍ کوشش شعرِکس فکری پہلووس تہٕ فنی پہلووس روٗحُک تہٕ جسمُک ہیوٗ تعلق زانن وول مشرق چھُ یتہٕ وَتھ پرزٕ نعمت پیش کرنہٕ خاطرٕ پاکیزٕ تہٕ رُت بانہٕ ژھارنُک روادار اوسمُت ۔ بلکہ چھُ بانہٕ دُچھتھے کانہہ خاص بوگ لبنُک حقدار زانان اوسمُت ۔ فارمُک یا ہیئتُک فنی وجوٗد انتہائی اہم آسنُک واضح تصوٗر چھُ لل دیدٕ یہ ونناوان زِ ۔

تھاج تہٕ بگہٕ داٚنۍ اکی لٹہِ کے — تھاجہِ لب نعمت بگہِ دانہٕ تھوکے

ہیئت بخش فنکارانہ تیکنیکچہِ اکہِ زیرِ یتہِ گوو تھالہِ یا ترامہِ ہند تقدیر بُلند ییلہِ زن تمی تکنیکہِ ہنز کم توجہی یا بدل ہیئت کارنچہِ عملہٕ تِرتھے اکھ ترامہ چھل یگہ داٚنۍ بناوتھ مولہٕ واجہ ۔ ٹھاٹھرس یا سونرس مقابلہٕ چھُ شاعرن تہٕ ادیبن ہندِ حوالہٕ تیکنیکُک مفہوم بیٹھاہ وسیع ۔ اَتھ منز

پھِے پیش پیدہٕ والہِ تجرٕبٕچ ہیٔتِ ترکیبی تہٕ خاص توجیہچ طاًلب آسان تہٕ بہترین نفظن
ہنز خاص ترتیب تہِ۔ تکنیکس پیٹھے چھُ تنا بگ تہٕ آہنگ دارو مدار تہِ آسان گویا
پگہ دانہِ تھاًو بناونگ یا فنس فنِ شریف بناونگ انحصار تہِ آسان۔ تکنیکہٕ ہُند پوٗرہ
خیال تھوٗن چھُ حافظنین نفظن ہنز عشق اِمکانی صورتس اندر عملاً ووتلاوِتھ ہیکنگ متقاضی
آسان تکیاز شعرچہِ دلیٖشتی ہُند جمال یا تخلیقی امارگ جمال کاڈ کڈ ناونگ دارومدار تہِ چھُ
تکنیکس پیٹھے۔ کینژن مشرقی نقادن ہُند ونُن چھ زِ شاعر یا فن کار ہندی تصورات پیٹھِ
اظہارس پیٹھ یوان چھِ تم چھِ اکہِ میکہٕ پاٹھو ساری سوتھ ژٹن والہِ مژرگ دریاو ہیو
آسان تکنیک چھِے اتھ دریاوس بنن واجبی روٗح رٹناوان۔ تیکنیکچ پارٕ ژان پچھِے
قدیم کالی فنکارن ہندس شعورس منز تہٕ یژ پاٹھو جاے گرُین آسمژ۔ چنانچہ چھُ ایرانہِ
باستانگ ماہر مہدی عزوی نقشِ رُستم بناون والین ہندس تہذیب آشنا تکنیکس
متعلق تقریباً تیتھے حسنِ ظن ہاوان یُتھ PRIMITIVE ART ناوچ کتاب لیکھن وول
FRANS BOAS فرانس بوس قدیم پوترین پیٹھ ووتلاوِنہٕ آمتین نقش و نگارن ہنز کتھ
کران یہِ ڈنتھ ہاوان چھُ زِ خاص تیکنیک ورتاوِتھ جمالیاتی قدرہ کمال پراونا ونگ سیٹھا
رُت شعور چھُ تمن فنکارن تہٕ اوسمُت یم ساًنی پاٹھو یژ مہذب آسنگ دعویٰ آسحہٕ نہٕ
کران۔ حافظنس اِصطلاحس منز ہیکو تخلیقی وقتچہِ پریشان خیالی ہندس فکری جاناوارس
پابند کرن واجنہِ تکنیکہِ "دامِ اِشتیاق" ڈنتھ ؎

حافظ آن ساعت کہ این نظمِ پریشان می نوشت طایرِ فکرش بدامِ اِشتیاق اُفتادہ بود

ہے اوس پرتوستان کس سرنامس منز۔ تیکنیکچہ کلہم علمہٕ ہُند اِحاطہ کرنچ کوشش کران تیکنیکس
تجزیچہ مہرہ ہنز ہُند تیُتھ وردن ناو کوٗرمُت یُس اُمی سُند بریتہ ژھہٹوٗن یاوُن اُمی سُند
حیاپسند کردار بلیٖہ اُمی سُند حجاب طلب روے ناز تہٕ جسمِ ناز اکہِ خاص جمالیاتی شعورہ سان

وٕلتھ ہیکہٕ نہٕ تٔہندِ ہیٚنہٕ بجایہ علامژ ہُند ہیٚنہٕ ووگنٲوِتھ ہیکہٕ۔ تکیازِ یہے تکنیکی تقاضہٕ چھ زِ فن پارن ہٕندۍ لفظہٕ وردن معنیس موزوٗن کیٚٹاوٗن چھُ فن ورگہٕ وٕنس منٛز علامژ ہیٚنہٕ ووگناوٗن چھُ فن۔

بہرحال اِدراکُک تہٕ الہامُک تمام ترحُسن بارسس یُن چھُ مشرقس منٛز اظہارچہِ تیکنیکہِ پیٹھے منحصر زانہٕ آمُت۔ اظہارُچ تیکنیک چھے امہِ لحاظٕ غالبس اصطلاحس منٛز سوٗ حسین تخلیقی عمل یمیُک خیال حُسنُک پرتوٗ بہارت کابہِ اَنہٕ خاطرٕ فنکارٕ ہٕندس دلس منٛز گنان چھُ ؏ ہے خیالِ حسن میں حسنِ عمل کا سا خیال خُلد کا اک درہے میری گور کے اندر کھلا

## اخلاقی اقدار تہٕ شاعرانہٕ مقصدیت

وجوٗدیت تہٕ جدیدیت کِس ناوس پیٹھ یُس جنسی تہٕ نفسی رُجحان گذشتہٕ دوٚن ڈٔہلین دوران تنہایی باوتھ کرن والین کینٛژن نام نہاد جدید شاعرن ہٕندی کلامس منٛز پیش کوٚر تمہٕ ستۍ ووت شاعری اکھ "فنِ شریف" آسنہٕ کِس اعتبارس بُٹھاہ دَدارٕ۔ اکھ فٲیدٕ آو ضروٗر زِ تم گےٚ ڈارون تہٕ فرائڈ بندن سطحی اشتہارن ہٕند کھوتہٕ زیادٕ ننگہٕ تہٕ عُریان تکیازِ تہٕندۍ فنی پیکر تہٕ علامتی کردار بنیہٕ تہنٛز جنسی بوچھِ تہٕ پُشتنی افلاس زدگی ہٕندۍ مادر پدر آزاد وحشی۔ تم تہٕ خونخوار وحشی۔ اَتھ برعکس چھُ مشرقی ادب ہر ہمیشہ فکری سطحس پیٹھ پاکیزگی، شٲیستگی تہٕ اخلاقی پابندی ہُند پاسدار تہٕ پاسبان روٗدمُت۔ یُس شاعر تہٕ اَدیب مُند ضمیر زندٕ آسُک لازمی تقاضہٕ تہٕ چھُ۔ تعمیرِ انسانیت کرناوَن والہِ معرفتُک مے چینہٕ بجاے فرنگی برانڈی تہٕ وِسکی چیتھ معرفت زیرِ بحث اَنن والین یا کاٹلی بنتھ پینہٕ ذہنی افلاسچ خرمستی ہاون والین ستۍ چھُ حافظ عملی بایکاٹ کرنُک اعلان یمن لفظن منٛز کران۔

؎ مستیِ عشق نیست در سرِ تو    رو کہ تو مستِ آبِ انگوری

یعنے عالمِ انسانیت نہٕ ہِہی گھرٕ کِس کٲنہِ بأژس ہٕژر کانٛہہ وابستگی (عشق) ہُند چھوٚر چھےٚ نہٕ ژےٚ بدبختس چھےٚ آمُت ژٕ چُھکھ دچھ ووِنۍ (گھرٕ) چیتھ چھو یومُت

لہٰذا نیر میانو اُچھو تِتھ دوٗر۔

اخلاقی اقدارن ہُند کوتاہ خیال گژھہِ ترجمانِ فطرت بنن واٲلس شاعرس آسُن تمیُک پوٗرہ اندازٕ لاگہٕ خاطرٕ پزٕ سنائی، عطار، رومی، سعدی تہٕ ناصر خسرو ہندین قلمی شہکارن ہُند مطالعہٕ کرُن بلکہِ پزَن اخلاقِ جلالی تہٕ اخلاقِ ناصری ہِشہِ کتابہٕ تہٕ زیرِ نظر اَننہِ۔ اختصارُک کام ہینہٕ کہِ غرضہٕ کرِو بہٕ صِرف شیخ سعدی سٕنزٕ شہکار گلستانہٕ تہٕ حافظ شیرازی ہندِ دیوانِ غزلیاتہٕ منزٕ کینہہ مثالہٕ مشرقی شاعرن ہندِ ضابطہٕ اخلاقچہِ پیش یمہٕ آیہٕ:۔

۱۔ یوسہٕ کتھ پوٗرہ غور کرِتھ انسانی پرزرس تہٕ شرافتس آسے کانچھن واجنی بانہٕ سو پزِ بہٕ موضوعِ شاعری بناوُنی۔ سعدی چھ تی یمہٕ آیہٕ وَنان ؎

تا نیک ندانی کہ سخن عین صوابت          باید کہ بگفتن دہن از ہم نکشائی

۲۔ اگر پزرس باوتھ کرنہٕ خاطرٕ جیلس منز بندتہٕ روزُن پییہ تہٕ زانٕنہٕ اپزیُک آکہٕ کار ہنتھ جیلہِ منز رہائی لبنہٕ کھوتہٕ بہتر سعدی بندِ الفاظ چھہٕ ؎

گر راست سخن گوئی و در بند بمانی          بہ زانکہ دروغت دہد از بند رہائی

سعدی صاٮ۪نِس یتھ شعرس برعکس چھُ باسان تسُند سُہ شعر یتھ مصلحت پسندی ہُند مشورٕ یکہٕ الفاظ چھہٕ "ناسزائے راچو بنی بختیار عاقلان تسلیم کردند اختیار۔ یعنے ییلہِ ژہٕ کانہہ نابکار ظالم برسرِ اقتدار وُچھہن یہ مشراُدی زینہٕ زِ گاٹیو چھے کینژس کالس تینزٕ حکمرانی تسلیم کرِ مژٕ مگر موقعہٕ ہنس چھہٕ پزار ییتی۔ حالانکہ یہ چھُ تتھ حدیثِ شریفس منافی باسان یتھ منز جابر تہٕ جاٮ۪ر حاکمس بُتھِس ہیٹھ پوزَوُنُ افضلِ جہادِ قرار چھُ دنہٕ آمُت۔ وارہ سِنتھ چھُ سعدی صابُن اصلی مفہوم بدل باسان بلکہ چھُ نظامی گنجوی سُند سُہ شعر ژہِس بوان یتھ منز حاکمس آنہٕ ہاوُن شاعرسندِ صاحب دِل آسنُک ثبوت باسان چھُ یمہٕ آیہٕ ؎

صاحب دِلان خوشامدِ شاہان نہ کردہ اند
آئینہ عیب پوشِ سکندر نمے شود

۳، معزوٗر تہٖ بد ذات انسان مہ زانِتھ اتھ لایق زِتس تھی بہکھ شیرین کلامی یا نرمی ہاوِنہٕ۔ سُہ چھ موکھ پزتس لایق یِتھ پاٹھو کھیٖنہٕ لہٕ کلُف چھِہ وادِتہٖ دہ کرِتھ دبہٕ واے صاف ہیکہِ نہٕ گرزِتھ ؎

سخن بلطف وکرم با دُرشت خوی مگو
کہ زنگ خوردہ نگردد بہ نرم سوٗہان پاک

یہ خاص رُوٗپہ ہیٚچھناوُن دوٗل اُستادِ اخلاق سعدی چھُ یِمن نقطۂ نظر مزید واضح کرنہٕ خاطرہ وَنان زِبدن بیٚٹھ رحم کرُن گو ونیکن سِتہٖ ظُلم کرُن:۔
( رحم آوردن بر بدان ستمست بر نیکان ) ظالمن ہُند جرم یا قتل معاف کرُن گو و مظلوٗمن پیٚٹھ ظُلم جاری تھوٗن ( عفو کردن از ظالمان جور است بر مظلومان ) ژِبل بہس ژیتھ رٔچھنی گٔو کمزور تیرن ہنز خوٗنریزی کا یٔچھنی ( ترحم بر پلنگ تیز دندان ستمگاری بُود بر گوسفندان )
۴، بے سلیقہ تہٖ بے ربط کتھ وَننہ کھوتہٖ سیٚٹھا بہتر زان زبان اَسس اندری وٹنٕ سعدی ہندی الفاظ چھِہ۔

؎ چون نداری کمالِ فضل آن بہ   کہ زبان در دہان نگہہ داری

۵، اگر حضرت نوٗح سُند فرزند کنعان تہٖ بے جوہر آسہ تہٖ یِکی یوٗچھ دنگ فن تہٖ ہُنر تہٖ یِچھنہٕ سُتہ ہِیہ غرق تہٖ رُسوا کرُن لایق گنزرنہٕ۔ لہٰذا یِچھ ہُنر نمائی اگر صلاحیتُک نیک جوہر چھُے۔ صلاحیتُک نیک جوہر تھوٗن دوٗل ابراہیم زاوناآزر بندِس گرس منز۔ حضرت سعدی ہندی لفظ چھِہ ؎

چو کنعان را طبیعت بی هنر بود
پیمبر زادگی قدرش بیفزود
هنر بنمای اگر داری نہ گوہر
گل از خارست و ابراہیم از آزر

دوئی وُچھو اُسی حافظنہٕ اکس ساقی نامہ تسمچ مثنوی ہندن کینژن شعرن اندر اخلاقی تہٕ انسانی قدرن ہند شاعرانہٕ زوال۔ یتھ زن اسہٕ غالب ہوس رِندشند یہٕ اظہارِ ندامت بیٚین بجایہ پانسے کرنہٕ آمُت بامعنے طنز۔ باسہٕ۔

کعبہ کس منہ سے جاوٴگے غالب     شرم تم کو مگر نہیں آتی۔

بلکہ یتھ زن حافظ تہٕ سعدی ہندی پاٹھی اصلاحِ معاشرک تہٕ ذمہ دارانہٕ سماجی شعورک زبردست علمبردار آسنک پہلو روشن سپد مثلاً یتھین شعرن منز

دایم گلِ این بستان شاداب نمی ماند
دریاب ضعیفان را در وقتِ توانایی

آسن والین آسن ورنہٕ نادارن اتھ روٹ کرنک یتھ شاعرانہ مشورہ دِین چھ خلوصک آیینہ دار۔ مگر امہ کھوتہٕ واضح تر شاعرانہ اخلاصک تہٕ سماجی شعورک پرتو چھ درجِ ذیل شعرن منز مزید قابلِ توجہ یکیازِ تم چھ تعمیرِ کردار و اخلاقک شاعرانہ اظہار تہٕ یتھچ دلبستگی ہندس مفہوم تہٕ واضح تر بناوان یُس ضمیرس ازستگاری تہٕ حقیقی آزادی ہند تلی تہٕ بخشان چھ۔فارسی نہ زانن والین ہندِ خاطرہ کرہ بہٕ امن شعرن ہند لفظی مفہوم تہٕ پیش :۔

۱۔ الا ای آہوی وحشی کجایی     مرا باتست چندین آشنایی
ہتا وحشی ہرنہٕ کتہٕ چھکھ، یتم جل بے چھے ژے متہ برانی آشنایی

۲۔ دو تنہا و دو سرگردان دو بیکس     دد و دام کمین از پیش و از پس

اَتھ ہہ دہ توٗی ہنٛزی تنہاے، سرگردانی تہٕ بیکسی حصہٕ چھےٚ آمژ
زٕینتہٕ ہہ میانی پاٹھو یتہٕ برونٛہہ ہاپتھ کیٛنژ زال شانکھ بیتھ چھی

۳۔ بیا تاحالِ یکدیگر بدانیم مُرادے ہم بجوٗییم ار توانیم

یتا ہرنا اُسی ہاکرو اکھاکس سٕند حال زانٕنچ کوٗشش ۔ بلکہ ہا ژھانڈو اُسی پننٕ
مقصد تہٕ مقام تہٕ اگر ژھانڈُن تگہِ ۔

۴۔ کہ می بینم کہ این دشت مشوّش چراگاہی ندارد خرّم و خوش

سہ چھُ تگان بوزُن زِ یتھ پُرتشویش جنگلس منز چھنہٕ کانٛہہ تھکہٕ بینٛڈا یژھ
یتھ منز حقیقی خوشی تہٕ دلُک راحت میسر آسہِ ۔

۵۔ کہ خواہد شد بگوئید ای رفیقان رفیقِ بیکسان یارِ غریبان

ہے دوستو سہ وُنی تو یتھ معاشرس منز کُس اکھا چھُ تیُتھ یُس بیکسن تہٕ غریبن
سٕتیٚ دلی ہمدردی تہٕ رفاقت یژھان آسہِ ۔

۶۔ مگر خضرِ مبارک پی در آید زمینِ ہمتش کاری کُشاید ۔

مگر مبارک تٕیتھ وتہٕ وول حض خضر (الہام) چھُنا اُسی اتھ یوان ۔ تَنٛدِ ضمیرُک
حوصلہٕ میلنہٕ سٕتیٚ اندِ کانٛہہ کارِ تکیارِ یُیہ تنہایی ہند قدردان چھُ تس تنہا محبوٗدس واقف ۔

۷۔ اَمہِ پتہٕ کین پنٛدہن شعرن منز چھُ وحشی ہرتس شاعر ونان حض خضرن وونم وفاداری
ہیٚچھنکُ تہٕ وفا رچھنُک وقت یرزنہٕ اَتھ تلہٕ گژھنہٕ دِیُن تام چھُ ڈرامایی اندازس
منز بزرگ خضرس تہٕ رِندس (شاعرس) درمیان مکالمہ اَتھ سوالس پیٹھ اندواتان
زِ رِندن ووٚنُس اگر بو تمِس منز ہگہار زال چھےٚ تیٚلہِ کو نہٕ چھکھ درتاوان سُلہٕ کرہِ ۔ مگر
کیتہٕ رٹھن سُہ تنہا باسان چھُ نہٕ یکٕوون سرو چھُ تیمنز کتھِ واقف ۔ ژٕ تہٕ ہیٚچھ
اَمچہِ لبجہِ ہندی پاٹھو نوٗرس مُدے گنڈِتھ ہیوٚرکُن وُچھان روزُن ۔ مس چینکی

تہٕ باغ چھاونٕکۍ دوہ کھالگ رٹھ۔ مگر بدمست دُنیاہس تہٕ روٗزِزٕ حبب۔
دُریاوُک بوٚٹھ تہٕ ہیٚچھ چھاوُن تہٕ کولہٕ ہُند بوٚٹھ تہٕ۔ اوٚش تہٕ روز ہاران تہٕ
خود کلامی تہٕ روز کران۔ مے کوٚر تہٕ مگر میانہِ عاجزی سان زُوٗژٕمس دژاو تہٕ
کانہہ ترٛکیازٕ آگر پچھنہٕ بدلہٕ وُچھم ژٕ تیٚتھ آفتاباہ یُس پننین خاص ذرٛن خاصے
میسر تھاونک رووادار چھُ۔ پرٛانین بُزرگن تہٕ انسان دوستن ہُند خیال کیاآم
زٕ یکدم کھُژ وہرآژ اوٚبرس ہش گٔژ گرد تہٕ بنیہٕ اتھ آفتابس کُن وُچھنس پردہ
تمہٕ بے رحمی سان ہاوُنم اوٚبرہ مُنزی بے نیازی ہنز وُزملی شمشیر زنتہٕ آسس
تہٕ مے سپٕز زانہہ کانٛہہ آشنایی۔ دوٚپنم وُزملہٕ پتہٕ پیٚمۍ بُتھہٕ یپ کھالن والہٕ
روٗدُک آبِ روان تہٕ وُچھُن۔ یتھ ہیٚنز نہٕ بلکہ کرٕ زس پنٕنۍ کینہہ اوٚشۍ
پھیرِ کُیتھ پوچھ دِنۍ کوشش۔ "تہٕ کوٚرمس مگر توتہٕ نا آمہٕ دلداری کرنہٕ
برونٛہہ کُن"۔ ہیا مسلمان بھایو تُہی وُنی توٚ اتہٕ کیاہ کرہ بہٕ۔

گر خضر مبارک پے تو اند      کہ این تنہا بدان تنہا رساند
تو گو ہر بین واز خر مہرہ بگذر      زِ طرزی کان نگردد شہرہ بگذر

۸، مگر مے چھُ پے زٕ فقط ہیکہٕ مبارک نیبہٕ وول خضر مے ژھٕینہٕ گامتس تس تنہایی لبہ
دلبرس نش واتناوِتھ۔

۹، دوٚپنم ژٕ بن موختس ووٚن دِنہٕ وول۔ کاوہ ژیٚپن ووٚن دِنۍ تراو۔ یوہے
ترٛاے صاحبِ نظرن نش نیک نامی دِنہٕ واجنہٕ آسہٕ سو یزِ منتا وِنۍ۔

۱۰، چو من ماہیٔ کِلک آرم بتحریر      تو از نوٗن وٗالقلم می پرس تفسیر
ییلہٕ بہٕ پننہِ قلمچ اورہ یور ژلہ وِنۍ گاڈ لیکھتھ رٹن اُتی پرٛژھ زٕ ہم ژٕ قرآنکہٕ
سورۃ نون والقلمُک تفسیر۔

"روان را با خرد درہم سرشتم  وزان تخمی کہ حاصل بود کشتم

مے تۆگ رۆحک جوہر عقلِ ستی رلاوُن ۔ یم زٕ نۆرٲنی چیز رلاونہٕ ستی ییٚس بیاکھ پھۄل زاو سُتہٕ وۄدۄم (ضمیرکین زمینن)

فرح بخشی درین ترکیب پیداست  کہ نغزِ شعر و مغزِ جانِ اجزاست

مے یوسہٕ ترکیباہ گٔڈ زِ عشقہٕ تہٕ عقلِ ہندٕ امتزاجک بیوٗل وۄدۄم ضمیرکین زمینن ۔ یہے ترکیب چھِ انسٲنی رۆحن حقیقی سرۆر تہٕ فرحت بخشتھ ہیکان تہٕ انسانن (خاص کٔرتھ بیٚٹھ کٕنہٕ درج بیکن تہٕ غریبن) فرحت بخشتھ سعادت لبن وول شاعرے چھُ بہترین شاعری ہُند مقصد پوٗرٕ کران ۔ شاعری ہندین تخلیقی اجزاہن ہندِ مقصدچ گۆڈ یژٕ ہے فرح بخشی" زانیٚو ۔

بیاور نگہتِ این طیب اُمید  مشامِ جان معطر ساز جاوید

کرکوشش یہٕ مقصد پراونچہٕ پاک وۄمیدِ ہنز خوشبوی لبنچ ۔ یہٕ چھے سو رۆحٲنی خوشبوٗی یوسہٕ تا ابد مُشکاوی ۔

کہ این نافہ زچینِ جیبِ حورست  نہ آن آہو کہ از مردم نفوٗرست

یہٕ خوشبوٗی چھنہٕ انسانن ہنزٕ وَتہٕ گارن واجنہٕ حوٗر ہندِ شوٗژ جامہٕ اندرٕ دٕراہمٕژ یہٕ خوشبوٗی چھیہٕ ختنہٕ (چینہٕ) کِس تتھِس ہرنہٕ ہندِ نافہِ لیٚس ہرنُس انسانَس ستی نفرت آسہٕ ۔

رفیقان قدرِ یکدیگر بدانید  چو معلوم است شرح از بر مخوانید

ہتا (شاعر دوستو) رفیقو تلا اکھ اکھ ہنز قدر زانِو تۆ وقتس ۔ تۆہہٕ چھوٗ میانہٕ کتھ ہنز ورژھنے معلوم آسہٕ تھے لہٰذا مےٚ تہٕ لاگی تۆم تمہِ نبرکاہنہٕ ہانشرھ ۔

مقالاتِ نصیحت گو ہمین است  کہ سنگ اندازِ ہجران درکمین است

مہ ہوس نصیحت کرن وٲلی سٕنٛز کتھ چھویہ ۔ مَتہٕ مشرٲوِ توٚ ژٕ اکھ اَکس
لِتہٕ ژٕ ٹنہٕ خاطرٕ چھوٚ سنگباری کرن وول (زمانہٕ) یہم شانکھان ۔
بہٕ ہیکہٕ یہ کتھ وٕثوٗقہ سان ۆنِتھ زِ عربی فارسی اُردو تہٕ کاشُر ہِشن مشرقی زبانن
ہٕتی وابستہٕ اکثر عظیم شاعر و تہٕ ادیبو چھ انسان دوستی، کردار سازی تہٕ خُدا شناسی مُند
مقصد پننین تخلیقاتن منز پوٗرہ کرنٕچ صدقدلانہٕ کوشش کرمٕژ ۔ کاتیاہ دردمندی
ہُند ناوہیتھ کاتیاہ معرفتُک شراب ۆنِتھ کاتیاہ نوٗرِ اشراق بناوِتھ کاتیاہ قنوطیت ہاوِتھ
کاتیاہ نرگسیت پرٛاوِتھ تہٕ کاتیاہ خودی بناوِتھ ۔ البتہٕ چھ خودی تہٕ بیخودی متعلق تِہندی اکثر
توجیہات اَکس علامہ اقبال سٕ ورٲے بدل مطلبن ہندی حامِل ۔ مشرقی شاعرن ہندِ مجموعی اخلاقیاتٕچ
کتھ واضح تربناونہٕ خاطرٕ پیٚچھے اتھ سلسلس منز اَکس دۄن کتھن گیتنی کڈنی لازمی باسان ۔
مشرقی شاعر خاص کرِتھ غزل گو شاعر چھِ افلاطونن یا کُٹھ حکیم سنایی، ناصر خسرو تہٕ علامہ
جلال الدین دوانی ہوین نظر بازن بآن ہمہ علم و فضل تتھ خودی نکھ بانکی مجرم زانان یمٕ ابلیس
ناطیق حکمِ ربانی باوجوٗد آدمس کُن سجدہٕ تعظیم کرنس اتھ وَتھے دِژ نہٕ ۔ شاعرن ہنز اتھ خودی
آو مشرقس منز اولاً "خودبینی" تہٕ بعدازان "نرگسیت" وَننہٕ ۔ انگریزی یا کُٹھ چھ شاعرن ہندِس
اتھ خاص ذہنی رجحانس نٕرسی سٕزم NARCISSIM وَننہٕ یوان ۔ مغربس منز پیٚچھے یہ اصطلاح
جرمن لفظ NARCISMUS نٕرسٕزمس چھِ بنیاد پیٹھ بارسس آمٕژ ۔ مشرقس منز ہیکو اتھ
اورنگ زیب عالمگیر سٕنز دختر نیک اختر زیب النسا مخفی ہندس اصطلاحس منز
"اسبابِ خودبینی" ۆنِتھ یمگ بہر حال پھُٹرنہٕ یُن یا تہذیب وتصعید "SUBLIMA-
TION" کرِتھ کا یہ یُن بہتر زانہٕ چھ اُمت تکیاز امہ خودبینی ہنز سرحد پیٚچھے ابلیسی خودی
ہٕتی رلان ۔ چنانچہٕ چھ شیخ سعدی ینٛس مرشد شیخ شہاب الدین سہروردی سُند اکھ
واقعہ یہ ۆنِتھ پیش کران زِ اَکس دریاوہ بٕٹھس پیٹھ نصیحت کران ومووونم خودی ہندی

دوٚنوے چیز ژنٕے گاہنٕز اکھ ہیٚز خود بین "بہٕ چھُس"۔ ٔنیٚیمہ دوٚیم ہیٚز بد بین "سُہ چھُہ کیہنی"
وُنز رِٹہِ ۔ سعدی بندی الفاظ چھِہ ۔

مرا پیر دانای فرخ شہاب — دو اندرز فرمود بر روے آب
یکی آنکہ برخویش خود بین مباش — دوٚیم آنکہ بر غیر بد بین مباش

حافظ چھُ ونان یوٚت تام بہٕ زٕنم رٔچھکھ زِ مےٚ چھُ بٔییو کھوتہٕ علم وفضل توٚت تام
روزکھ بے معرفت یعنے عالم نما جاہل۔ مگر اکھ رازوٕنے اگر خود بینی ترٲوکھ اُتی ژٕلی ہنٛدرِ
سہ ینک وٲراگ تہٕ بلکھ دِرِیخ آزادی۔ حافظنی لفظ چھِہ ۔

تا علم وفضل بینی بی معرفت نشینی — یک نکتہ ات بگویم خود را مبین درستی

حافظ چھُ بییس جایہ ونان ۔ کوٚلہ بچھِن ہیٚٹھ تہٕ زن بیہکھ آرامکہ ہاوسہ مگر زٕبے
کُس آرام ہیٚزی ژٕہیے پانس کُن پانے فِتنَن دعوت چھُکھ دِتمت خود بین بٔنتھ۔ اگر زٕبے
تہٕ مے صرف خدایی امانتس رٲچھ تھٲوکھ کرٕنی تیلہ چھُنہٕ کانہہ غم ۔ تیلہ ضمیر مطمین ییٚدتھ چھُ
دِل پرہ ژھیون باسن تہٕ یُژ سہل بشرطیکہ اُسی آسوٚ نہ بے دینی وٚلی متی۔ حافظنی ییٚمی الفاظ
چھِہ یم ۔

تو گر بر لب آبی بہوس ہنشینی — ورنہ ہر فتنہ کہ بینی ہمہ از خود بینی
گر امانت بسلامت ببرم باکی نیست — بی دلی سہل بود گر بنود بی دینی

بہٕ کرٕ یمہ مقالکہ بٕتھ ییٚنہ واٲلس ذیلی عنوانس منز اَتھ کتھ کُن اشارہ زِ مشرقی شاعران
ہنٛز خود بینی یا نرگسیتکی رُجحان کتھ پاٹھی دیٚت نہ ییٚتہِ نقادن دوٚ تلنے۔ البتہٕ ییٚتہٕ تس
کرِ بہ غالبنی تہٕ اقبالنی کینہہ شعر پیش کرنس پیٹھ اکتفا۔ غالب چھُ خود بینی تہٕ خودی ہنٛدِ پیشرو
شاعرن ہندی پاٹھی لغوی مفہوس تحت ورتاوان البتہٕ چھُ سُہ اَتھ رُجحانس تحت شاعرانہ
تعلی یعنہ فنی تعارف خاطرہ ورتاونک جواز پٕہ وُنتھ پیش کران زِ نابکار حریفن تہٕ رقیبن

پننِ جوہر ہاوُن چھُ لازمی خواہ تِمن باسہ تن حسدس تحت یہ پزتس شاعر ہنز بدماغی تہٕ
آشفتہ سری تہٕ سہ

سہ کہا ہے کسی نے کہ غالب بُرا نہیں لیکن    سوائے اس کے کہ آشفتہ سر ہے کیا کہیے

غالبؔ چھُ زانان زمیایٔ احساسِ کمتری وٲلۍ حاسد کتہٕ چھہ بے رشک کرنہٕ خداداد صلاحیت
یا استعداد تھوان ۔ لہٰذا چھنے تِمن حسدہ علاوہ بے تکلیف واتناونہٕ ژھوے کرنی اکھ نفسیاتی
مجبوری سہ

حسد سزائے کمالِ سخن ہے کیا کیجیے    ستم بہائے متاعِ ہنر ہے کیا کیجیے

بے خودی تہٕ چھُ غالبؔ حسبِ روایت لُغوی مفہومس منز ورتاوان یتھ اکھ اکھ
منفی معنے چھُ ۔ یعنی گنہٕ چھوپرہ یا مستی ہتہ پان بیخود بناوُن مثلاً تسندِ ین پتھین شعرن منز سہ

سہ مے سے غرض نشاط ہے کس روسیاہ کو    اک گونہ بیخودی مجھے دن رات چاہیے

سہ سرپائے خُم پہ چاہیے ہنگامِ بیخودی    رو سوئے قبلہ وقتِ مناجات چاہیے

بیخودی یا مستی ورزنہٕ موقعہ وحل یا مطلوبہ آداب ملحوظ تھونہٕ کتھ ستم ظریف
آپہٕ ونن وٲلس غالبس برعکس تہٕ باقی پیشرو مشرقی شاعرن برعکس چھُ علامہ اقبال پننِ
خاص نقطۂ نظر یا مقصدِ شاعری حسن و عشق علاوہ یمنے دون خاص لفظن یعنے خودی تہٕ
بیخودی ہندِ وساطتہٕ پیش کران ۔ یمہٕ کنی سہٕ دوشونی لفظن منفی بجایہ مُثبت مفہوم عطا
چھُ کران ۔ خودی ژُنتھ چھُ سہٕ یتھ خداداد صلاحیتُک عرفان حاصل کرنُک تہٕ سو صلاحیت
بروے کار اُنتھ پنُن لگہار آسُن قابلِ شناخت بناونُک مشورہ دِوان ۔ تِہنز خودی ہُند
دایرہ کار چھُ انفرادی مفہوم تھوان ییلہ زن سہٕ بیخودی مُثبت مفہوم تھونہٕ باوجود اجتماعی
خودی ہندِس معنیس منز ورتاوان چھُ ۔ یعنی دینی شعورس تحت ملت خاطرہ لگہار بنتھ
ربطِ ملتُک سہٕ حق ادا کرُن تہٕ لشاندہی سہٕ یہ ژُنتھ کران چھُ سہ

فرد قایم ربطِ ملت سے ہے تنہا کچھ نہیں    موج ہے دریا میں اور بیرونِ دریا کچھ نہیں

خُودی ہُند تعارف چھُ اسرارِ خودی منز یمہِ آیہِ پیش کران ؎

وا نمودن خویش را خوی خودی است    خفتہ در ہر ذرہ نیروی خودی است

خودی ہند شیوہ چھُ سارنے صلاحیتن ہیتھ پننہٕ پان بارسس انُن کایناتکس پرتھ ذرس منز چھُ خودی ہُند طاقت شونگتھ۔

؎ چون خودی آرد بہم نیروی زلیست    می کُشاید قلزمی از جوی زلیست

ییلہِ کُنہٕ ذرس یا جاندارس منز خودی پننہٕ زور جمع کرِتھ بروے کار پؤر پاٹھی یوان چھےٚ۔ اُتی چھےٚ سو زندگی ہنزِ کولہِ گر بڑون دریاو بناوِتھ کاڈ کڈناوان۔

بیخودی ہٕ چھُ رِواتی معنے بدلاوِتھ اقبال بیخود گژھنہٕ بجایہِ ذاتی مفاد قومی ہٕ ملی مفادس چھیپہٕ دِنکی آداب ہیچھنہٕ کِس مفہومس منز ورتاوان مثلاً یمن شعرن منز۔

؎ تو خودی از بیخودی نشناختی    خویش را اندر گمان انداختی

ژےٚ تجی ہٕ خودی تِپہٕ بیون پاٹھی بیخودی پرزناونی یمہِ کِنہٕ پننہٕ پان گمانس ہٕ دُگوشس منز مُبتلا تھووُتھ۔

؎ در جماعت خود شکن گردد خودی    تا ز گلبرگی چمن گردد خودی

اجتماعیتک تصور پانہٕ ناوِتھ چھےٚ خودی ذاتی اغراض پھُٹراوان ہٕ قومس چھیپہٕ دِوان۔ ہٕ کرہٕ ہتی چھےٚ جہار لبتھ یہ اکِ پوشہٕ بدلہِ اکھ پوشہٕ چمن بنتھ بارسس یوان۔

؎ قوم و فرد آئینہٕ یک دیگراند    سلک و گوہر کہکشان واختراند

قوم و فرد چھِ اکھ اکُس سند آنہٕ بنان۔ یعنے قوم و ملت چھُ موختہٕ مال بنان ہٕ فرد موختہٕ پھول یا ملت چھُ گنگہ آرہ بنان ہٕ فرد اکھ تارکھ بہر حال یہ چھےٚ مشرقی شاعری منز کارفرما اخلاقی اقدارن ہنز محض اکھ جھٕتہٕ جھٕتہٕ عکاسی ڈیٖوشے

نموٗنہٕ از خروارے ۔ XIII ۔

مشرقس منٛز کیازِ روٗدی نقاد ہمیشہٕ عتابکۍ شکار تہٕ غیر معتبر ؛ تنقید کوٗنہٕ ہیٚچ مشرقس منٛز ژھ ترقی لبِتھ یژھ اَتھ مغربس منٛز نصیب سپٕز؟ اَمہِ اہم سوالُک جواب تہٕ بیٚنہٕ اَسہِ خود مشرقی ادبس خاص کٔرِتھ فارسی شاعری منٛز تلاش کرُن تکیازِ کاشرِس پیٚٹھ چھُ عربی تہٕ سنسکرت مقابلہٕ فارسی ہُنٛد غالب اثر ادبی سطحس پیٚٹھ تقدیر ساز روٗدمُت ۔ ویسے ہیٚکوٚکھ فارسی شاعرن ہنٛدی مختصر اظہار تہٕ اَسی اَمہِ بمارِ ہنٛدی اسباب دریافت کرنکۍ علامتی اشارہٕ بناوِتھ اگر اُسی معاصر نقادن کُن تہنٛدِ رُوتیچ عکاسی کرن وٲلی کینہہ فارسی تہٕ اُردو شعری اَتھ معاملس منٛز قیاس پیما بناودکھ ۔ اَمہِ غرضہٕ بیٚن اَسہِ دُہمہِ صدی ہنٛز نفسیاتی تنقیدٕ[1] ہنٛدی کینہہ پیمانہٕ تہٕ ملحوظ تھاوٕنی ۔ یُتھ زن شاعرن پانس منتعلق "حُسن اور حُسنِ ظن" آسنکی یا شاعرن ہنٛز دل (گھرا این خانہ تمام آفتاب است) سراپا نوٗر بانکی اسباب تہٕ معلوم سپدن ستی مشرقس منٛز نقاد حسبِ ذیل قسمہٕ چرن (سوءِ ظنُک عکاسی کرن واجنٕن) پُرعتاب رائن ہنٛدی ہدف بننکی اسباب تہٕ نقادن ننہٕ ۔ مثلاً یتھی ہوی تلخ ردِ عمل ہاون وٲلی بیان :۔

ا۔ شاعر چھِ خاص خُدائی جوہرُک امانتدار اکھ تخلیقی فنکار یُس مقابلہٕ تخلیقی جوہرہ نشہٕ محروٗم روٗد مُت نقاد محض اکھ دخل درمعقولات دِنہٕ وول پیٚشہِ ڈار چھُ ۔ ہانٛٹھ کیازانہٕ شُرزِنگ آزار یا سُہ رچھنگ تہٕ پھانچلاونگ امار ۔ اَوٚن کیازانہٕ پرٛون بتہٕ

---

[1] جدید نفسیاتی ماہرن ہنٛدی ترٛے بٔڈی دبستان خیال چھ فرایڈ، ایڈلر تہٕ یُنگ ناوکین مغربی مفکرن کُن منسوٗب ۔ یِم ترٛے مُفکر چھِ انسانی شخصیتس تہٕ رُوٗلیس متعلق ترٛے مختلف نظریہٕ پیش کران ۔ فرایڈ سُنٛد نظریہٕ چھُ لیبڈو یعنے جنسی توانائی یتھہٕ رُکاوٹ بنٕ والین سماجی عوامل ہنٛدِس دباوس پیٚٹھ ڈرِتھ یعنے اُردو شاعر ہنٛدِن لفظن منٛز "پاتے نہیں جب راہ تو چڑھ جاتے ہیں نالے" ۔ ایڈلر سُنٛد نظریہٕ چھُ جسمانی بناوٕچ یا کُنہٕ نا خامی ستی پیدہ گژھن وول احساسِ کمتری پانس ژلناونکۍ وَل حسرت کڈنکہٕ آیہٕ اختیار کرنس پیٚٹھ ڈرِتھ ۔ اَتھ نظریس کُنہٕ حدس تام پذیرائی کرن وول آسنہٕ کنۍ چھِنہٕ مےٚ پرتوستانس منٛز "چیمبری" نظم شامل کرمٕژ یہٕ ہاونہٕ خاطرہ زِ پانس اعصابی خلل تہٕ ذہنی مرض ژلناوہ خاطرہ کیا چھ ناقص شخصیتہٕ وٲلی کران ۔ یُنگ سُنٛد نظریہٕ چھُ اجتماعی لاشعورس تہٕ وراثتی رجحانس پیٚٹھ ڈرِتھ یمن ترٛن لرٕ ژن گر مختلف

کیا گوو۔ شاعرن ہنڈ کلامِچ تخلیقی نزاکت کیا سمجھ اکھ نقاد۔ تِندِ مرتبہٕ چھُ اُکس کوڈ کاکی سُند یُس عظیم شاعرن اکھ دلچسپ سخراہ باسان چھُ تویے چھُ حکیم سنائی ہند یمہٕ شعرُک ہدف بنیتھ رُہ اکھ مدِ فضول زانُن لایق نفراہ باسان ؂

عجب نبود گر از قرآن نصیبت نیست جز نقشے۔ بے بابہٕ تعجب اگر ژہ قرآن نہٕ صرف تعویذہ بناونی لایق عبارت زانھن نہٕ بس۔

کہ از خورشید جز گرمی نہ بیند چشم نابینا۔ ہکیا ز کاش نہ وُچھتھ ہکن واُس اُنس چھُ آفتابک تژہرے یوت زانُن تگان نہٕ بس۔

۲۔ شاعر چھُ نکتہٕ دان نہٕ نکتہٕ سنج آسنہٕ کنہ پلنے بہترین نکتہٕ شناس۔ تس برعکس چھُ شاعر نہٕ بنتھ ہکنگ حسرت۔ کوڈ کاکی بنتھ کڈن وول نقاد محض اکھ حاسد نکتہٕ چین نہٕ رقیبِ روسیاہ یُس پانس احساسِ کمتری ژلناونکہِ غرضہٕ نہٕ دہ بہ گر بناونکہِ غرضہٕ واریاہ زیچھ کتھ کرِتھ کوڈ کاکل کرُنس نفسیاتی طور مجبور چھُ۔ اَدی بنہٕ کتھ یژن امہ کنہ نہٕ غیر معتبر نہٕ غیر مخلصانہٕ زانتھ نظر انداز کرنہٕ ز ادی سُند کاوہ گارچار چھُ حقیقی گاڈ جار والین تردُد پیدہ کرِتھ بے ربط کتھن منز آد راوُن یژھان۔ یتھی تاثرات چھُ شیمہٕ صدی ہجری ہندِس حکیم سنائی یُس برونٹھ یونژمہٕ صدی ہجری ہندِس آغازس منز گو۔ ریومُت حکیم عمر و خیام تمہٕ آیہ پیش کران زِ شاہی ایوانن منز تھدین عہدن پیٹھ فائز کوڈ کاکی دبیر (جدید اِصطلاحس منز بیوروکریٹ) چھِ دانشمندی ہندو دعوہٕ باوجود حقیقی دانشمندن نہٕ خردمندن تردُد پیدہ

---

بقیہ حاشیہ مختلف النوع نظریاتن ہنز قدرِ مشترک چھنے یہ مانُن ز دانتاورک یا ابلاغگ مسلہٕ چھُنہٕ محض اسلوبک مسلہٕ بلکہٕ تخلیق کار سُند شخصیتُک مسلہٕ تہٕ۔ لہٰذا یوت تام تخلیقی فنکار بنہٕ شخصیت تشکیل دِنہٕ والین شاعرن ہنز یاری زان حاصل پیہٕ نہٕ کرنہٕ توت تام ہیکہٕ نہٕ تس ندِ دانتاورچ عمل پرکھاونچ کانہہ کوشش کامیاب مانہٕ یتھ۔

کران۔ خاص کرِتھ سُخن فہم نہ آسنہٕ کنہِ۔ وَنان چھُ ؎

اجرام کہ ساکنانِ این ایوانند     اسبابِ تردّدِ خرد مندانند

یم دَورِ پرٛزلوٗنی باسٕن وٲلی ایوانن منٛز بہتھ چھِ تِم چھ تدبیردان بٔنِتھ حقیقی عاقلن تردُد پیدہ کران

ہاں تا سررشتۂ خرد گُم نکُنی     کانانکہ مُدبرّند سر گردانند

یِنہٕ بنہٕ عقلِ حساب راوِی۔ دراصل یِمُ لُکھ بٔنیٖن تدبیر وَنہٕ چھِ نیران تِم چھِ پانہٕ آوارہ ذہن تہٕ سرگردان۔

۳۔ رٕتِس شٲعرس مقابلہٕ رتِس نقادس منٛز حیثیت تہٕ چھنہٕ صرف امہٕ لحاظہٕ کمترِ اہمیتچ حامل زِ شٲعرن چھُ شعر خوٗنِ جگر چاوِتھ ماجہٕ ہندی پاٹھۍ سیٹھا بیقرٲری تہٕ بچنہٕ پتہٕ بارسس اوٚنمُت آسان یێلہِ زَن شرگُ ہمدرد حکیم یا ڈاکٹر بٔنِتھ وول نقاد تخلیقی اضطرابہٕ نِشہٕ قطعاً بے خبر آسان چھُ۔ بلکہ ہیکہٕ نہٕ وۄہرباجہٕ ہندی پاٹھۍ سُہ پرزرگُ پہلو یُتھ پاٹھۍ انصافہٕ سان وُچھِتھ۔ خاص کرِتھ یمو تخلیقی مرحلو شٲعرس توس تُلمُت آسہٕ تِمن بہس پہٕ نقاد بٔنِتھ سطحی بحثُک موضوع بناونہٕ تی چھُ حکیم سنائی سُند ہم عصر شیخ فریدالدین عطار ہند یہِ شرگُ اکھ تاثر باسان۔

؎ آنجا کہ نقد ہا را ناقد عیار خواہد۔ یِتھ جایہٕ بے عقل بحث تُلن وول نقاد کتھِ ہندین موٚلین حصن بیوٚن بیوٚن موٚلاکون کرٕنی چھُ یُرشھان۔

مَردانِ مرد بینی دراضطراب ماندہ۔ تِتھی جایہٕ وُچھکھ ژہ بچنہٕ کارنکہٕ دان رسہٕ کتھ اُڈی اداکرِتھ ہیکہٕ نکہ اضطراب للوان۔

۴۔ حافظ یوٚد وَے نقادسُند (رُت مشورہ دِتھ ہیکن وول) حکیمانہٕ رول یکسر نظر انداز کران چھنہٕ یا نقادے شٲعرس تہٕ عوامس درمیان تفہیمِ شعر

کرناوِنہٕ رٔنگی اکھ رابطہ یا کٔڈِل آسنُک رول تہٕ رد چھُنہٕ کران۔ تاہم چھنے تَبدِ یمہٕ شعرچ زیرِیٖن لہر یہ ہاوان زِ نقاد بنِتھ۔ تحسین کاری چھنے شوک حُسن پامال کرنٕچ بینٕیہ خاصن مُہند راز عوامس نِش بٔنِتھ پاٹھی واتناوٕنچ ترٛشھ کاروٲئی یوسہٕ شاعرن کاہنہٕ سوچ کرنہٕ بجایہ ذہنی تکلیفی پھٕٹے واتناوان، شعر چھُس۔

غیرت عشق زبان ہمہ خاصان ببرید۔ خاصن چھنے از روے غیرت یہ وُچھتھ حیرتاً زِیو ژابِنس بلکہ زِیو ژٹنس بیٹھ نوبت واژمٕژ۔

کز کجا سر غمش در دہن عام افتاد۔ زِ پرکن منز روزُن پسند کرن والِس یارہ (معبودہ) ہندِ غمچ کتھ کپارٕ واژ عامس خامس تام۔

غالب تہٕ چھُ خاص پاٹھۍ وَننہٕ آمُت خاصن ہنزٕ کتھ عام پاٹھۍ دٕرشھناوِن والین بُوالہوس حُسن شناس ناد کٔرِتھ یِنہٕ ناپسندیدگی مُہند بیٹھ یِیٖو اظہار ناقص شاعرن تہٕ ناقص نقادن خلاف کران تہٕ وَنان۔

ہر بوالہوس نے حُسن پرستی شعار کی اب آبروے شیوۂ اہلِ نظر گئی

غالبنہٕ بینٕیہ اکِ شعرچ زیرِیٖن لہر چھنے محسوس کرناوان زِ یُس پیکرِ جمال شاعرٕہندی تخیُلن وُچھمُت آسہٕ۔ تھٕ زیرِ اثر شعر بنِنہٕ پتہٕ چھُ خود شاعر تہٕ محض اَکِس قٲری ہندِس حیثیتس منز یِنِس شوس غارت کٔرِتھ ہیکان نقاد بنِتھ۔ چھُنہٕ کیتھے۔ حُسنچہ گُل چینی ہنزٕ کتھ وَننس در پردہ چھُ وَنان۔

فدایت دیدہ و دل رسم آرایش مپرس از من۔ میون دل تہٕ میانہٕ اَچھ لگنے پٲری۔ پان پارٕ اوکنین رسمن ہنزٕ کتھ مَتہٕ پرٛژھتم۔

خراب ذوق گلچینی چہ داند باغبانی را۔ یُس پوشہٕ ژارنکۍ پتہٕ امارن خراب آسہٕ کوٚرمُت سُہ کیا زانہٕ باغوانی ہندی آداب۔

حافظ چھُ شعرچ غلط صوٗفیانہٕ تاوِیل کرن والین نقادن نِش تہٕ نالان تکیازِ رمز و کنایہٕ نہٕ سمجھنہٕ سببہٕ چھِ تِم دوٚدس تہٕ کٔنڈۍ ژاران گویا سخن ناشاس نفرن تنقیدُک اختیار میلُن چھُ شاعرس زبردست بدبختی ہند ہیوٗ معاملہٕ باسان۔ حافظنۍ الفاظ چھِ۔

مےٚ دارم چو جان صافی وصوفی میکنُد عیبش

یُس مشوٗرِ مےٚ بأگرِن کیٚتھ کوٗڈمُت چھُم، صوٗفی زاہد چھُم تتھی کِنھ کڈنہٕ بیوٗ ٹھمت۔

خُدایا ہیچ عاقل را مبادا بخت بد روزی !!

خُدایا کانٛہہ عقلمندس (شاعرس) مہٕ بیٚیِن یِژھ بدبختی ہند وق زانہہ وُچھِن۔

۵، سعدی چھُ بأج وٕڈھ کرِتھ جابدأری تہٕ وٕسی پایہٕ گی تحت اکھ اکس بٔلی تھُر کھالین والین "من ترا حاجی بگویم تو مرا حاجی بگو" نقادن تتھی یاجوج ماجوج قرار دِوان یم بیٚنین حسرتن ہنز بڈاس کڈنہٕ خاطرٕ شعر شناسی ہندِس باغسے پھلیش چھےٚ دِین یِژھان۔ سہٕ چھُ تِھین اُٹ کرِتھ یکن والین تہٕ کٔلِدٕ دِل پسند کرن والین یاجوج ماجوجن ہنزِ تحسین کأری نِشہٕ بے نیاز روزنُک مشورہٕ یہٕ وُنِتھ دِوان ع

مُشک آنست کہ خود ببوید نہ آنکہ عطار بگوید

اَمہٕ اُٹ ہندِس پرِتھ فردس اکھ سِفلہ ناو کرِتھ چھُ وَنان اگر تیٚہنز سفلہٕ گی تہٕ کمینہٕ گی شرافتہٕ سان جواب دِکھ سہٕ زانہٕ مے کھوٗژ تہٕ بیٚیہٕ عزتٕ سان ژنگن لہاذا یِژنس یِژنہٕ یأکھ جوٗنٹ بند کرُن۔ و نان چھُ

۷ چو باسفلہ گویی بلُطف و خوشی

اگر سِفلس تہٕ احمقس یوٚرہ ژٕہ مہربأنی تہٕ خوش اخلاقی سان پیش یِکھ

## فزون گردش کبر و گردن کشی

تبنز کمینہ گی گرٕھ نہ تمہ سٕتی کانہہ کٔی بلکہ گرٕھہ یہ وُچھتھ تہندس کبرس تہٕ کلہٕ ٹلنس اضافہٕ۔

سعدی چھُنہٕ حافظ ہندی پأٹھۍ نقاد سُند وجود بالکل نظر انداز کران۔ سُہ چھُ وَنان زِ شعر واد بچہٕ کتھ چھِ زہ چیز وقتی شاپھ دِوان اکھ گوو زانن والین ہُند گوٗش دِیُن بیاکھ نہ زانن والین ہُند واہ واہ کرُن ۔ نہ زانن والین سفلہٕ قرار دِتھ چھُ سعدی تِمن سفلن تہٕ غالبنی پأٹھۍ یٔرٕ ہمدردی سان نکر تاران زِ بُزرگ شاعرن دستار وألتھ ہکن تہٕ گرٕتم پانہٕ صاحبِ دَستار بنتھ۔ غالب وَرتاوِ چھُ طنز یہ اندازس منز وَنان ع یارب وہ نہ سمجھے ہیں نہ سمجھیں گے مری بات دے اور دل اُن کو جو نہ دے مجھ کو زبان اور / مگر سعدی چھُکھ تنقیدی بحثکۍ آداب تہٕ ہیچناوان یہ وَنتھ۔

۲ نہ در ہر سخن بحث کردن خطاست

یِتھ کتھ پیٹھ تنقیدی بحث کرنس چھُنہٕ ممانعت کینہہ

خطا بر بزرگان گرفتن خطاست ۔۔۔۔۔ ۱

البتہ گرٕھنہٕ زِ بٔڈین تہٕ پیشرون کیٛنژ کڈنک خطاہرگز سرزد سپدُن ۔ بصورت دیگر چھُ داہن تیٛتھ کانہہ افسوسناک منظر وُچھُن پیوان ۔

۲ بلند آواز نادان گردن افراخت

اکھ احمق مُرٕ رأو گل تہٕ بڑہٕ بیوٚٹھ احمقاز ہُند تیٛتھ اعلان کرنہٕ زِ

کہ دانا را بہ بے شرمی بینداخت

بے شرم بنتھ دِتن پننی کنہٕ داہس دب

سعدی چھُ سِفلہٕ تہٕ احمق بنن والین جانبدار نقادن تہٕ نکری زانان یم جنی

موضوعاتن ہنز۔ شاعری منز ے راتہ موغلن ہندی پاُٹھی سرور لبان چھ تم کتہ ہیکن عرفانی شاعری ہند نورہ نشہ لطف اندوز سپدِتھ۔ یتھی پے نقادس چھ تنگ نظر تہ ڈسی پایہ سونچہ وول ناد کرِتھ وَنان ؎

تو کوتہ نظر بودی وشست رای      کہ مشغول گشتی بہ چغد[۱] از ہما

حضرت سعدیؒ چھ راتہ موغل نقادن تہ رازہ ہونز نقادن ہندی زہ قسم بہرحال ملحوظ تھوِتھ وکالت کران مثلاً یتھ شعرس منز تہ

؎ پیام اہل دل است این خبر کہ سعدی داد

سعدی ہنز شاعری ہنز شیچھ خبر چھے ژکہ اہلِ دلن ہنز شیچھ خبر ننہ۔۔ ہر کہ گوش کند معنیٰ سخن داندا!

ضروری چھنہ زِ اتھ بوزن وول یا پرن وول پرِتھ نفر کیا ہیکہِ اُمہ کس معنیس واُتتھ یا داد دِتھ۔

رازہ ہونز نقادن چھ غالب اہلِ دل نقاد وَننہ بجایہ خاص زباندان یا نکتہ دان وُننھ یاد کران تہ ونان۔

؎ بیا ورید گر اینجا بود سخن دانے

اُدی تون اگر تہندس شہرس منز کانہہ خاص سخندانا چھ۔

غریبِ شہر سخن ہای گفتنی دارد

تکیازِ اکہ بدلے دردہ شہرہ بیٹھ آمتس شاعرس چھے واریاہن خاص کتھن بادتھ کرنی۔

---

[۱] سعدی صاُبنہ ڈلتانگ پروردہ آسنہ کنی اوس پے گوڈنکس شعرہ مجموعس منز یتھس نقادس کُن وٹنمت
[؎] سامکارو راتہ موغلستان ژھانڈ      میون فن چھے پرتوستانگ سفر۔

غالب چھُ خام نقادس پختہٕ بنٛنکۍ آداب تہٕ ہیٚچھناوان یہ وٚنتھ زِ

رمز بشناس کہ ہر نکتہ ادائے دارد!

خود شعرس منز بہم کرنہٕ آمٕژ رمز پرٛزناوتھ کیاز پرٛتھ شاعرانہٕ کتھ چھےٚ خاص ادا (تہٕ خاص کوٚنز) آسان۔

محرم آنست کہ رہ جز بہ اشارت نرود

محرم (رمز شناس) گوٚو سُے یُس تخلیقہ ہنٛدِ داخلی اشارہ نیبر نیرِ تہٕ۔
اکتشافی تہٕ ہیٚتی تنقیدچ یٔژھ واضح بنُیاد از برونٹھ ڈوڈ ہتھ ؤری شاعرانہٕ آیہ تراوِن واٮ۪س غالبس برونٹھ چھےٚ صائبن تہٕ سعدی ینٛز باگژ دوٚیہ قسمہ کین نقادن یعنے خام سامکارن تہٕ پختہٕ سامکارن ہنٛز نشاندہی یمہٕ آیہ کرٕنہٕ آسان

۵ ہرکرا تیغ زبان نیست بفرمان صائب

صایبایس اٮ۪س (غیر ذِمہٕ دار نقادس یا شاعرس) زبانۍ ہنٛد خنجر پننس قابوس منز رٹن تگِ نہٕ۔

عاقبت کُشتۂ شمشیر زبان مے گردد!

پتو چھُ سُہ زلوٕ ہنٛزِ شمشیرِ (ملامت ورسوائی) ہتہٕ مارہ گژھان

۶۔ فن برائے فن وکالت کرن واٮ۪ل نقاد چھ بحث تگنہٕ خاطرہ کتھن کوتھ بناونس تنقیدی مہارت ناو کران۔ کشیرِ ہنٛد عرفانی شاعر چھُ تِھین عالمن تہٕ نقادن دوٚپھ راہِ خاطرہ علم پرٛن واٮ۪ل ناوکران بلکہ چھکھ یہ وٚنتھ اول واگنٕ لوٚن کڈان زِ ژکہ چھو تعمیری بجایہ تخریبی ذہن تھٔہتھ اکھ اٮ۪س آزار واتناونچہِ ژیٚل خصلژ منز گرفتار گژھتھ ونان چھکھ۔

۷ علما پوٚزرو دوپھ کے ہاوسے ژھلس چھو زاگان اٮ۪س اکھ

تہٕ نو موکلیو ساسہ منزٕ اکھ    کوٚہ چھُو گمانہٕ اُسی چھِ خاصے

علامہ اقبالس خاص نقطۂ نظر تھوٚہٕ سببہٕ حافظس کھوٚتہٕ اُکس معتیس منزٕ بہتر بانٛن وول عرفی شیرازی چھُ یِمنٛن حاسدانہٕ تہٕ رقیبانہٕ تنقید کرن والین باضابطہٕ وِدہٕ پھرایِل ہۄنٛز دُنیہہ یاد کران ییٚکیازِ تِم چھِ مختلف دربارن یا اِدارن منزٕ اوٚدقہ ژھارنکہِ غرضہٕ اکھ اُکس دُسہٕ پایہٕ پاٹھۍ ژھلس زاگان۔ عرفی چھُ ونان ؎

عرفی تو میندیش زغوغاے رقیبان    عرفی ژٕمہٕ کھوژ رقیبن ہنٛز وِدہٕ پھرایہٕ تہٕ گگرایہٕ
آوازِ سگان کم نہ کُند رزقِ گدارا    ہوٗنین ہنٛز وِدہٕ پھرایہٕ ہتہ چھُنہٕ اُکس دردشیش روٗزی ہارگان

صایب چھُ اُمہٕ قبیلہٕ کین نقادن حق ناشناس تہٕ ناوکران تہٕ خدا بیزار یا خدا بیجز تہٕ۔ یِژھ اِصطلاح چھِنے بجاے خود اُمہٕ قسمہٕ کین نقادن کُن تُند رُوٗیہٕ ہاوان وُنان چھُ ؎

از حق نشناسان مطلب دیدۂ حق بین۔ دوستا یمن پرزٕ (گاش) نہ پرزناوِتھ ہیٚکن والین
کیا منگکھ حق بین نظر

حق را چہ شناسند خدا بیجزے چند!۔ حقس (گاشس) کیا ہیٚکن خدا بیجز (راتہٕ موغل) پرزٕناوِتھ۔

۷۔ علامہ اقبال تہٕ چھُ نقلکُ نقل پرٛتھ یا وُچھتھ نقاد بنٕنٛ والین یژٕ پاٹھۍ مسترد کران۔ گاہے چھُکھ ڈۄنٛی گوکُرو ہتی سدر بازن والین منزٕ شامل کران تہٕ گاہ خود ساختہٕ پوتلین طواف کرن والی خود فریب ناوکران ییٚکیازِ گُرس تہٕ چھُکھ نہٕ داد لگان دِین۔ وُنان چھُکھ ؎

بجز دراہ عشق مے پویی۔ عشقچ ترُٛ تہٕ زیٹھ وِتھ چھُکھ عقلہٕ ہندٕ لوتہٕ کھرٕ قدمو ژھنڈان۔

بہ چراغ آفتاب مے جویی۔ بلکہ چھُکھ نہٕ ژونگ زالِتھ آفتاب ژھانڈنچ حماقت کرنس تہٕ مندچھان۔

۵ نہ ہر کہِ طوفِ بُتے کردوبست زُنارے ۔ یم توہہ یوتین طواف کرِتھ بیٚیہ یونہٕ گنڈِتھ
کیاہ تام زانُنگ باس چھو دِوان ۔
صنم پرستی وآدابِ کافری داند ۔ تم زاکٲ زیوکھ نہٕ صنم پرستی یا کُفرکی آداب زانُن
واکٲ ۔ تم چھو فریب کار ۔

یم کینہہ مثالہٕ چھیے ییٚتھ کنہٕ کہِ سوالکُ کشیر الجہات یا کثیر الابعاد جواب یاکٲ بانے
برونٹھ کُن انان اُمرِ قسیچہِ (نقادن متعلق ابتدا ییٚتھ از تام) راٲئج روزمرٕ شدید بدظنی منز ۔ کنہٕ
ہیکہ ہے مشرقس اندر نقاد یا تنقید پھٲبتھ ۔ خاص کرِتھ ییٚلہِ زن لیوٚب تھوٚب کرِتھ ییٚنُ پان
بوڈ فنکار بناون والین ادیبن تام ییٚنہٕ ازتہٕ واقعاً پانس متعلق کینہہ بوزنُک بالکل بانہٕ تہٕ
ہتہُ نظرِ چھیٚنہٕ گژھان بلکہ چھُ معاصر قلمکارن متعلق پوٚز وَنُن یا لیکھُن تہٕ موتی لال ساقی
ہنٛدِس اصطلاحس منز " بوٚمبرٕ گنس کُنٛ لاینگ ہیوٗ " جرم عظیم بنان ۔

XIV کشیرِ ہنٛدِس ممتاز غزل گوسند نقاد لپنٛد رُویہ : عظیم فارسی غزل گو شاعرن
ہنٛدِس بُڈِس تہٕ زیٹھِس کاروانس منز چھُ غنی کشمیری سُند یہ امتیاز تہٕ استثنا خاص توجہک
مُستحق زِ تمی چھُ نہ صرف نقاد سُند وجوٗد تسلیم کوٗرمُت بلکہ چھُن آہدِن رٕتین تہٕ مخلصانہ
مشورن ہنٛز اہمیت کیو معنویت تہٕ روشن کرِمژ ۔ اُتھ حدس تام زِ باسان چھُ تس اوس
پرٕتس نقاد تہٕ سخن شناس دوستہٕ بندِ توجہ وراے " خوٗب سے خوٗبتر " فن پارہ بارس
اُنتھ ہیکُن محال باسان ۔ ییٚتھ چھُ دوست بجاے سُہ دوستان ورتاوِتھ صیغۂ جمع آیہ
ییٚنین واریاہن ہمکال فن شناس تہٕ سخن فہم دوستن ییٚنہٕ شاعری ہنٛد کنکتہٕ دان بناوِتھ
پیش کران ونان چھُ ۵

استماعِ دوستان آورد مارا در سخن ۔ خاص دوستن ہنٛدی کن دارنٕچ وَنناوی

آسہ شاعر شعر حسبِ ضرورت۔

پردہ ہای شعر ماجز پردہ ہای گوش نیست = دراصل چھُنہٕ سانہٕ شاعری تھزر تہٕ ژر

لبناونس ہیٚیہ کانہہ ٹھوٗر۔ ماسوای سخن

فہمن ہُند کنہٕ ڈول دیُن۔

غنی ہنٕدِس تحت الشعورس منز قدیم کاشرین سنسکرت دان ممٹ۔ ابھنوگپت تہٕ آنندوردھن

ہوٚین نقادن ہُند اثر چھا کہٕ ذاتی رعایت پسندی ہُند جوہر زِ یِتھ شعرس وارہ نتھ چھُ

نقادن کُن شاعر سُند رُویہِ سیٹھا لچکدار باسان۔ خواہ نقاد کوتاہ جانبدار تہٕ آسی تن شاعر چھُ

تس گوارا کران بلکہ چھُس شعر پٕچ تحریک دِنہٕ وول قرار دِوان۔ نقاد یِتھ آسی تن یا ناقص۔

تس مُحرک سُند یا مشیر سُند اہم درجہ دیُن چھُ غنی یس اکھ استثنا عطا کران تِوے ما چھُس

باسان زِ رتین شعرن کُن نقادن ہُند عدم توجہ ہاوُن یا کُنہٕ ڈول دیُن ہیٚکہِ تِہند تعصبک

حسدُک یا رقابتُک ٹاکارہ ثبوت بنتھ تہٕ تمی مند چھاونک باعث بنتھ۔ پرتس شاعرس

ہینہِ ژوٚیل ناقدن ہندِ طرفہِ کنہٕ ڈول دِنچ سازش وہتر نہٕ ہتی اکے فرق زِ تندرُت

شاعر آسنُک وسیع تر اعتراف روزِ کینژس کالس محدود یا التواہس منز مگر ع

اے بسا شاعر کہ بعد از مرگ زاد یا غنی سُندی یہ تشبیہ و تمثیل وول اظہار زِ

ے نگردد شعر من مشہور تا جان در تنم باشد = میون شعر لبہٕ میانہٕ زندگی منز خاص مشہوری۔

ہیے یُز اکھ ہیزرس پتہٕ سمجھوتہٕ کرُن۔

کہ بعد از مرگِ آہو نافہ بیرون مے دِہد بُورا = تیکیاز ہرنہٕ سُند حاصلِ حیات "نافہٕ" چھُ ہرنہٕ

ہندِ مرنہٕ پتے مُشک ژھٹان۔

یہ وسعت دلی ہاونہٕ باوجوٗد چھُ غنی اُکس یِتھ نقادس برعکس اُکس ناقص نقاد ہندی کینہہ

نُقص یُتر باکھٕ زانان تہٕ نِشاندہی منز انان۔ دنان چھُ ے

کے غور کنند در سخن بے مغز ان = کاڈپو روس (نقاد) نوکہ چھ سٕنٛن شعرن غور کرِتھ ہکان.

غواصیٔ بحر نیست مقدورِ حباب    آبس وچھن والہٕ حبابہٕ کہِ پاٹھۍ (سطحی مطالعس پیٹھ ژھنگن
واٲلۍ تم لوتی نقاد) کیا زانِن سوٗدرس غوطہٕ دِنۍ تہٕ
مُخنہٕ کھالُن ۔

غنی چھ سطحی نقادن ہندۍ پاٹھۍ سطحی شاعرن تہٕ اصلاحِ احوال کرنک مشورٕ دِتھ خودفریبی
منز کڈُن یژھان وَنان چھکھ :-

ے لاف موزونی زند مانند سرو    کُس عقلہٕ تاوُن چھ (ڈاے حرف پرِتھ ژھنگن
واٲلس) بیومُت پان چھس سروکۍ پاٹھۍ نازنین
قدن ہیو باسان ۔

ہرکہ خواند صفحہ از بوستان    ژکہٕ چھُن بیچارن مٕنک ژھٕہٕ ڈوپ بانگ صفحہ
ڈوڈ صفحہ (سطحی طورپ) پوٚرمُت ۔

XV

## شاعر کیو نقاد گژھن تہذیب آشنا تہٕ آسنۍ تہٕ آشوب آگہہ تہٕ

مشرقی شاعری ہند غایر مطالعہ چھُ یہ کتھ واضح کران زِ خواہ فخرِ مغرب ملٹن
تہٕ دانتے بسن ن، THE PARADISE LOST تہٕ DIVINE COMODY ، ہِشن کتابن ہندۍ
اولین نقوش تخلیق کرن والین ابن القارح تہٕ ابوالعلامعری ہوین عرب شاعرن ہندۍ رسالۂ
رضوان تہٕ رسالۃ الغفران سمجھنۍ کتھ آسنۍ یا خاقانی تہٕ سعدی ہوین فارسی شاعرن ہندۍ
شعر سمجھنۍ کتھ ۔ سُے شاعر یا نقاد ہیکہِ تہند ہمہ گیر تہذیبی کیو تخلیقی حسُن پرزناوتھ یس اَتھ
تہذیبی زندگی پرزناونچ نظر یادٕ آسہِ گامژ بلکہ یُس اتھ وِز وِز دوہ تلمیٖتھن آشوبن تہٕ ہنگامن
منز تواریخی زان تہٕ حاصل آسہِ گامژ۔ عام روٗمانی شاعری ما ہیکن لوکھ امہ بس منظرچ زانکاری
ورأے تہٕ کم زیادٕ لطف تُلتھ مگر تھز تہٕ عظیم شاعری یمو دوہ یو پیشگی تقاضو یا مطلوبہٕ مطالو

رۆس استفادٕہ کرِتھ ہیکنگ چھُنہٕ سولبے ودٕ تھاں ۔ شعر شاُن منز ہیکہِ اکھ تازٕہ وارد شاعر
یا نقاد تیلی شامل کرُن لایق زانِنہٕ یتھ یلہِ سُہ تتھ خاص تہذیبی وراثتس واقف آسہِ یتھ
منز کانہہ مخصوص تخلیق پارس آمُت آسہِ ۔ ہیتی تنقیدکی سنجیدٕہ نقاد تہٕ چھِ امہٕ پیشگی
اطلاعاتُک تقاضا یتھ پاٹھۍ تسلیم کران ۔ خاص کرِتھ اگر شاعرن ہنز استعاراتی زبان
یتھ پاٹھۍ سمجھنچ مُنہٕ کامن آسہِ ۔ بعض اوقات چھے تہذیبی پارٕ زانن میسر نہٕ آسنچ کتھ
صایب ہوس اہم شاعرس محض امہِ عرضہٕ ایرانہٕ پیٹھ کشیر واتناوان زِ شیرین قندپارسی
کس شعرس منز غنی کشمیری سُند درتوومُت "کرالہٕ پن" لفظ کیا معنے چھُ تھوان ۔ یوّدوے
صایب ایرانس منز بیہتھ تہٕ امہ ترکیبک معنے بہ آسانی دریافت کرِتھ ہیکہِ ہے تہٕ کرالہٕ پنک
استعمال تہٕ اصفہان یا مشہد کس کانسہٕ کرالہٕ ہنز زرٹ وُچھتھ یتھ پاٹھۍ زیر نظر اُنتھ
ہیکہ ہے ۔ مگر غنی سُند خاص تہذیبی شعور نکھ پتھ پرزناونہٕ خاطرٕ سپُد سُہ کُنہٕ کبر ونخوتہٕ
ورأے تس نِش ذاتی طور حاضر ۔ یہ ذوقِ تجسس یا مادٕہ تحقیق چھُ مغربس منز اَز
تہٕ زندٕہ مگر مشرقکۍ اکثر شاعر تہٕ نقاد چھِنہٕ تہذیب آشنایی تہٕ آشوب آگہی نِشہٕ
محرُوم تخصص اَنِتھ کُنہٕ ادبی تخلیقس یا فن پارس مولانکون یا تنقیدی تجزیہ کرناوٕنس
کارِ بنجار بدست گلکار لگُن زانان ۔ تاہم ما آسہِ میر غلام رسول نازکی صابن تنزُل
پذیر سماجہ کِہن تیھنے کینژن تہذیب ناآشنا دوستن کُن وُچھتھ وۄنمُت سہ

رحم ییجۍ تھوّو وانس پیٹھ نیٚبر چھان کُرُم ناوِد چھُ تمۍ سنز توٚر وایان

کینژن صوٗرژن منز ہیکہِ عالمی زبانن اندر فنی جمالک تہٕ بُنیادی وسیلہٕ اظہارک
درجہ تھوان وول اکھ یا بیاکھ استعارہ بنِتھ واجبی تہذیبی تناظرس منز نہٕ ورتاونہٕ
ستۍ فن پارس حُسنس نہٕ صرف چیستان بناوِتھ بلکہ تمۍ زبان تام تباہ کرِتھ ۔ یہ
گوو شاعر یا ادیب پنہِ ندس سطحس پیٹھ حال ۔ اَتھ صوٗرتس منز ایبسٹریکٹ آرٹ

پیٚٹھِس بعضے ہٕنٛز ہٕنٛز معنے پٕشریح کوٗشش کرن والین فضل فروشن ہٕندی پاٹھۍ ہیٚکہِ نا قد ہٕندِس سطحس پیٹھ نہٕ صرف فن پارک مسخ شدہ مفہوم ٹلِی بچتن ہُند باعث بنِتھ بلکہ لگہار انسان ہُند سرمایہ تہٕ وقت تہٕ ضایع کٔرِتھ۔ تِکیازِ تہذیب نا آشنا نقٕس نِش ہیٚکہِ نہٕ مغربہٕ کیو مُستعار یا دُزدیدہ تنقیدی پیمانو ستیٚ مشرقی شاعری ہٕندِس خاص عقیدس یا تصورِ جمالس تھٔدنہٕ ییوٗت شعر بیٚنہٕ خاص تہذیبی پس منظرہٕ نِشہٕ بیون کڈِتھ مکمل انصافِ حسن شناسی ہرگز لبِتھ۔ خواہ تتھ آسِتن فزِجرالڈ بہٕ نکلسن ہیوٗ کانہہ شرق شناس تہٕ ڈیکھس۔ ادبی جمالیاتک یہ اہم تقاضہٕ پزِ نہٕ ہرگز نظر انداز کرُن زِ مشرقی تنقیدس منز رٲیج روٗدی میتن ضایع بدایع۔ اوزان و بحور تہٕ عروض و اسالیب ہون سارنے علمی آدابن واقف گژھن چھُ اُزِکِس شاعرس تہٕ لازمی زانُن تہٕ اُکِس نقادس تہٕ۔ بلکہ چھِ تہذیبی میراثچ زان تہٕ بیٚنہٕ زبانۍ ہُند خاص مزاژہ۔ طنز و ظرافتُک خاص میلدن رمز و اشاریتُک خاص اظہار پرزناونہٕ ورٲے بہرحال نامکمل زانَس لایق آسان۔ شاید چھِنہٕ اتھ سلسلس منز مختلف مثالہٕ پیش کرنچ زیادہ ضرورت۔ ذوٗقِ گو و شعر فہمی تہٕ سخن شناسی ہٕندِ حوالہِ کرِہ بہٕ توتہٕ کینژن اظہارن کُن توجہ پھرونچ کوٗشش مثالہِ پاٹھۍ اگر کونڈ یا خار" لفظک مُشترِ زِ زہ وول تشبیہاتی ورتاو کُنہٕ جایہِ تہذیب آشنائی ہُند متقاضی آسہِ۔ تتھ پوٗرہ تحسین کاری ہُند حق تہٕ ہیٚکہِ نہٕ زبکہ قاری یا نقاد ہرگز ادا کٔرِتھ۔ نی توتن شیخ سعدی سُندِ شعرِ یتھ منز کُنڈی زرنٛدٕ منزی نہٕ ووٗرے یکن ودل مجنوٗن تہٕ نظرِ تل انُن آسہِ تہٕ تصورس منز تس پیٚتہٕ کُنڈی کڈنہٕ خاطرہ مایل گامُژ لاَل تہٕ اتھس کیتھ ہٕنزن ہیتھ تس یوٗرِ رٕے پیٚتہٕ لاران وُچھنہٕ آسہِ۔ خاص کٔرِتھ اگر کھوٗرو بجایہِ تخیلی سطحس پیٹھ یکن وٲلس دِلس ہتم کُنڈی تُرِہتیٚ آسَن۔ مثلاً یتھ شعرس منز ؎

غم عشق آمد و غم ہای دیگر پاک برد    سوزنے باید کز پای بر آرد خاران

کُشیرِ منز معنی آفرینی، حبُ الوطنی، تشبیہہ و تمثیل یا دعویٰ و دلیل ہوُن بکِ
ہندی کِہن شعری صِفاتن اندر کانہہ جوڑہ نہ تھوَن واُنِس غنی کشمیری ہندی کرالہ پن تہ
گرٕ بٕڑ (آسیا) تہ خار ہِوُن لفظن ہِنزٕ جمالیاتی [illegible] تہ یمن لفظن ہندِن حال شوَن تقدی
تجزیہ کرُن تہ ہیکِہ نہ تہذیبی پسِ منظر نظر انداز کرتھ یِمن صوٗرتس منز ہرگز انصاف پیدتھ مثالہ پاٹھو
نموکھ اُسی "خار" لفظس شاعرانہ استعمال کرن والی تِہندی زہ شعر اُکس شعرس اندر چھُ غنی کشمیری
لُکہ محاورس منز رائج تِتھ انسانی تجربس لاشعوری طور استفادہ کران باسان زِ پرتھ گلابس
چھُ تِلِکنہ کونڈ آسان تہ پرتھ موٗسہس چھُ لبہ تل فرعون آسان ۔ لاشعورُک یہ تجربہ چھُ پانٕ
پانے حرکتس منز یِوان ییلِہ غنی یتھ وقتہ کس کاشرس سماجس منز (دانِش دشمنی ڈیڈی ییتس
جذبۂ حبِ وطنس ایذا رسانی کرن والی) زوال آمادہ پردارکن نفر سرگرم وُچھان چھُ تہ پانس
توٗتہ ہمت نہ ہارنگ حوصلہ یہ وُنیتھ دِوان چھُ " مہ ہاز ہمت اُمہ پیچ وَتھ رٹِن واُنِس
پرتھ نفس پزِ یتھین آزارن تن دِنی تکیازِ یُس پوش، تھرٗ (وطن) ترٛاوِتھ ژلنہ بجایہ اُتی
ٹھہراو کرنک شبقہ عزم ہاوِتس یزِ نہ تیز وادہ ہان منز کانہن کُنڈی اژنس کھوژن" شعر
چھُس سہ ہر کہ پابندِ وطن شُد می کشد آزارہا — پای گل اندر چمن دایم پُراست از خارہا
موِن زِ گوسفندی فلسفہ ڈسی افلاطون زدِ گرٕ ھتھ سطحیتنکس شکار بنیمتس اُکس بردارکِ نقادس
باسِنہ اُمہ شعرچہ منصفانہ تحسین کاری خاطرہ تہذیب آشنا آنکُ تقاضہ اہم تکیازِ یہ
چھُنہ موضوع یا نفس مضموٗنہ رنگی تس تیُتھ زوردار باسان یُتھ قرآنی استفادُک حوالہ
دِنہ ورائی پیہ نتہ آمُت اِنَّ اللہَ مَعَ الصّابِرِین آیتُک عکس پیش کرن وول ٹیگور
سُند یہ شعری اظہار باسیس زِ THOSE ALSO SERVE WHO ONLY STAND
AND WAIT . حبِ وطن ہِوس کُنہ تہ جُبس تحت استقامت ہاوُنہ کِس شعورِ
جمالس مُلایم باوُتھ کرن واُنِس غنی یُس برعکس چھُ غالب سُند اسداللہی لہجہ یُس پُر جلال

بنان ییلہِ سہ میدانِ استقامتس منز ژلن واُلس یا اَکہ خطرکۍ بداوہ دِنہٕ واُلس وَنان چھُ "ننگِ ملت کھوژہ مُبڈیاژہ چھکھا کنڈۍ ترُس لگنہٕ پتے یتھ بارِ و دِوان ژہ ہے حسین ابن علیؓ ہنز عقیدت یُس تھکان چھکھ اِستقامتکس (رشکِ صد ثواب اجرس پتھ تُنُند سرِ مُبارک شمشیرِ پیٹھن پیٹھ شمرُ بو دُی نزناوُنہٕ یُن چھُے مشان" غالب ہندِ تخلیقہِ کوند منز بیٖتہٕ آمت اظہار چھُ یمن کرژن تام ایجاز آموز لفظن منز اداگومُت سہ

توناٖلی از خلعِ خار و تنگری کہ سپہر سرِ حسین علیؓ را بر سنانِ بگرداند!

اُتھ شعرس برعکس چھُ "خار" لفظکی حوالہ غنی سُند بیاکھ تشبیہاتی شعر یتھ منز اکھ عالمگیر پزر حسین اظہار لبان چھُ مگر اتھ چھُنہٕ تحسین کار مُند تہذیب آشنا آمُن یُس صنوبری باسان۔ شعر چھُ سہ کمُن بادوستان از آشنائی اختلاط افزون درآید چون درونِ دیدہ مژگان خار گرد حالانکہ اتھ شعرس منز تہٕ چھُ اکھ جان دانش آموز مشورہ دِنہٕ آمُت یہ ڈیتھ زِ "مہ لاگ پانہٕ زانتھ دوستن ہند گھرہ زیادہ یُن گژھن ژے چھُے نا یہ پزر سپدِ گومُت زِ ییلہ اُچھ ہنز شوٗب تہٕ راُچھ باسن وول کانہہ اُچھ وال تہٕ اُچھ ہندین اندرمین معاملن منز مداخلت کرنہٕ اور اژان چھُ سُہ چھُ اَتہِ کنڈِ کھوتہٕ زیادہ تکلیف دہ تہٕ ناپسندیدہ چیز باسان"۔ امہِ حسابہٕ کُس منصفانہٕ تنقید ہیکہِ اکھ مغربی نقاد حافظ ہوس بہلہِ پایہ مشرقی شاعر سندین یتھین شعرن کرتھ سہ این ہمہ شہد و شکر کز سخنم می ریزد اجر صبریست کز آن شاخ نباتم دادند

من کہ رہ بُردم بگنج حُسن بے پایان دوست صد گدائے ہمچو خود را بعد ازین قارون کنم

XVI

## برتہٕ شعرکہِ حوالہ نکتہ دانی، نکتہ سنجی تہٕ نکتہ شناسی:

گذشتہ ژورن ڈہلین دوران بنیہِ مشرقی زبانن ہندی بیشتر نقاد یونانی یا ڈینتو مغربی نقادن ہند امہِ نیم فلسفیانہ بیانکہِ پکہ وِنی ہکہ وِنی اشتہار زِ شعر گو وئے رُتِس حظہ تہٕ سرِ ورعطا کرِ۔ مگر افسوسک مقام چھُ یہ زِ ژنجھن ورین دوران

ٹہٕ وادہ کاغذ برباد کرنہٕ باوجوٗد بیٚیہ تنقیدکس ناوس پیٹھ فضل فروشی تحت یا زرکاونچہٕ
مجبوٗری تحت خبر کیا کیا لیکھنہٕ باوجود آو نہٕ اَمہ کتھہٕ ہُند کانہہ تعیُن کرنہٕ زِ حظُچ تہٕ سروٗرچ اخلاقی
بُنیاد کیا گژھہِ آسنی یا رِتین شاعرن خاص کٔرِتھ مشرقی زبانن ہندین رِتین شاعرن کیاہ چھے
اَمِچ بنیاد باسیمژٕ ۔ حِکمتُک حظ گژھہِ ہند حکمتک حظ اَنہٕ بیوٗن کڈنہٕ یُن ۔ صرف تہٕ کرنہٕ ستی گژھہ
یہ کتھ روشن زِ مشرقی شعرک حوالہٕ چھ شاعرانہٕ حکمتُک یا تجربُک مطلوبہ پرتو جمالُک یُس شاعر
ہندِس تخلیقی ذہنس یا دِلس روشن کرنہٕ یتہٕ پرٚن والین ہندین ہندٕ اتن تہٕ بقدرِ حساسیت
گاشراوان چھ مثالہٕ پاٹھۍ وُچھون صایب سُند یہ شعر ۔

بر دلِ مورے اگر ناخن رسید　　سینۂ صایب ازان افگار شُد

گوڈہ کرو فارسی نہٕ زانن والین ہندہ خاطرہ اَمِک لفظی مفہوم پیش بیانہٕ کس حدس تام چھ
صایب سُند و "نہ یہ زِ" اگر کانسہِ رٚیپہِ تہٕ زانہہ کالی دِلس ژَل یا خراش لوگ تہٕ وُچھتھ
باسیوو صایبس پننٕ سوٗرُے سینہٕ زخمی" لفظن منز دایرنہٕ آمتہ بیان کس حدس تام چھ
اَکِس شاعر سُند یہ پایہ ورأے پارٕ دِنہٕ وول تاثُر زِ سُہ چھ سیٹھا نرم دل، ہمدرد تہٕ روشن خیال
شخصا۔ گووجانیٚ مگر تہٕ بوزنہٕ ستی ما آو اَمہ شعرُک حظ تہٕ سروٗر بخشن وول نکتہ اَتھہ ۔ یون زِ
اَتھ منز چھ جدید سائنسی دُنیاکس عظیم آین سٹاین ہنز تھیوری (THEORY OF RELA-
TIVITY) ہُند عکس تہٕ نظرِ گژھان ۔ لہازا پیچھ یژٕ کالہِ دریافت گمژٕ یہ آگاہی اَمہ شعرچ
اکھ اضافی معنویت باسان ۔ مگر یِلہٕ اَسی اَمہ کِنی بظاہر سوٗرہ کھوتہٕ سرد باسہ وُنین
لفظن ہندِس زِتس پھیٚر دِنک ہیو توجہ مرکوز کران چھ اَتی چھ اَسہِ یِمنے لفظن تَلہٕ کنہٕ
تیو نگلو کھوتہٕ وُشنہٕ کتھ ہُند باس لگان یوسہٕ تَمہ بیانہٕ کھوتہٕ کہیا زیادہ زوردار، سبق آموز
بنتھ تتھ پزرس کُن مایل کرو دِژ (SUGGESTIVE) پیچھ یُس پزر یتھ اردوٗ شعرس منز بطورِ اکھ
ٹاشر بیان دایرنہٕ چھ آمُت ۔ دردِ دل کے واسطے پیدا کیا انسان کو ،

ورنہ طاعت کے لیے کچھ کم نہ تھے کروبیان ۔ دردِ دل ترکیبہِ چھُ لغوی معنہٕ واَلنجہٕ دود مگر شاعرانہ تخلیقی عملِ بنوو یہ دود ملکوتی اطاعتہٕ کھوتہٕ اہم تہٕ عظیم انسانی مقصدِ حیات ۔ اَمہِ عملِ بنوو یہ دود دلَن باہمی ٲکھ رسہ ژُک تہٕ جذبہٕ ہمدردی یُس زمینس پیٹھ دِلن باہم گنڈتھ تھاوان یتھے رشتہٕ نظام یا پوشیدہ بَن ژانُن بڑُ یُتھ نبس پیٹھ تارکن باہمی کشش ہُند نظام شمسی یُس منز ڈنجہِ تھونک ضامن بنن چھُ گویا صائب چھُ تمِہ انسانی عظمتُک ترجمان بنِتھ وۄتلان لیوسہ حاصل گرتھ نہ پُتہٕ اَکس شخصس انسان ہنزے کیا رنگین ہوِن پتھ پیمتِن کینہِن کرِ تِن ہنز دگ تہٕ بَنِو دگ باسان چھے ۔ اَمی آیہ چھے تخلیقی چھہِ معمولی لفظن تہٕ تقدیر بدلاوان ۔ شاید گیہ یہ کتھ واضح زِ شاعر ہندِس تخلیقی ورتاوس منز یتھ گوو نہٕ صرف لفظن ہند لغوی معنے موقوف بلکہ آوی یمنے لفظن در پردہ اکھ تیُتھ مفہوم بارسس یُس امہِ لفظہٕ ترتیبہِ ورأے بنیہ کانہ ماجہ زیچھے ہیکہ نہٕ اتھی مفہومس ہکو اَسی خاص لفظہ ترتیبہ ہنز اَندرم تیُتھ یا نکتہٕ یا حکمتِ شعر یا شعرُک معنہ وَنتھ ۔

# XVII شعرُک معنی کم اَہم زانن واَلی چھِ جسمس منز رُوح تہٕ صورتس منز سیرت کم اہم زانان

مشرقکی یم فارسی اُردو یا کاشرِ نقاد مغربکو یتھپو بیانو "A POEM SHOULD NOT MEAN, BUT BE." تہٕ "A POEM CEASES TO BE A POEM IF IT CONVEYS SOME MEANING." فن برائے فنکی انتہا پسندانہ بیانات دِنہٕ ژگی کینژن معاملن منز پلنے تضادکہ تہٕ مغالطکی شکار ۔ بلکہ گیہ لفظ و معنے کہِن (جسد و روح یا صورت و سیرت) مسلہ رشتن متعلق تہٕ بڑ بحثن ٹُنتر ۔ اَتھ سلسلس منز یژھ بہ ستھ اَٹھ تنقیدی کتابہ شایع کرن واَلس قد آور نقاد تہٕ ذاتی رفیق پروفیسر حامدی ہندی اکھ زہ حوالہ دِلِس پیٹھ اکھا کرتھ مشرقی وِلبتانک مسلہ زاویہِ نگاہ پیش کرن ۔

حامدی صابُن تنقیدی شعور چھُ شعرکس معنوی پہلوس متعلق ۱۹۷۶ یس منز پیٹھا واضح باسان بیٹھ رسہ لیکھان چھُ "میری کوشش یہ ہوتی ہے کہ تخلیق کے اجزائے ترکیبی مثلاً پیکر، علامت اور صوتی اثرات سے تشکیل پانے والی ہیئت میں تجربے کی نمو پذیری کے عمل کی شناخت کروں ۔ تاہم میرے نزدیک تخلیق کی فنی عظمت کا تعین اُسکی معنوی وقعت کے بغیر ممکن نہیں ۔" اقبال اور غالب ۔ص ۱۱) مگر ۱۹۹۰ منز یُس چھُ یہے نقاد لیکھان ۔

"شعر میں معنی ہرگز قابلِ شناخت نہیں ہوتے .... تسلیم کہ شعر معنی کے بغیر متصور نہیں ہوسکتا۔ لیکن عام طور پر غلطی سے معنی سے مفہوم یا مدعا مراد لیا جاتا ہے ظاہر ہے شعر کو اس سے دور کا واسطہ بھی نہیں۔ اس ڈائیلما (مشکل) کو یہ ذہن میں رکھکر حل کیا جاسکتا ہے کہ شاعر دمِ تخلیق کسی معنی سے سروکار نہیں رکھتا بلکہ وہ ایک کشف پذیر تخیلی صورتِ حال کی تخلیق میں مصروف ہوجاتا ہے اس عمل میں ہر لفظ شعر کی علامتی ساخت کی تشکیل میں حصہ لیتا ہے اور قاری کو ع (منظرنامہ ص ۴۴)

صد جلوہ روبرو ہے جو مژگان اُٹھائیے کے مصداق دعوتِ نظارہ دیتا ہے (جدید شعری پاُدو ژھ تس غالبن یہ شعر ؎ گنجینۂ معنی کا طلسم اس کو سمجھئے جو لفظ کہ غالبؔ مرے اشعار میں آوے پیٹھ کرِو غور اَمہِ اقبتاسکس یتھ فتویٰ ہس بیٹھ زِ شاعرس چھنہٕ تخلیقہٕ وِز کُنہٕ معنےٚ یس سیتؠ تعلق آسان بلکہ چھُ شاعر (بے معنہٕ) کشف پذیر تخیلی صوٗرت حالس تخلیق کرنس منز مصروٗف آسان۔ کانہہ یِزِ سہل یا کٹھ وَنِس پزِنہٕ اُکس نقادس منٛدچھُن۔ تہٕ چھےٚ تیٚسنز طویل جُمکہ سازِ عمل تہٕ کارِ یٚتہِ تُہ بھرِ وِتھ کن رٕٹِنٛچ نہٕ کیٚح بخشی کرِ بنٛخ عمل نان کشف پذیر تخیلی صورتِ حالس روحِ شعرس یا فکری جوہرس یا نکتۂ حکمتس یا محسوٗس خیالس کو نہٕ ونو معنےٚ؟ اَمہِ چی اہمیتھ ونود حافظ

؎ بخلق و لطف توان کرد صیدِ اہلِ نظر  بدام و دانہ نگیرند مرغِ دانا را

؎ از بتان آن طلب از حسن شناسی اے دل  کاین کسے گفت کہ در علمِ نظر بینا بود

کُشیرِ ہند سارِ وے کھوتہٕ تھکن لایق زانہٕ آمُت فارسی شاعر غنیؔ چھُ ہیت پرستن ہندِس روحِ شعر نظر انداز کرنہٕ کِس "یالامعنوی" رُوِیس یہ وَنتھ ٹاس والان زِ ؎

مکدر میشود دل از سخن گویانِ بے معنی  باین آئینہ زنگِ طوطیان زنگارے گردد

حافظس مقابلہٕ یُس شیرازی الاصل شاعر آتش نوائی کِنہٕ اقبالس بنٛیس جمالیاتی شعورس نزدیک ترتہٕ اکہِ لحاظہٕ حافظنہٕ کھوتہٕ محسن تر باسان چھُ سُہ عرفیؔ تہٕ چھُ فن برائے فن کین

علمبردار شاعرن تہٕ نقادن محض آلی گنٛز رٲنٛس تہٕ آئین ہنٛز بناوٹ و برٛتھاونس منٛز الفاظ ضایع کرنُک مُجرِم زانان۔ یہ یِرٛتھن یہ مقالہٕ تٔسنٛد اکھ پُر جلال قصیدُک کُنہہٕ شعر درج کرنہٕ پیٹھے اند واتناوان مگر تمہٕ برٛونٹھ چھِم زیرِ بحث معنیٚ کِس سلسلس منٛز یہ ونُن ضروری باسان زِ مشرقی ادبی جمالیاتٕکی معمار یِمہٕ وِزِ شاعری بجایہٕ صالح شاعری تہٕ تنقید بجایہٕ صالح تنقیدُک مُتقاضی باسان چھِ تمہٕ وِزِ چھِ تِم شاعری منٛز معنہٕ بطورِ ضمیرِچ مہریٚنٛز (عروسِ طبع) پرزناونُک تقاضہٕ کران تکیازِ شاعرن چھُ اُمی سے مہریٚنہٕ اَنہٕ ہر تخیلُک زیوٕر لوگمُت آسان حدٕ عروسِ طبع رازیور زِ فکر بکرے بندم پیش پدن (1)۔ عُرفی ہندی یِم شعر چھِ حافظنس تِتھ عارفانہٕ بصیرتس تہٕ پذیرائی کران یِمی سُہ روشن معنے تہٕ فکرِ بلندکِس تناظرس منٛز شعری سرمایس خزینہٕ خداداد تہٕ ناو کرنوو تہٕ معنوی جام تہٕ مثلاً یِمن شعرن منٛز

حدِ چہ می بُری ای سُست نظم بر حافظ — قبولِ خاطر و لُطفِ سخن خداداد است

گرت ہواست کہ چون جم بسرِ غیب رسی — بیا و ہمدم جام جہان نما می باش

مقالہ کہ خاتمہ خاطرٕ ژار تہٕ آمتین عرفی ہندین شعرن ہنٛز یہ ذیلی تمہید گژھہٕ یہ کتھ وَنٛنہٕ رُوس پوٚرٕ زِ شعرکِس ترجمس منٛز شعری جمالُک منتقلی پھِھے واقعاً اکھ ناممکن کتھ۔ البتہٕ چھُ ترجمس منٛز تہٕ شعرکہِ معنوی جمالُک عکس کُنہٕ حدس تام تتھے پاٹھۍ اصلُک حظ تہٕ لطف محسوس کرناوان یتھ پاٹھۍ معصوم شُرین اکس آبہٕ ڈُلس یا ڈُلس منٛز ہادنہٕ ینہٕ وول پھلہٕ ژُندر تہٕ نبکہٕ پھلہٕ ژُندرکِس لُطفس تہٕ سرُورس نکھہٕ واتناوان بابہٕ۔ ینٛنن فارسی زبانہِ والین طالبٕن شاگردن ہنٛد اصرار ملحوظ تھوٚتھ کرٕ یہ گذشتہ کیٚتن شعرن ہندی پاٹھۍ عرفی ہندین یِمن شعرن ہُند کم زیادہ پرٛاگاش تہٕ فراہم یِمہٕ آیہٕ:-

| شعر | ترجمہ |
| --- | --- |
| نشانِ جان ہمی جو تا نشانِ ازلی نشان یابی | نکھہ رُوٚمُک نشان ژھانڈتی لبکھتس دُورباہ وٕنس |

شعر

ترجمہ

بے نشان سُند نشان تہٖ

مکانِ دل طلب کُن تا مکان در لامکان بینی
زِ چنگِ دی و فردا رُستہ ام بی منتِ امروز

دِلُک مکان اَنِ بدست اُتی چھکھ لامکانس منز تہٖ مکانا۔
بہ چھُسے از کہ احسانہ ورأے اوترکہ تہٖ پگہٕ نیا یہ نشہٕ آزاد گومُت شخصا۔

تو این معنی کجا یابی کہ ہستی در زمان بینی

ژٕہ کتہٕ ہیکھ یہ معنے لبِتھ ژٕہ چھکھ پننہٕ زندگی زمانہٕ کس تنگنجس منز بند زانان۔

من از گل باغ می جویم تو گل از باغ میجوئی
من آتش از دخان بینم تو از آتش دخان بینی

بہ چھُس پوشس منز باغ ژھانڈان تہٖ ژٕہ باغس منز پوش
بہ چھُس دُہس منز نار وُچھان تہٖ ژٕہ نارس منز دُہ

زِ ترتیبِ نظامِ آفرینش چون نہٕ آگہہ
حوادث را ز تاثیرِ نجوم آسمان بینی

ژٕہ ما چھکھ ژٕکہِ تخلیقی نظامکس ترتیبس واقف
لہذا چھی ژٕہ زمانکی حادثات مختلف تارکن ہندِ گردشک نتیجہِ باسان۔

زابر و آفتاب اندیشہ ات کوتہ بود زانرو
دُر از گنجینۂ دریا و لعل از جیبِ کان بینی

چانی فکری سطح چھے ژھوٹ سو کیتھ کھبہ اوبرکیو تہٖ آفتابہ کیو راز و ہیوٗر۔
لہذا چھے ژٕہ یژٕہی آگاہی کافی زِ موختہ چھُ دریاوکہِ خزانہٕ منزٕ تہٖ لعل کھانہٕ ہندِ جیبہِ منزٕ نیران۔

زِ رنگِ نور زانرو تاختی در کشورِ ظلمت
کہ حُسنِ چینیان را در لباس زنگیان بینی

نوٗرُک رُمک ترأوِتھ ژٕوٗلکھ توے ژٕہ ڈُلگٹہٕ کارکِس مُلکس کُن۔
تکیاز ژٕہ اوسکھ یُنہٕ مقصدِ زندگی چینی حُسن حبشی لباسس منز وُچھن بنو ومُت۔

گہر جوئید غواصانِ فطرت در تہٖ دریا

فطرتکی حقیقی ڈُنگل چھ دٕریاوہٕ تٕرکس تل وُسِتھ

شعر | ترجمہ

گوہر ژھانڈان

تو در فکرِ ہمیں دایم کہ از دریا کران بینی ۱؎
بدام اندر کشیدند اہلِ معنی طایرِ دولت

پھٕ رٕ وُدکھ ژٕہ یُس بہیم دریاوکہ بٔٹھ فکرِ چھے۔
اہلِ معنے چھِ کمند لایتھ بُلند آلہِ منزٕ دولتہٕ کِس جاناوارس
رٔٹھتھ انٕنُ زانان۔

تو در زیرِ درختاں ہمچو طفلان آشیان بینی

پھٕ رٕوُدکھ ژٕہ یُس شُرن ہندی پاٹھۍ کُلین تل بہتھ
آیہٕ خارجی ساخت وُچھنس آیہٕ حقیقت لبنک درجہٕ چھُ ژٕ ان
ازلی جمالکہِ آفتابکُ نوُر ہیکہِ نہٕ پرٕتھ اُچھ ہندِس بانس
منز وٕتیتھ۔

نہ گنجد نورِ خورشیدِ ازل در ظرفِ ہر دیدہ

بہ آبِ دیدۂ مردان نگر تا عکسِ آن بینی

مردانِ کاملن ہندِس اوٗشس ہیُنچھ معنہٕ ژٕلرن اُتھ
اُکس پاس بانس منز ہیکھ ازلی حُسنکُ عکس لبھتھ
نفسانی خواہشاتن ہنز گرد نیٖرِ خدادادِ بصارت کاڈ
کڈناوِنہٕ خاطرٕ ازٕ چھن چھلنہٕ

زِ گردِ رغبتِ خاطر فرو شو دیدۂ فطرت

اگر خواہی کہ حُسنِ خار و گُل یک عیان بینی

تِلی ہیکھ جمال شناسی ہُندٕ معیار لبتھ یُس کنڈن تہٕ
پوشن ہیوُن حصہٕ آمُت حُسن پرزٕناوناوی۔

---

۱؎ یُس غالبَس پننہِ فکری بلندی تہٕ فنی عظمت پٮ۪ٹھ پُرٕ اعتماد اعلان کرناوان چھے زِ ۲؎ ما نبود ہم بدین مرتبہ راضی غالب / شعر خود خواہش آن کرد کہ گردد فنِ ما / سُے چھُ عالمی یا شعرا ئِن سطحی تنقید کرن والین لفظ پرٕ دونہٕ جلوہ ونا حُسنس یا معنیس پرزناوُنس لایق بنٕنہٕ خاطرٕ فکرِ بلند تہٕ نظرِ بینا لبنک مخلصانہٕ مشورہ یتھ پٲٹھۍ دِوان ۳؎

عالم آئینۂ راز است چہ پیدا چہ نہان
تابِ اندیشہ نداری بنگاہی دریاب!

شعر

مرو در عرصهٔ دانش کہ ز آسیبِ تنک فہمان

ترجمہ

مہ گژھ دانشگاہس منز دانش ہاونس موت اتہ
باسی پژھ انده تنگ نظری تہ پست فہمی ہنز رانتش
زاگان۔

یقین را در پناہِ پرده دارانِ گمان بینی

بلکہ باسی اتہ یقین تہ ... تل کھٹتھ کوشش
کرن والین ہندس رحم وکرمس پیٹھ۔

برآ از پردهٔ صورت قدم در راہِ معنی زن

لہٰذا کڈ پننہ پان ظاہر بین لفظن ہندِ زولانہ منزہ
تہ ہے معنے پرؤتہ پیٹھ پکن۔

کہ در ہر منزلی سرّی ز اسرارِ نہان بینی

تلافی ہنز اتھ وتہ ہندس پژھ منزلس پیٹھ پکھ
غیبی اسرار ہ منز اکھ اکھ مولل سر لبتھ۔

کسے کز ملکِ معنی در رسد خود را بہ وے بنمای

یُس اکھ ملکِ معنی وچھتھ یور یہ تسی باو پننہ گردن۔

کہ گر مس وا نمایی کیمیا را ارمغان بینی

تکیاز اگر تس ترام تہ ہاوکھ تس کیمیا بناوی تھ معنیچ ڈاگ

بہ نزہت گاہِ معنی میہمان شو تا زِ استغنا

معنے کہ پاک محلک یوژھ بن ادہ تری سو بے نیازی فکر

مگس را باد زن در دست بر اطرافِ خوان بینی

یوسہ اکس لالچی مچھ تہ ضیافتس یکھ واد کرنس پیٹھے
اکتفا کرن چھے ہیچھاوان۔

مخاطب گر نباشد مستمع خامُش مشو عرفی

عرفی صاحبا تہ روز ونک حق ادا کران۔ بوزن والی
ہندِ کنہ ڈول دِہ نہ مہ کر ژھو یہ۔

کہ ہست او ہر چہ ہست اما تو در معنی زیان بینی

سہ بوزن دول یہ چھ تہ چھ۔ یعنے حقیقت و تہ
معنیو لبتہ محروم (ایس نہ وٹن کینہ کہنی چھ سہ گیاوتھ)
امایوز ژہ بابت مے۔ (ینہ ژبتہ ژھو یہ رہ یہ سپنز بای)
نفیا رنہ ستی بینی ژبے گژھ مار دِنس معنے کیس گاہٹ۔

# مشرقی ادبی جمالیات: تفہیمچ اکھ وتھ

پروفیسر غلام رسول ملک

جمالیات چھُ تیُتھ اکھ جامع تہٕ وسیع اصطلاح یَتھ منز وجوٗدیات ontology علمیات تہٕ نفسیات (تخلیقی تہٕ تہٕ ردِ عملی تہٕ) شامِل چھِ۔ یتھ مقالس منز روزِ کوشش یہٕ زِ یمن ناقابلِ تردید جہژن کُن ییہ نہٕ زیادٕ توجہ دِنہٕ بلکہ روزِ یہٕ صرف ادبی پاسس پیٹھے مرکوز۔ ایٚمِک بُنیادی مقصد روزِ یہ زِ مشرقی ادبی جمالیاتُک مخصوص مزاز ییہ زانِنہٕ تہٕ بُد کڈنہٕ۔

مشرق ہیٚکہِ بجا پاٹھۍ پننس تمتھ باگہِ برتس تہٕ پُر قوت ادبس، خاصکر تتھ شاعری پیٹھ فخر کٔرِتھ، یُس ہتہٕ بو وارِہو صدیو پیٹھ پرٛیتھیوو تہٕ ارتقا لبان آو۔ مگر حقیقت چھُ زِ تتھ ادبی جمالیاتس پیٹھ چھِنہٕ کانہہ تہٕ جامع تہٕ مستند کام ہیسز ہژ یُس جمالیات اُتھ ادبی سرمایس پیٹھ کنہٕ چھُ۔ تاہم چھُنہٕ مشرقی مذہب تہٕ سریت تمہِ جمالیاتہٕ نشہٕ بلکلے لاتعلق یُس کائناتس تہٕ بیٚیہ انسانی رُحہ کین سترن منز موجوٗد چھُ۔ یوٚدوے اَمہٕ باپتھ شتھ اصطلاح وضع آیہ نہٕ کرنہٕ۔ وول گوو ادبی معاملس منز۔ چھُنہٕ جمالیاتی فکر بیان کرنچ تہٕ باترتیب وبرتھنے کرنچ کانہہ سنجیدٕ کوشش کرنہٕ آمٕژ حالانکہ مشرقی ادبس ستہٕ تعلق تھاون والیس تنقیدس منز چھِ اُتھ موضوعس متعلق وارِیاہ کلیدی تصورات اورِ یورِ نظر گژھان۔

مغربی دُنیاہس منز یہٕ پھٹے جمالیاتی فِکر بیان کرنٕچ کوشش واریاہ ژیری شروع
سپزمژ۔ یہٕ کتھ پھٹے ٹاکارٕ زِ جمالیات یعنی حُسنس متعلق فلسفہٕ یُس فنونِ لطیفن منز جاری
تہٕ ساری چھُ، چھُ دراصل تیوتُے قدیم یوت پانہٕ یِم فنونِ لطیفہ چھِ۔ یہٕ پھٹے دوٚیم کتھ
زِ اَمِچ وُضاحت چھا سپزمژ کنہٕ نہٕ۔ تاہم چھُ لفظ AESTHETICS گوڈنکہِ پھِرِ جرمنی
ہُند فلسفی الیگزانڈر فان بامگارٹن (۱۷۱۴ء ـ ۱۷۶۲ء) ورتاوان۔ لفظ اوس تمس
برونہہ تہٕ موجود۔ مگر اتھ اوس نہٕ کانٛہہ اصطلاحی مفہوم۔ بامگارٹنن دیُت خاصکرٕتھ
یتھ کتھ بیٛٹھ زور زِ فنونِ لطیفن منز حُسنٕچ موجودگی پھٹے یمن ہنز سارِوٕے کھوٚتہٕ
اہم خصوصیت۔ ادبی تنقیدُک بُنیادی مسلہٕ چھُ اَمہٕ حُسنٕچ وضاحت کرٕنی۔ اَمہٕ حُسنٕچ
معیاری کیو مقداری آنکوہٕ ہندٕن میژن ہیکو جمالیاتی قدرٕ ڈٕنتھ۔ یمن قدرن ہنز وُضاحت
کرٕنی تہٕ بیٚیہ یمن ناو دِنٕچ عمل پھٹے ادبی تنقیدٕچ سارِوٕے کھوٚتہٕ مُشکل تہٕ دشوار کام
تکیازِ اتھ منز چھُ شامل ذوق تہٕ تم داخلی کیفیژ تہٕ یِمہٕ اَمہٕ ذوقُک تعیُن چھِ کران۔
تِتھے پاٹھۍ یتھہ پاٹھۍ زٕن حُسنُک ادراکی تہٕ معروضی وجود چھُ کران۔

حُسن کتھ دٔنو؟ ادبی تخلیق کتھ پاٹھۍ پھٹے اَمِچ پاری زان کران تہٕ یہٕ پھٹے اَتھ باز
تخلیق کران؟ کتھ پاٹھۍ چھُ اکھ وُچھن وول (مُصوری، بُت تراشی تہٕ کنہٕ حدس تام ڈرامہس
منز) اکھ بوزن وول (موسیقی تہٕ کنہٕ حدس تام تتھٕ رزمس منز۔ یُس اکثر زبانی آسان اوس)
تہٕ اکھ پرن وول (ادبس منز) اَمہٕ حُسنُک حظ تلان تہٕ بیٚیہ چھُ اتھ سمجھتھ ہیکان؟

قدیم یونانیو وُچھ حُسن آہنگس تہٕ تناسبس منز تہٕ کوشش کرکھ زِ یہٕ اصول
گوژھہ تھنٕزٕ سنگ تراشی منز، ہنز موسیقی منز تہٕ تھندِس ادبس منز اظہار لبُن۔ ارسطوہن
بنوو یہٕ تصور واریاہ قابلِ فہم ییلہِ تمۍ ادبی تخلیقہٕ ہنز ساخت واضح کرنس منز۔ نامیاتی
تمثیل ورتاو۔ اَمہٕ علاوٕ دِتن آہنگس تہٕ ربطس بیٛٹھ زور دِنہٕ خاطر فنی تنقیدس منز

نامیاتی وحدژ ہُند تصوُر ۔ یہ اوس اکھ تیُتھ تصوُر یُتھ جمالیاتہ کہن سارنے شعبن ہنٛد
خاطرٕ زبردست اہمیت چھےٚ ۔ یہ بُنیادی تصوُر چھُ کینژو ترمیمو سان سہٕ مرکزبان
یُتھ اُندی اُندی جمالیاتکی اکثر نظریہٕ نژان چھہٕ ۔ مثلن بیلہٕ بامگارٹن حسنس معلق پنٕنہ
خیال پیش کران چھُ، سہٕ چھُ اَکھ کثرژ منز وحدژ ہنز موجودگیہ ستی تعبیر کران تہٕ
یی چھُ یوٗنانین ہندس آہنگس متعلق تصورس منز تہٕ واضح تہٕ ارسطوبن تُھ نظریہس
منز تہٕ یمہٕ مُطابق فنی تخلیقن نامیاتی تہٕ خودکفالتُک ہنز خاصیت چھےٚ ۔ بامگارٹن چھُ
وحدژ ہُند تصور تکمیلہ کس مفہوٗمس منز ورتاوان ۔ یہ چھُ تیُتھ اکھ خیال ییٚمیُک ماخذ ییٚمہٕ
قدیم یوٗنانین نشی میلان چھُ ۔ مثالے افلاطوٗن چھُ باقے یوٗنانین ہندی پأٹھی مانان زٕ
خطِ مستقیم تہٕ دأیرٕ چھہٕ تکمیلچہٕ مثالہٕ تہٕ لہذا چھہٕ یمن دوشونی جمیل مانان ۔ یتھ پأٹھو
اُسی برونہہ کُن وُچھو جمالُک یہ وحدژ ہند تہٕ ربطُک یہ تصوُر چھُ تمہٕ جمالیاتُک یتہٕ مرکزی
تصوُر یُس جمالیات کولرجن پننہٕ "بیوگریفیا لٹریریا" منز پیش کوٗر ۔ جیمز جائس چھُ سینٹ
ٹامس اکوائنس ST. THOMAS AQUINAS استفادہٕ کرِتھ جمکی ترےٚ خاصہٕ پرزناوان ۔
1. INTEGRITAS ( یا وحدت ) 2. CONSONANTIA ( سنٛزر یا آہنگ ) تہٕ 3.
CLARITAS ( تجلی ) ییٚمہٕ تہٕ ارسطو سنٛز شاریاتُک (POETICS) . خاصکرِتھ اَمہٕ کہٕ
نامیاتیات تصوُرک ، فنی تخلیقہٕ ہنز خودمختاری تہٕ کتھارسز کہن تصوراتن ہُند مطالبہٕ
آسہٕ کوٗرمُت ۔ سہٕ زانہٕ ضروٗر زٕ اَتھ عیسأیی نظریہس منز چھُ ژکہٕ ارسطوٗنے نظریہٕ دریرہ
صرف پھےٚ تزٕ ییٚم اصطلاح، یعنی کلیرٹاس ( تجلی ) ۔ اکھ مبہم مذہبی اصطلاح مسلہٕ
پأدٕ کران ۔ جوائسن چھےٚ اَمہٕ اصطلاحہٕ بجایہ بدل اصطلاح ورتاوِتھ یا اَتھ اصطلاحہٕ تتھو
معنیس منز ورتاوِتھ یُس معنی لاطینی لفظ قیڈٹاس QUIDDITAS یعنی ماہیت تھاوان چھُ
یہ دشوأری دوٗر کرنچ کوٗشش کرمژ ۔ تاہم یوٚدوے اُسی اَمہٕ اصطلاحہٕ ہُند اکوائنسی

کلیر ٹاس کُنہِ ادب پارکہِ حُسنچہِ تتھ کلی ترتیبہ مفہوٗمے برقرار تھاوو توٗنہٕ چھُ۔

کٔن اشارٕ کران یوٗسہٕ پتہٕ پرٛن والی ہنٛدِس نفسیاتس پیٹھ اثرانداز چھے سپدان تہٕ حظ تہٕ تزکیہ یا (CATHARSIS) پٲدٕ چھے کران۔ اَمہِ علاوٕ چھُ جوایس سُنٛد جمالیاتی نظریہٕ حُسنس پرٛزرس مِتی رلاوِنچ کوٗشش کران۔ سُہ چھُ وَنان زِ فن چھُ قرارُت (STASIS) یِمہِ لحاظ زِ یہِ چھُ دیانہٕ توازُن تہٕ استحکامہٕ چہِ کیفیژ منٛز وِوتلان تہٕ اَوٕ کِنہِ ییلہِ سُہ یِیہِ پرٛن والی ہنٛدِس ذہنس منٛز تہٕ چھُ قرارُت (STASIS) پٲدٕ سپدان۔ یہِ چھُ بیٚیہِ اکہِ پھِر کتھارسسُک ہنٛد نظریہِ تتھے پٲٹھۍ یتھ پٲٹھۍ زن سگمنڈ فرایڈ سُنٛد نظریہٕ چھُ زِ فن چھُ ترفع SUBLIMATION پٲدٕ کران یا اے۔ اے۔ رچارڈز سُنٛد یہِ خیال چھُ زِ فن پارس منٛز چھُ فنکارٕ ہنٛدِ نفسیاتی توازنُک عکس آسان تہٕ یوٗہے چھُ پرٛن والس کُن منتقل سپدان۔ موٗخصر اَمہِ ورٛتھنیہِ تلہٕ چھُ نَنان یِی زِ جوایسُن یہِ ارسطوی ٹامسی جمالیات چھُ حُسنس تہٕ پرٛزرس مساوی مانان یہِ زن تس بروٚنٛہہٕ اَکی جوان سال شاعرن اَکس وجدانی کیفیژ منٛز ژھوٗنمُت اوس:

BEAUTY IS TRUTH, TRUTH BEAUTY, THAT IS ALL

YE KNOW ON EARTH, AND ALL YE NEED TO KNOW![ع۱]

—— KEATS

(حُسن چھُ پرٛز تہٕ پرٛز حُسن —— پوٚز چھُ یتے

یہِ تُہہِ یتھ دُنیاہس منٛز زانان چھِو تہٕ یہِ توٗہہٕ زانُن پرٛزِ)

فنہٕکِس حُسنس یا جمالس متعلق یِم کینہہ بُنیادی سوال وِوتلان چھِ تہٕ یِمن مِتہٕ اکثر جمالیاتی نظریہن تعلق چھُ، تِم چھِ: کیاہ حُسن چھا موضوٗعی کِنہٕ معروٗضی کِنہٕ موضوٗع تہٕ معروٗضہٕ کِہِ ملیکُ پیداوار؟ یہِ حُسن کِتھ پٲٹھۍ چھُ فنس منٛز اظہار لبان؟ حُسن تخلیق

کرنُک آخری مقصد کیاہ چھُ یا یہ چھا پانہٕ پننُ مقصد؟
گوڈنکس سوالس ستۍ یوٚتام مغربی رایہٕ ہنٛد تعلُق چھُ سہٕ چھُ کُس پیٹھ یی زِ حُسن چھُ موضوع تہٕ معروض کہ میٖلُ گرٛھنک پیداوار۔ ییمی طرزُک فلسفی رجحان تہٕ جرمن تہٕ انگریزی روٗمانی تحریکہٕ (فشطےؔ، بلیکؔ تہٕ کروچےؔ چھ ترٛنے انتہاپسندانہٕ مثالہٕ) تراوِتھ چھُ سوٗرُے مغربی جمالیات یوہے نظریہٕ پیش کران۔ اَتھ برعکس چھُ مشرقی جمالیات داخلیت پسندی کُن مٲیِل تہٕ اُتھی ستۍ چھُ اَتھ مختلف قسمٕچ ماورائیتٕہنٛد رنٛگ تہٕ۔ حُسن چھُ وُچھن وٲلِس اندر آسان۔ وُچھو مرزا عبدالقادر بیدلؔ سُند شعر:

ستم است اگر ہوست کشد کہ بہ سیر سرو سمن درا
تو زِ غنچہ کم نہ دمیدہٕ درِ خود کشا بہ چمن درآ

تہٕ محمد اقبالؒ چھُ ونان:

حُسن را از خود برون جستن خطاست
آنچہ می بایست پیش ما کجاست

ہیگلن کٔرۍ فنونِ لطیف ترٛین قسمن منٛز تقسیم:

۱۔ علامتی، یتھ منٛز خیال یا نوٗر روحانی حصہٕ مٲدی کثافۍ منٛز نٔبر نیرنہٕ بایتھ جِکھان آسہٕ۔

۲۔ کلاسیکی، یتھ منٛز خیال یا روح مکمل پأٹھۍ مٲدی کثافتس ستۍ رٔلتھ آسہٕ۔

۳۔ روٗمٲنی، یتھ منٛز روح پننہٕ تکمیلہٕ تہٕ بٔجگی ہنٛدِ احساسہٕ ستۍ سرشار کثافتس پیٹھ غلبہٕ تہٕ تصرُف حاصل چھِ کران۔

اَمہٕ تقسیمہٕ مُطابق چھُ مشرقی فن ترٛیمس قسمس قریب۔
تہٕ حُسن یُس اصلن داخلی آسہٕ، ہیکہِ کانہہ تہٕ ترٛٹھ ہیئت اختیار کٔرتھ یوس موضوعہٕ

بصیرژ پانسَ وَیہ تہٕ اگر وجوُدیاتی انداز کتھ کرو، یہٕ ہیکہِ پانہٕ پنٕن مقصد بنتھ۔ مگر مشرقی نقطۂ نظر چھےٚ فاعل ہنز۔ ذات آفاقی ماورائی حقیقژ سٟتی اکھ عجیب رشتہٕ تھاوان یوسہٕ حقیقت یتھ کائناتس شکل تہٕ صوٗرت چھےٚ دِوان تہٕ اوے چھُ فنکُ حسُن ترٛتھ اکہِ حقیقژ ہُند علامتی اظہار یوسہٕ ظاہر بدؤن چھےٚ۔ کشیرِ ہُند اکھ قدیم بُلند پایہٕ ماہرِ جمالیات اِبھنوگپت چھُ فنکار ہندِس تخیُلس یا پرٔتبھاہَس ( प्रतिभा ) شوٗس یا سارُوے کھوتہٕ عظیم خُدائس سٟتی جوران۔ انسان چھُ حاران گرٛھان زِ اِبھنوگپتٕ نِس اَتھ نظرِیہَس تہٕ کولرج سُنٛس تخلیقی تخیلس ( ثانوی تخیل ) متعلق نظریہس کوتاہ قربی ہشر چھُ ییلہِ سُہ وَنان چھُ زِ یہٕ گوو محدوٗد ذہنس منز تَمہٕ تخلیقی عملہٕ ہُند تکرار یوسہ لامحدوٗدکِس اَنا ( I AM ) ہٕس اندر دائم چھےٚ۔ اَتھ سٟتی پُرتو سہ حدیث شریف تہٕ یُس تصوفکِس روایتس منز اکہِ حدیثہِ قُدسی رُنگہٕ زانہٕ چھُ یِوان، تو یہٕ یِن ازٲنی منظر نامہٕ اُچھن برونٛہہ کُن :

قَالَ اللهُ تَعَالَىٰ كُنْتُ كَنْزًا مَخْفِيًّا فَاَحْبَبْتُ اَنْ اُعْرَفَ فَخَلَقْتُ خَلْقِيْ ؕ

(وَنٕن اللہ تعالیٰ ہن۔ "بہٕ اوُسس اکھ ینہاں خزانہٕ تہٕ مےٚ یوٗرٛتھ زِ بہٕ گوٚژھس زانہٕ یُن تہٕ اَتی کرٛم پادٕ پنٕنی مخلوٗق)

اَتھ چھُ وسطی زمانہٕ کِس گاشہِ جمالیاتَس سٟتی ٹاکارٕ ہشر ییمہِ کِنی گاش سارُوے کھوتہٕ ماری موٚند چیز چھُ۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ ٹامس اکوائینس اوس تجلّی یا نیٕہ ناو حُسنُک ترٛیمُ گوٚن مانان۔ ییٚتھ روزِ یاد پاوُن مُناسب کہ قُرآن شریفس منز تہٕ چھُ اللہ تعالیٰ سُند تصوُر گاشُ کِس شبیہس منز دِنہٕ آمت۔

اللهُ نُوْرُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ

(اللہ تعالیٰ چھُ آسمان ہُند تہٕ زمینُک نوٗر)

اَیکُ مطلب چھُ زِ حسُن چھُ ہرٛزِس تہٕ یرٛزِس سٟتی تعلق تھاوان۔ یہٕ چھےٚ سو

نِسبت تیٚمہِ جوازیت یہ پھٲنٛ زِ یم ترہنوے حقیقژ پھٲنٛ توازُن، آہنگ تہٕ ترتیب پیش
کران۔ اَتھی وَنی توٚ کُنہٕ یا توحید۔

اَمہِ قسمُک فکری نظامس منز ہیکہِ نہٕ غار ذِمہ دارانہٕ جمال پرستی ہندِ خاطرٕ کانٛہہ
جاے آستھ۔ یوہے چھُ وجہ زِ مشرقی ادبی تواریخس منز چھےٚ جمالیت پسندی یا (AESTHE-
TICISM) ہش کانٛہہ تہٕ تحریک وۅتلیمژ۔ یتھ پاٹھۍ زن مغربس منز پھٲنٛ، یمہِ پزرٕ
باوجوٗد زِ اَمیک نقطہ نظر چھُ یِژ پاٹھۍ سودمندانہٕ تہٕ افادیژ ہُند سوچن انداز رۅزمُت۔
چونکہ مشرقس منز چھُ ماورٲیِژ ہند ناقابلِ تسخیر رجحان تہٕ زندگی منزِ روٗحٲنی کیو مذہبی
اعتبارٕ نیکی تہٕ پاکیزگی پاد کرنٕچ قولہٕ ہٲری یہ ہیکہِ نہٕ نِس نِسبت تیتھ کانٛہہ نظریہ
قبوٗل کٔرِتھ یمیک مانن یہ آسہٕ زِ ادبس چھُنہٕ کانٛہہ مقصد اَمہِ رۅس زِ یہ آسہٕ حسین یتھ گۍ
مشرقکۍ تم جمالیاتی تژایہِ ہندی شاعر تہٕ چھِ زندگیہ کینہہ نہٕ کینہہ دِین یژھان یم ژاریچ
وَتھ ہاوان چھِ۔ حافظُن وَنُن چھُ۔

حدیث از مطرب و مے گو و راز دہر کم تر جو
کہ کس نکشو دو نکشاید بہ حکمت ایں معمار را[۱۱]

یہ چھُ اکھ قابلِ قدر فلسفہٕ چلہے اَسۍ اتھ کُنہٕ تہٕ انداز باوَتھ کرو۔

مشرقی ادبی جمالیاتہٕ چہِ موضوعیژ تہٕ ماورٲیِژ ہنز بیاکھ اہم کتھ پھٲنٛ یہ زِ یہ پھٲنٛ
تخیلس سارِوے کھوتہٕ تھوٚد مرتبہٕ دِوان۔ سر ولیم جونز چھُ مشرقس مُتعلق بِنہٕ شٕہٕ تعصبہٕ
باوجوٗد مشرقی شاعرن ہندِس مالدار تخیلس سیٹھاہ تعریف کران:۔

یہ چھُ ہمیشہ مانُنہٕ آمُت زِ ایشیاٲیی چھِ ساہن ہندرِن
علاقن ہندِین بسکینن ہندِ کھوتہٕ زیادٕ پُرقوت تخیُل
(FANCY) تہٕ زیادٕ مالدار ایجادی ذہن تھاوان[۱۲]

اَیک مطلب گو و عقلہٕ چھُ کم تر مرتبہٕ تہٕ وِجدانس تہٕ الہامس چھُ نسبتاً زیادٕ تھود مرتبہ۔ یہ چھِ اہم کتھ زِ اسلامی مشرقس منز چھ شاعر عام پاٹھۍ خدایہٕ سندی پننہٕ شاگرد (تلمیذ الرّحمان) مانہٕ آمتی۔ یتھ پاٹھۍ زن غالب چھُ اعلان کرِتھ وَنان:

آتے ہیں غیب سے یہ مضامیں خیال میں
غالب صریرِ خامہ نوائے سروش ہے[۱۳]

سر ولیم جونز تہٕ چھُ مشرقی ادبی روایژ ہنزِ اتھ خاصیژ اَمی پھیرہ و خصوصیت مانان:

عقل تہٕ ذائقہٕ چھ یورپین ہندی خصوصی حق۔ ییلہٕ زن
ایشیایی مُلکو تخیلہٕ کیو بلند مقامو پیٹھ پرواز چھُ کورمُت۔[۱۴]

ادبس منز چھُ جمال لفظن ہندِس صورتس منز ظاہر سپدان۔ یم زن کولرج سنٕ زبانی منز "بہترین ترتیبہٕ منز بہترین لفظ"[۱۵] آسان چھ۔ بدل پاٹھۍ گود یہ ترتیبہٕ تہٕ تناسبس پیٹھ زور دیُن۔ کرہٕ فنپارس منز، اگر کُس پیٹھ وُ چھنہٕ ییہ، چھُ یہ اصول بقولِ کولرج "کثرت کنِ کِس لباسس منز"[۱۶] برونٹھ کُن یوان۔ یا دٕ یمن لفظن منز چھے فنی تخلیق اکھ مستقل بالذّات نامیہ ہش آسان یمہٕ خاطرٕ کولرجن اکہ کلیچ مثال دِژ یُس زن مختلف ذریعو تاپھ، آب تہٕ کھادِ پیٹھ پننُ کھین چین حاصل کران چھُ۔ اَتھ چھ پھٹراوان، رلاوان تہٕ گالان یُتھ زن دُوبارٕ بناوِتھ ہیکہٕ۔ سورُے کھین چین چھُ سبزارس، پوشن تہٕ پھلس منز تبدیل سپدان ـــــ اُتھی وَنان انتشارٕ منز تخلیق سپدُن۔

لہٰذا چھِنہٕ حارِیچ کتھ کانہہ ادبی زبان، ییلہٕ یہ سیٹھے تخلیقی نوعیچ آسہ چھے یتھٕ پاٹھۍ استعاراتی آسان۔ استعارٕ چھُ تحریری زبانی ہندِس بے زُو اظہارس مقابلہٕ تیُتھ زندٕ حُسن یُتھ پھوٗر وو نخان چھُ۔ یتہٕ چھِنہٕ حارِیچ کتھ زِ ادبی زبان چھے

علامتی آسان تہٕ ہمیشہٕ چھےٚ پَننہٕ پانہٕ ہنبر کنہٕ کنُ اِشارٕ کران یا دۆیمِن لفظن منز اَکھ خصوٗصیت پتھ چھےٚ (SUGGESTIVITY) یتھ کیہن قدیم کاشُر نقاد یِہنز سر براٰہی آنندوردھن کران اوس فنی تنقیدُک مرکزی اصوٗل مانان آسی - یتھ تم (ध्वनि) وہنجن وَنان آسی تہٕ یتھ ایمپسن EMPSON ابہام (AMBIGUITY) ناو دیُت تہٕ فلپ وہیلرائٹ (PHILIP WHEELRIGHT) چھُس بِسیار معنیت (PLURISIGNATION) وَنان۔

جوابس چھُ ادبس منز جمالہٕ کین ترٛین ہیتی اظہارن کُن اشارٕ کران: نغماتی، رزمی تہٕ ڈرامائی۔ یِلہٕ کانہہ فنکارانہٕ شبیہہ پانہٕ فنکارس منزٕ راست تہٕ ییدِ سیوٗد بِرشتہٕ آسہٕ تھاوان ۔ اَکھ ہیت پتھ چھےٚ نغماتی آسان۔ یِلہٕ اَیکُ تعلق فنکارس بیتہٕ آسہٕ علاوٕ بینِین ستی تہٕ آسہٕ ، اَکھ ہیت پتھ چھےٚ رزمی آسان تہٕ یِلہٕ اَیکُ تعلق بینِین ستی یوت آسہٕ ، اَکھ ہیت پتھ چھےٚ ڈرامائی آسان۔ چوٗنکہ مشرقس چھُ زیادٕ توجہ موضوٗعی آگہی کُن روٗدمُت ، ڈرامائی ہیت (یوسہٕ کلاسکی مزازس راست یوان پتھ چھےٚ) چھےٚ خالے کُنہٕ کامیاب پاٹھۍ ورتاونہٕ آمژ۔ رزمیہ ہیتٕ منز پتھ چھےٚ صرف کُنہٕ حدس تام کامیابی میجمژ۔ یِلہٕ زن نغماتی ہیت ہمیشہ غالب پتھ چھےٚ روٗزمژ ــــــ یہ پتھ چھےٚ سو کوٗنز یمہٕ ستی اَسی تھ گنجینس قُلف مژراوِتھ ہیکو یتھ اَسی مشرقی ادبی جمالیات چھِ وَنان۔

# حوالہٕ تہٕ حاشیہ

۱۔ کیٹس اوڈ آن اے گریشین اُرن۔

۲۔ جوہن جی فشٹے (۱۷۶۲ء — ۱۸۱۴ء) اوس اکھ بہلہٕ پایہٕ جرمنی فلسفی۔ سُہ چھُ پننہٕ عینی فلسفہٕ کنہٕ مشہور یمہٕ مطابق اگیو یا شعوری ذات کُنی حقیقت چھُ یُس غاراگیو پاد چھ کران یُتھ پہ پانس پرزناوِ تہٕ پننہٕ آزادی پراوتھ ہیکہٕ۔

۳۔ ولیم بلیک (۱۷۵۷ء — ۱۸۲۷ء) اوس عظیم ترین انگریزی رومانی شاعرن منزٕ اکھ۔ سُہ چھ پننہٕ باتہٕ کتابہٕ SONGS OF INNOCENCE AND OF EXPERIENCE تہٕ یمہٕ وارِہو پیامبرانہ تخلیقو کنہٕ مشہور۔ تسند یقین اوس زِ صرف چھُ تخیل پوزٕ تہٕ سُہ اوس آتھ خُدا زانان یُس رُدحِ چہٕ شکلہٕ منزٕ انانس اندر جاری تہٕ ساری چھُ آسان۔ سُہ اوس پننہٕ پڑھ تھاوان زِ الہامے یوت چھُ تخلیقی فنک آگرُ تہٕ پھری پھری اوس وایِتھ وَنان زِ مےٚ منزٕ ساریے نظمہٕ چھےٚ تس بیٹھ نازِل سپزمژٕ۔

۴۔ بینڈِٹو کروچے (۱۸۶۶ء - ۱۹۵۲ء) اوس جدید اٹلی ہندیو ساروے کھوتہٕ بڈیو فلسفیو تہٕ جمالیاتی ماہرینو منزٕ اکھ۔ تمہٕ دوپ زِ فن چھُ نغماتی۔ وِجدان تہٕ یقین اوسُس زِ روٗح چھُ اکھ مطلق پزر یُس تجربک مواد پاد کران چھُ۔ علم اوس تبدی کنہٕ اظہار تکیا زِ کینہہ زانُن گوو سُہ چیز پانس بیٹھ ظاہر کرُن۔

۵۔ کلیات بیدل، جلد: ۱، صفہ: ۸۴۔

۶۔ بندگی نامہ، کلیات اشعار فارسی : مولانا اقبال لاہوری، منز (تہران: کتاب خانہ سنائی ) صفہ : ۱۸۲۔

۷۔ جاہن شاکراس۔ ترتیب۔ بیوگرافیا لٹریریا (لندن: او یو پی ۱۹۰۷ء)، جلد : ۱، صفہ : ۲۰۲۔

۸۔ یہ چھُس یہ حدیث (یمہِ کِس مُستند آسنس پیٹھ شک چھُ) علامہ عبدالعلیؒ رسالہ وحدت الوجودؔ منز نقل کران۔ بحوالہؔ ابوالحسن علی ندوی تاریخ دعوت عظمت، جلد : ۴، صفہ ۲۶۴۔ مستشرقینو منز چھُ رینالڈ نکلسن اتھ حدیثس پننہ کتابہِ دی مِٹکس آف اسلام، (صفہ : ۱۰۰) تہٕ اے جے آربری پننہ کتابہِ صوفی اِزم (صفہ : ۲۸) منز پھران۔

۹۔ قرآن۔ النوُر، آیت : ۳۵۔

۱۰۔ جمالیات پسندی ناوچ تحریک آس اکھ یوُرپی مظہر یس کُنوُہمہ صدی ہندس آخری حصس منز فرانسس منز نموُدار گیہِ۔ اَمِچ کوشش اوس فن برائے فن ہُند عقیدہ قایم کرُن یمیُک بُنیاد کانٹُن یہ وَنُن اوس زِ فنک مُدا چھُ "مقصدیت بغیر مقصد"۔ اکِ زِٹگی اوس یہ کانٹس غلط تاویل کرنس تہٕ تِہندس فلفس چھلہِ چھانگر کرنس برابر۔ ایڈگرایلن پو تہٕ گرٹھ اَمہِ تحریکہِ ہندین بانی کارن منز گنزراونہٕ یُن تکیازِ رہ اوس زور دِتھ وُنان زِ نظم گژھہِ محض نظمِ ہندِ خاطرے لیکھنہٕ یِنۍ۔ اَمہِ تحریکہِ ہندین اہم فرانسیسی نقادن منز چھِ گاٹیر، بودلیر، فلابے تہٕ میلارمے۔ انگلینڈس منز چھِ والٹرپیٹر، آسکر وائلڈ تہٕ آرتھر سِمنز اَمہِ تحریکہِ ہندی بانی کار مانہٕ یوان۔ یِم قلمکار آسی جرمنی تہٕ فرانسیسی اثراتو علاوہ جان کیٹسُن تہٕ ہنٕز تہٕ متاثر یُس یتہٕ یِمو تھےٗ سلوک کوزِ میُتھ سلوک کانٹس ریتہٕ فرانسیو کورمت

اوس -

۱۱۔ دیوان حافظ (تہران)، صفحہ: ۱۶-

۱۲۔ ورکس آف سر ولیم جونز (لندن: ۱۷۹۹ء) جلد: ۴- صفحہ: ۵۳۳-

۱۳۔ دیوانِ غالب۔ ترتیب: نور الحسن نقوی (علی گڑھ۔ مکتبہ الفاظ۔ ۱۹۸۰ء)

صفحہ۔ ۱۶۶-

۱۴۔ ورکس آف ولیم جونز۔ جلد ۱ء، صفحہ، ۱۱ء-

۱۵۔ ٹیبل ٹاک، ۱۲ جولائی ۱۸۲۷ء-

۱۶۔ بیوگریفیا لٹریریا۔ جلد۔ ۲۔، صفحہ۔ ۲۳۲-

(انگریزی سے ترجمہ: شفیع شوق)

# تخلیقی عمل ــ کیہنہ جمالیاتی انہار

مُصنف :۔ آرتھر کوسٹلر ــــــــــــ ترجمہ کار :۔ پروفیسر سیفی سوپوری

بہ چھُس اکہ تیتھ آزاد ذہنیچ کتھ یرٛتھان کرٛنی، یُس تخلیقی عملہِ ہندِس نسبتاً آزاد نفٕسس اندر مصرُوفِ کار آسہِ۔ بہ چھُس یہ یرٛتھان۔ ہاوُن زِ فنس تہٕ سائنسی انکشافس اندر چھُ اشتراکُک مٲدان تمہِ کھوتہٕ زیادٕ وُسیع یوٚت عام پاٹھی خیال چھُ یوان کرنہٕ۔ میانٛی کوٗشش آسہِ یہ قدرِ مشترک نٔنہِ راونی۔ بہ چھُس اَتھ اٰیٖنہٕ خانس مزاحہِ چہِ پوٚت برٛنی اَرُن یرٛتھان، تکیاز مزاح نگٲری ہُند فن چھُ سُہ کُن تخلیقی فعل، یُس تتھ اضطراری ردِ عمس دوہ نلاوان چھُ، یتھ تخلیقی عملہِ اندر اکہ مِقیاسُک حیثیت حاصل چھےٚ۔

تمن سارنے تجربات یمہ اسہِ ناوان چھہِ، آسان چھُ اکھ مُشترک جزُو ترکیبی سُہ چھُ یہ زِ "کانہہ (situation) یا خیال دوہ ن مستقیم بالذات، اما پوز متباین تلازمی سیاقن اندر مشاہدہ کرُن ۔ اکھ واقعہ یتھ منز معنیکی یم زٕ ڈھانچہٕ اکھ اَکس ژٹان چھہِ۔ ہکون درُست پاٹھی، اکہِ مرکزی نقطہٕ ستہٕ تعبیر کرِتھ تہٕ یتھس واقعس منز یہ یہ مرکز، گویا، دوہن مختلف دلولینگھتن بہٕ ٹھ ارتعاش پاد کرناوُنہٕ۔ ووں یوٚت کال یہ غار معمولی situation قایم روزِ، اکھ واقعہ چھُنہٕ اکہے کردارکہ نموٗنس ستہ

---

لہ کِرداری نموٗنہ Behavioural Pattern

متلازِم آسان۔ بلکہ چھُ سُہ دوٚن منٛزٕ بائسوشیٹ Bisociate[1] گژھان۔ مٕۓ
تھٕریہٕ وحشیانہٕ اصطلاح اوٚرموکھ زِ دہ یہ دِشِگ بند نظامن منٛز سوچُن تہٕ تخلیقی عمل یِن
اکھ اکِس نِشہٕ نِکھراوُنہٕ۔ تخلیقی عمل چھِۓ سانہٕ خیالہٕ ناپایدار توازُن کین تمن لمحاتی مرٲحلن
پیٹھ مبنی یُس بائسوسی ایشنچہٕ اَمہٕ اصطلاحِ نِشہٕ مراد چھُ۔

بہٕ کرٕ یتھ مزاحہ کین کینژن عام قسمن ہُند ذکر: تجنیس (Pun) گوو سُہ
ہنٛر یتھ منٛز اکھ آواز دوٚن مختلف معنین منٛزٕ تلازم تھاوان آسہِ۔ مذاقہٕ چین مختلف
سٕچویشنن (situation) اندر چھُ اکھ لفظ محورچ کٲم دِوان اغلاطن[2] ہٕندِس
طربِیَس اندر تہٕ چھُ یلی پیدان۔ پٲتھرِ بیارہٕ چین مارِ بنے صوٗرتن اندر چھُ پاہِچ جارن
ووٚل زِ وجوٗد لوان مانہٕ اکھ سُہ پانہٕ بٔنِیہٕ سُہ یمی سُند بھیس یہ بدلان (پاہِچ جاران)
چھُ اَمیُک اطلاق یِہ والٹ ڈِزنے Walt Disney بنٛدِن حیوانن پیٹھ تہٕ یم
انسانٕ ہندی پٲٹھی عمل چھِ کران۔ اَمیُک اطلاق سپدِ شُرِن پیٹھ تہٕ یم گِندنَس اندر بُڈِن
ہُند پاہِچ جاران چھِ۔ اَمیُک اطلاق چھُ انسانہٕ ہندِ اُتھ بٔنِیتین تمن چیزن پیٹھ تہٕ یم
زندگی ہند نقل آسان چھِ، مثالہٕ پٲٹھی پنچ[3] تہٕ جوڑی۔ بٔنِیہٕ تمن انسانن پیٹھ یم مشینہٕ
ہندی پٲٹھی عمل کران چھِ مثالہٕ پٲٹھی روبو ہیو منضل فروش (Pedant) یا سُہ انسان
یُس کُنہ عملی مذاقُک نشانہ بنہٕ۔ یعنی زِ کُرسی ہیٚس تلہٕ کڈِتھ رنہٕ۔ بصری مزاحک
سادٕ وۍ کھوٚتہٕ ساد نموٗنہ چھُ سُہ اَتھ یتھ منٛز انسانہٕ ہنٛز صوٗرتھ بدلان آسہِ۔ یہ
چھُ انسانہٕ سُند جسم رتھ پٲٹھی زیٹھراوِتھ یا ژھوٚٹراوِتھ پیش کران)، زنتہٕ چھِۓ اُرچ
سطح لچکدار آسان۔ کارٹونسٹ چھُ ژاری ژاری تمنے خدوخالن اندر مبالغہ کران

---

۱۔ کانہہ واقعہ دوٚن مرکزن منٛزٕ ایسوشیٹ گژھنہٕ خاطرٕ چھِۓ مصنفن Bisociate گژھنچ
اصطلاح تھٲومٕژ۔ ۲۔ اغلاطن ہُند طربیہ comedy of errors
۳۔ پتلی ین ہُند کھیل Punch and Judy

یم تمو بندِ مطلبکۍ آسن تہٕ باتےٚ چھُ ترٛاوان۔ نتیجہٕ چھُ وُچھنہٕ رٕنگی پرٛژھ کرُن لایق آسان اما پوز جمالیاتی لحاظہ ناممکن آسان، گویا یہٕ چھُ احساسی Perceptual تہٕ ادراکی یُگ conceptual دُشمنی ہوٚت مقابلہٕ۔ بالکل یِتھے پاٹھۍ چھےٚ ہیو معاشرچ بگراومژ تصویر۔

پس اکہٕ واقعک ذہنی تنظیمہٕ ہندین دون متبان طریق کارن ستۍ یہٕ باہمی ایشن (تلازم) چھُ مزاحہٕ خاطرٕ اکھ لازمی شرط۔

لیَ النالس کیلہٕ ڈیلس پیٹھ ہکنہٕ گژھہ —— برگ سہٕ ہندہٕ مزاحکہٕ نظریک اصلی نموٗنہٕ —— سُہ چھُ اکھ مضحکہ خیز پیکر بنان۔ اگر وُچھُن والس النامہٕ ہندِس ذہنس اندر جارحانہ مخاصمت ہمدردانہ تشخص ستۍ بدلہٕ، تیلہٕ چھُ سُہ انسان قابلِ رحم شخص بنان۔ ایمِک اطلاق چھ ڈون کیوٹیزوٹش Don Quixote پیٹھ تہٕ سپدان۔

یتیہٕ comic مزاحکس پرٛتھ انفرادی زمرس پیٹھ تہٕ (گویا) ارفع sublime پیٹھ مضحکہٕ خیزس Ridiculous تام چھُ فقط اکھ قدم تہٕ حالاکی چھےٚ زٕ کاگنہٕ اکی نظریہٕ سازن چھُنہٕ یہٕ قدم واپس تُلنُک خیال تہٕ کوزمُت یوٚدوے یہٕ قدم ہکون واپس تہٕ پھرتھ ۔ یہٕ قدم چھُ Reversible واپس پھرُن لایق تہٕ۔ یوٚہے سبب چھُ زِ یہٕ آس پننس موضوعس کُن پوٚت برٕنی کنہٕ تکیازہٕ بہ چھُس یژھان ہاوُن زِ مزاحس تہٕ فنس درمیان چھےٚ نقطہٕ بہ نقطہٕ مطابعت یُس زٕ اکی قسمکۍ دو تلازمی نموٗنہٕ Bisociative Patterns چھہٕ مزاحیہٕ تہٕ جمالیاتی تجربات وُتش دِوان، تمہٕ جذبہٕ مطابق یُس بارسس ییہٕ تہٕ تمہٕ process زوٚرنہٕ مطابق یتھ منز یہٕ جذبہٕ تسکین لبہٕ۔

کومیڈی تہٕ ٹریجڈی ہُند امتیازی جوابی عمل چھُ ترتیبہٕ سان، اسُن تہٕ وَدُن۔ اَیہٕ لس اندر چھہٕ جذبات بیکدم پھٹان تہٕ وَدنس اندر چھےٚ وارہٕ وارہٕ

کتھارسس[1] سپدان۔ گوڈٕ وُچھوٗزِ اُسن کیتھ کُنہِ چھُ وجوٗد لبان ییلہِ خیال اکہِ تلازمی یاد و باقہ اندر اچانک بییس کُن منتقل سپدان چھُ، اَتہِ چھِ کینہہ قوتھ ہُران، یِم آسنہٕ سیتۍ زایل سپدان چھے۔

خیال۔ فکر — چھُ یِرتھ وۄٹہٕ ہیکان تُلِتھ، اما پۄز جذبہٕ چھُنہٕ ہیکان۔ وۄدُن تہٕ چھُ اکھ اخراجی عمل۔ یِمہِ سیتۍ جذبہٕ چھُ مُترہٕ لوان۔ گوڈنیتھ چھُ اوّش پراسمپیتھٹک[2] سسٹم سیتۍ کشِدہٕ سپدان۔ دوٚیِم ییکہ نین اژن — ژھوٚوڈ، شرٕ... شہٕ کھارنی تہٕ اَمہِ پتہٕ زیٹھۍ زیٹھۍ وۄدش تراوٕنۍ ...... ترٕیِم اَسنُس اندر چھِ حرکات و سکناتن اندر غلو لوان ... تناو چھُ فوری طور کم گژھان۔ ودنس اندر چھِ جذباتن ہُند اضطراب وارٕ وارٕ لوتان، یِمہِ سیتۍ خیالک تہٕ جذبک اتحاد خلل پذیر چھُنہٕ گژھان۔

یِمہِ جذبچ تسکین ودنہٕ سیتۍ سپدان چھے تہٕ چھُ حرکتس منز اُنن والین جذبن ہندِ فعالیتہٕ نِشہِ محروم آسان۔ عضلاتن اندر حرکت پاد کرنہٕ بدلہٕ چھُ یہِ اطمینان تہٕ تسکین کُن مایل آسان ... انتہایی حالتن اندر چھُ یہِ وجد تہٕ بیہوشی طاری کران۔ دوٚہہ درشہ کِس تجربس اندر چھِ یِتھۍ جذبات موسیقی بوزنہٕ سیتۍ، کانہہ پُرشکوہ منظر وُچھنہٕ سیتۍ، کانہہ عظیم فنکار سُند فن مشاہدہ کرنہٕ سیتۍ، محبتہٕ کِہو پُرلطف جذباتو سیتۍ یا حُسن و خوٗبی ہنزن اژھین صوٗرژن اندر پادٕ سپدان۔ یِمو منز چھے یرتھ کانہہ عمل۔ یا اثر پذیری ڈٕلۍ دۄہس جذباتن ہندِس جوشس منز آنہٕ نُک باعث بنان تہٕ انانس چھِ اُشہِ بگہٕ لوان تہٕ یمۍ سیتۍ جسمس تسکین ہیوٚ لوان تہٕ اَکہِ تناو ژھوکان۔ اکھ حالتس منز چھِ بعض اوقات

---

[1] کتھارسس: catharsis کانہہ تیُتھ موقعہ ییلہِ جذبات اظہار لبن

[2] پراسمپیتھٹک سسٹم: parasympathetic system سُہ نظام اعصاب سمپیتھٹک سسٹمس مخالف چھُ کام کران۔

انسانی آگہی ہندِ واش کڈنک تہٕ غیر شخصی بنٕنک احساس تہٕ پیدان ۔ فرائڈ سُند احساسِ بحری Oceanic Feeling یتھ منز انسانس پننٕہ ذات اکھ ننٕہ فلکی پاٹھۍ حل پیدان بوزنہٕ یوان چھےٚ ۔

یمن سارنے مختلف نوعہٕ کین جذباتی تجربن ہُند مشترک نسب نما چھُ آسان احساسِ مشارکت ۔ اکھ اکس سِتۍ شریک آسُن ، اکھ اکس سُند سپدُن ، اکھ اکس ہِتۍ تشخص : پننِ پان کُنہ کلکٕ حصہٕ زانٕنک احساس ۔ یہٕ کُل ہیکہِ فطرت یا نوعِ انسانی یا ذاتی تعلق .... آسِتھ ۔ میون خیال چھُ زِ یمن جذباتن گژھہِ ماورائی یا تکمیلی جذبات ناو تھاونہٕ یُن ۔ یہٕ چھُس یژھان زِ تِہۍ گژھو نہٕ امہِ نِشہٕ کانہہ پُراسرار یا متصوفانہ مفہوم مراد نِیُن ۔ البتہٕ یہٕ خیال چھُم پیش کرُن زِ یژھن جذباتی حالتن اندر چھُ کُنہ حقیقی یا خیالی کلکٕ جُز بنٕنک منظورتھ محسوس سپدان ، یُس ذاتہٕ کہ سرحدٕ نِشہٕ ماورا آسہِ ، ییلہِ زن بوچھہِ ، ٹکھ ، خوف قسمٕ کین جذباتن اندر Ego انا چھےٚ اکھ سالم اکائی تہٕ آخری قدر تسلیم یوان کرنہٕ ۔ یمن دوٚیمین جذباتن وٕنو دوٗر پرپادن والی یا خود ادعائی جذبات ۔

انتہائی حالتن منز کتھ چھےٚ وکھر ۔ ننے مانوٗ تہٕ جذباتی کردار چھُ اکھ ہیچ در ہیچ عمل آسان یتھ منز مختلف قسمن ہندی جذبات رُلِتھ مِلِتھ چھِ آسان ۔ محبتس اندر رٕہ جنسی آسٕتن یا مادرانہ ہکن جارحانہ تہٕ خودغرضانہ عنصر تہٕ ماورائی اتحاد ژھانڈن والی عنصر ، اکھ اکِ ہندی معاون آسِتھ (سمےٚ وٕزن ہکن آسِتھ دُشمنی ییلہِ ذِتھ آسہِ) منز چھِ یِم اکھ اکِ ہندِ خاطر رُکاوٹ بنان ۔ مُہم جوٗ تہٕ سائنس دانس اندر چھِ خواہش (حبِ جاہ) تہٕ عقیدتکۍ جذبات جان پاٹھۍ متوازن آسان ۔ مذہبی جنونس اندر چھُ عقیدتک خلوص ۔ جارحانہ اجتماعی کردارہٕ خاطر ۔ پانہٕ غارمتاثر روزان ۔ یاد پزٕ تھاوُن زِ مشارک عمی نظامہٕ چین دون تنجن اندر چھُ تعامل مختلف قسمہٕ آسان ۔ مخالفانہ اکھ اکِ ہندی

معاون اثر قبول نہ کرن دٲنۍ یا حد کھوتہٕ زیادٕ متلانی۔ یِتھٕ چھِہٕ Ambivalence
اصطلاح کامہٕ فایدٕ دِوان تہٕ یمن متضاد جذباتن چھےٚ احاطہٕ کران۔

Impulses محرکات ووٚتلیمٕ ہندٕ جذباتن خودادعٲیٔ ۔ چھےٚ پٲٹھۍ عام
حرکژٕ، سکوٗن تہٕ اطمینانٕ زامہٕ جذباتن ماوراٲیٔ تہٕ آسان مایِل کُن حرکتن عضلاتی ماکارہٕ
رجحان ہیتھ، غدودی تہٕ اعصابیٔ فعالیتس اندر بہٕ تام لبان۔ جارحانہٕ جذبات چھہٕ مرلوطہٕ
تہٕ وسیع مشنری Machinery ستۍ عمل کران ، اما پوٚز ماوراٲیٔ جذباتن ہندس اختیارس
اندر چھُنہٕ یتھ کانہہ آلاتی نظام آسان ۔ یمن اندر چھےٚ تحرک مفقوٗد آسان ۔ یم چھہٕ آسان
عمل آگہی ستۍ ہم قدم۔ییلہٕ ماسٹر صاحبس تلہٕ چھےٚ کُرسی وَسِ پیوان، تہٕ ساعتہٕ چھےٚ
دوٚیہٕ منز اکھ صوٗرتھ پیش یِوان۔ ہرگاہ میانِس تس کُنِس زوٗلِس اندر جارحیتھ تہٕ خوف
مسلط آسہِ، تیلہِ روزِ جذبہٕ برونٛہہ پکان تہٕ تکلیانہٕ انداز پیٹھ گژھہِ سنجیدگی ہند پردٕ
تھوٚد وُتھتھ تہٕ جذبہٕ گژھہِ تبدیل، لوٚت لوٚت اَسہٕ لس منز۔ اما پوٚز ہرگاہ تمس کُن میانس
زوٗلِس اندر ہمدردانہٕ یک جہتی آسہِ ۔ تیلہِ ییہِ بہٕ اُستادٕ بندس نوٚس کرداری مادانس کُن
منتقل تہٕ بہٕ پتھر یوٚمُت پیکر بنہِ میانہٕ فکرمندانہٕ ہمدردی ہُند موضوٗع ۔ اَتھ صوٗرتس
اندر چھُنہٕ خیالس تہٕ جذبس درمیان کانہہ فصل پٲدٕ گژھان ۔ ژکھ چھِنہٕ استدلالہٕ نِشہٕ کانہہ
اثر قبول کران ۔ اما پوٚز ہمدردی چھےٚ بصیرتس ستۍ ستۍ روزان ۔ یہ امتیاز چھُ اہم بنان،
دو تلازمی عملہٕ اندر یتھ متعلق مےٚ گوڈٕ نیتھے عرض کوٚر۔

مےٚ کٔر خود ادعٲیٔ تہٕ ماوراٲیٔ جذباتن درمیان تفاعلچ اکھ قیاسی تصوٗر پیش کرنچ
کوٗشش ۔ مزاجس اندر چھہٕ جذباتھ تتھےٚ پٲٹھۍ پھٹان یتھٕ پٲٹھۍ مےٚ بیان کوٚر۔یمن منز
چھہٕ جارحیتھ تہٕ انقطاعکی خصوٗصیات آسان ۔ فنس اندر چھہِ جارحیتہٕ بدلہٕ یک جہتی بنیہٕ
جذبہٕ تہٕ خیالک اتحاد تہٕ کتھارسس آسان ۔

ذہنس اندر بیک آن ژِ کاینات ۔ اَکھ حقیقی تہٕ اکھ خیالی ۔ جمع سپدنس چھ
ونان التباس ۔ مزاحس منز چھُ اکھ معروف قسم "مزاحیہ بہروپ" تہٕ فنس اندر اَتھ مقابلہ
ڈرامائی التباس ۔ یہ چھُ وُچھن والین غار اہم زمانہ حالیہ نِشہٕ تتھس عالمس اندر واتہٕ ناوان،
یُس ذاتی مفادٕ نِشہٕ سیٹھاہ دوٗر چھُ آسان ۔ التباس چھُ ماورائی جذباتن وُزناوان تہٕ
خود ادعائی جذباتن ٹھَر روزان ، یا بے اثر بناوان ، اتھ حدس تام زِ ہرگاہ وُچھن والِس
اندر خوف یا ژکھ پھٔٹے پاد سپدان ، یم جذبات چھِ ہیرووس سٟتؠ یک جہتی آسنہٕ سببہٕ
بارسس یوان ۔ یہ یک جہتی پھٔٹے عارہ خود اکھ ماورائی عمل آسان ۔

ڈراما یا ناولہٕ ہند پلاٹ چھُ ، وسیع معنیس اندر سچویشن یا کردار یا دوشوٕنی
پیٹھ مبنی آسان ۔ گوڈنکس صوٗرتس ۔ یعنی ژِ سچویشنہٕ کِس ۔۔ اندر چھُ اَکس مرکزی واقعس
منز ، دوٚن آزاد تعلیلی سلسلن ہند اُلجھاو ، تضاد ، انطباق[1] یا غلط فہمی پاد کران ۔ یم ساری
چھِ طربیہ تہٕ حزنیہ[2] دوشوٕنی ہندِ خاطرٕ بُنیادی ستوٗن ۔ دوٚیمس صوٗرتس اندر ۔ کردارکس ۔
چھُ تضاد آسان متبائن مزاجن ، قدرن[3] ہندس میزانس یا طرزِ عملکی اصولن[4] ورتاونس
اندر یہ ییاے چھُ اَنز رنہٕ یوان ۔ اکے شخصہٕ سندِس دِلس منز یا مختلف شخصن درمیان
یا ہیرووس تہٕ معاشرس درمیان ۔ یمن متبادل صوٗرتن اندر چھُ مصنف ناظرین اُتھی،
ہِنند ہبے معنوی فریمس اندر ژِ متضاد معنوی فریم ، صحیح ماپنہٕ ناونک منز کران تہٕ یہ
چھُ وُچھن والی ہندِس ذہنس اندر دوٚن ہم زمان تہٕ متبائن یک جہتین ہندِ داخلی طور
واقع سپدنہٕ سٟتؠ تضادیچ صوٗرتھ اختیار کران ۔

---

۱ انطباق : coincidence ، ہم وقتی ۲ طربیہ comedy ، حزنیہ tragedy
۳ قدرن ہند میزان scale of values ۴ طرزِ عملکی اصول code of behaviour

پتھ پاٹھۍ چھُ اکھ فنکار عام یا دوہہ دِتھ کینہہ تجربن ہندی زیم (معنوی فضا)،
جذباتی طور زیادہ قوی استعداد تھاون والین معنوی فضہن رتی بائسوشیٹ کران، یُتھ طریقِ کار
یِیمہ رتی کتھارسس۔ جذباتی کرنٹ زمین دوز سپدِ نی۔ آسان پھٹے سپدان۔ اُتھو رتی رتی۔ اکہ
مالوس تجربک اُکس مختلف فریمس کُن منتقل سپدُن، اُکس نوس سیاق و سباقس منز اُتھُن
چھُ اکھ اُکس نو غیر مالوس تہ نا راہم روشنی منز پیش کران۔ پتھ پاٹھۍ فکری تجلی تہ جذباتی
تسکین بیک آن حلوگر سپدِ نی۔ دُو تلازمی عملہ ہندی تکمیلی پہلو۔ چھُ جمالیاتی تجربک جوہر
معلوم سپدان۔

یُوہے چھُ میانہ اندازہ سائنسی انکشافک جوہر تہ۔ ییلہ اکھ تجرباتی مقدمہ پننہ
معتاد سیاق و سباقہ نیتھ اُکس نوس سیاق و سباقس کُن منتقل سپدان چھُ، تتھ چھُ اکھ نو
زاوِیہ نگاہ دُچھنہ یوان تہ توجہ ییلہ اُمہ کس کُنہ تتھس پہلوس پیٹھ مرکوز سپدِتھ،
یُس اُکس معنوی فضہس اندر بے محل تہ بیٚیس اندر مربوط آسہ۔ تاکیدرچ یہ تبدیلی یا
اثرِ انتقال چھُ تخلیقی عملہ ہندِ ن تربہ وِنی بباطن اندر دو تلازمی عملہ ہنز اکھ لوزِمُک
خصوصیتھ۔ کوہِ تہ ہندی چپاذی سلطان ییلہ مثالے گوڈنچہ ہِرِ اکہ کُلُج لنڈ ژٹ
تہ سوکُرن کیلہ ژھانڈنہ باپتھ لوہہ ہندِ حیثیتہ استعمال، تمی کوٚر ہتھیار بناونُک فن ایجاد۔
پننس معتاد معنوی فضہس منز آس یہ لنڈ اکہ فعال کُل"۔ یعنی زِ کُلُج — اکھ حصہ
اما یوز سلطانس آس لوٚر تلاش کرنچ فکر ژڑوان۔ ییمہ رتی اُمس بیاکھ معنوی فضا اُتھ آو،
یُتھ زن زِ ییلہ اُمی بنز نظر لنجہ پیٹھ پییہ، تمہ سُند توجہ پیہ برونٹھ نظرِ نہ گمتس تہ
استعمالس منز نہ آمتس، لنجہ ہندِس لوہِ ہش آسنکس صفتس کُن منتقل۔ لنڈ آیہ پننہ
سیاق و سباقہ اندر ژٹنہ تہ ییلہ یا وباتُک حصہ بناونہ۔ ییلہ سلطانن ور دار لنجہ تہ
بینز لوہ مابین یلو شید ہشر منکشف کوٚر، تمی کرٚ اکہ پراٹہ کھادر ہنز۔ تائید زانکشاف

چھُ ناو ترٛتھ جایہِ مشر درمیٚنٹھی ینگ یٚنتھ اُمہِ برونٹھ کانٛہ وُچھمُت آسہٕ ۔ پَتہٕ بیشک ہیہے تعریف پھٕھے مزاح نگار تہٕ شاعر ہندین انکشافن پیٹھ تہٕ منطبق پیدان ۔

یِنتھ چھُ مے باسان زِ FRAME ۔ فریم ، ڈھانچہ ۔ معنوی فضہ ہوان لفظ ہِ یتھ مضمونس اندر تقریباً ہم معنی اندازس اندر چھِ ورتاونہٕ آمتہِ ۔ گژھہِ زیادٕ درست زِ نہٕ زِ درست ، معنی عطا کرُن ، یُتھ زن کتھہِ واش نیرِ FRAME OF BEHAVIOUR داکو عمل وٕنُو اُکس ترٛتھ خلقی یا پیچیٖدٕ ہنرمندی ۔ یُس مقررہ قانونن ہندِس مجموعس تابع عمل پذیر آسہِ . . . . . . پہٕ کارکردگی ہیٚکہِ ماحولکین مخصوص حالاتن مٕنٛز مطابقت پادٕ کرنہٕ باوجود ، اُکس مقررہ کوڈس code تابع آسِتھ ۔ چنانچہ سانو نواز ۔ شطرنج بازٕ ، ماہر طبیعات سارٕی چھِ لچکدار حرکژ فرٕ ... (CRAF...) ہُند اظہار کران تہٕ مٕنٛز مٕنٛز مقررہ قاعدن ہنز تابعداری تہٕ کران ۔

ووٚن ہرگاہ زن کانٛہہ کام یتھی نہٕ ہوٚن طریقن اندر کران روزٕ تیٚلہِ پھٕٹے ہوٚ ہنرمندی اضطراری عملہِ ہندِس پست سطحس پیٹھ وسان VICE VERSA برعکس چھُ بدلہٕ وُن اوٚند پوک لچکدار ہو ہنرمندی پادٕ کران ۔ اما پوز تغیرٕ ہیٚکہِ تِھس نقطس پیٹھ واتِتھ یِنہٕ زن سچویشن ، ہرگاہ سہ یُتھ کالہِ پیٚش آمتین حالاتن واریاہہ رٔنگی مشابہ تہٕ آسہِ ، مگر تتھ خصوصیژ ہنز حامل آسہِ ، یِمہٕ مٕنٛز مسلہٕ ہیٚکہِ نہٕ پرٛانہِ طریقو حل سپدِتھ ۔ ووٚن یوٚدوے یِژھ کتھ سپدِ ، زانُو گژھہِ زِ سچویشن پھٕٹے منجمد گمژ ۔ فنکارس ٹیٚک احساس گژھہِ سپدتن یا ژرٕی ۔

منجمد سچویشنہٕ منز چھُ رٔکیمز تحریکہِ ہند دباو زیادٕ سپدان ۔ پرٛأمید طریقہ

---

۱ دوٚگنازی عمل Dissociative act ۲ تجرباتی معد Datum of Experience

۲ Kohler's chimpanzee sultan "سُلطان" چھُ یِنتھ طنزاً تہٕ مزاحاً استعمال آمُت کرنہٕ ۔

آزماوبہٕ پتہٕ چھے تخلیقی تحریک دآئرن اندر گیتھ کران ، سوٗژ سوٗژ ژکھ تہٕ چھنے ذہنس متاثر کران تہٕ تخلیقی انہماک چھُ انتشار پاپل آسان ۔ یتھس مرحلس پیٹھ ___ تخلیقی بارآوری ہندس موسس اندر ۔ چھنے ساپرے شخصیتھ ، غیر لسانی تہٕ غیر شعوری حدس تام ، مسلہ حل کرنس اندر غرق سپدان ، یوت ہن زیٚیلہٕ توجہ بنیس کنہٕ معنوی سیاق وسباقس اندر منہمک چھُ آسان ، عصبی[1] فعالیتھ کُس کنہٕ تہٕ کنہٕ سطحس پیٹھ چھُ یہ لاینحل مسلہ ، ذہنس اندر نژان آسان ، ییتھ کنیٚ چپانزی سلطانہ ہندس معاملس منز کلس کنُ نظر تراوِنی یا آرشمیدس سند آبس منز غوطہٕ دِنہٕ وِز آبچ سطح تھوٗد کھسان وُچھنہٕ ..... ییتھ پاٹھی اکہ موافق اتفاقی واقعہ سیتی یہ موقعہ حاصل سپدان زِ پرٛانس سیاق وسباقس اندر منجمد گمژ سچویشنس پیٹھ کرون اُسی اکھ نوٚو معنوی فریم مسلط تہٕ تخلیقی علہٕ اندر یوٗمُت گنڈ ییہ مژراوِنہٕ ۔

یمن صوٗرتن ہُند ذکر کرِنہٕ آو ، تمن منز اوس اتفاق (CHANCE) اکھ تیُتھ مرکزی نوقطہ دریافت کرنس پیٹھ مشتمل ، ییمہٕ سیتی غار متعلقہ معنوی فریم اکھ اُکس سیتی رلان اکھ ۔ اُتھ چھُ اتفاق CHANCE ماتحت رول ادا کران ۔ کنہٕ منجمد گمژ سچویشنہٕ گنڈ مژرنہٕ خاطرٕ چھنہٕ انسانی ذہن صرف اُدی سارِ یوت کام ہوان بلکہ چھُ یہ مبہم پاٹھی محسوس کرِتھ سمتس کنُ پکان ، ییتہِ کینہہ غار ملفوظ کھبہ دِنہٕ ماثلژ تتھ رہبر چھنے بنان تہٕ ییہنز نوعیت آسان چھنے ییتھ پاٹھی کُس تام چیز چھُ مے کیاہتام یاد پاوان ۔

بشکریہ :

یونیورسٹی کیلیفورنیا میڈیکل سکول سمینار

" کنٹرول آف مائنڈ " منعقدہ ۲۸ ۔ ۳۰ جنوری

۱۹۶۱ء

[1] NERVOUS ACTIVITY عصبی فعالیت

# اکتشافی تنقیدٕچ جمالیات

پروفیسر حامدی کاشمیری

بَنٛنہٕ ہیٚتہٕ وُری شہٕ رِلوایتہٕ باوجوٗد چھےٚ اُردوٗ تنقید ازتہٕ اکھ سوالیہ نشان بَنٛتھ
بروٚنہہ کُن یِوان تہٕ اَمِچ کارگُزارٕی تہٕ ضرورتس مُتعلق چھِنہٕ بے اطمینانی منٛز کمی پیدان۔ حالیَن لیوٗکھ روایتی لکھنوی شاعری خلاف بطورِ ردعمل سرسیدنہٕ اصلاحی تحریکہٕ ہندِس اثرس تحت "مقدمہ شعر و شاعری" تہٕ شاعری بناوِن سماجی، اصلاحی تہٕ اخلاقی مقصد پراونک وسیلہٕ تہٕ اَمہٕ پتہٕ ترٛوو تمہٕ یَنٛنس ووستاد تہٕ نابغۂ روزگار غالبہٕ سُند شعری جمالیات پتھ کُن تہٕ تنقیدس آیہٕ یہٕ کام پُشراونہٕ زِ سُہ کرِ شاعری ہنٛد علامتی کردار نظر انداز کرِتھ، کیہنہ وینٛہ پوٚتھ سماجی، سوانحی تہٕ تاریخی موضوعات نشان زد۔ شاعری ہنٛد یہٕ مقصدی کردار چھُ اقبالس ہیوٚس بڑس شاعرس منٛز شاعری منٛز تہٕ نوٚن نیران تہٕ اَمہٕ پتہٕ کرُ مارکسی نظریہٕ سازو تنقید جمالیاتی منصبہٕ نِشہٕ معزوٗل تہٕ اَتھ پُشراوِکھ سماجی اصلاحچ کام تہٕ یُس ادب یہٕ ہیوٚکہٕ کرِتھ، تتھ دِتُکھ رجعت پسندی ہنٛد الزام تہٕ منسوٗکھ۔ مارکسی تنقیدٕچ یہٕ خود ساختہٕ تاویل اَس اُردوٗکین نقادن ہنٛز کام۔ روٗدی مغربکی مارکسی نقاد تِموٗ دیت پنٛنین حدوٗدن منٛز روٗزِتھ تہٕ وسیع النظری ہنٛد ثبوٗت۔ یوٗہے حال چھُ لگ بھگ بیٚین تنقیدی نظریاتن ہنٛد تہٕ مثلاً نفسیاتی، تاثراتی تہٕ تمدنی نظریاتن ہنٛد تہٕ، یِم مغربہٕ پیٹھٕ آمتی چھِ تہٕ یِم اُردوٗکیو نقادو پنٛنہٕ علمی استعدادٕ تہٕ سوٗچ بوٗجہٕ ستی ورتاوِ متی چھِ۔ رچاڈس، رین سم، امپسن تہٕ بروکہٕ ہنٛزن تنقیدن زیرِ اثر یِمو اردو نقادو ہیٚتی تنقیدکی نموٗنہٕ پیش کرِی، تِم تہٕ روٗدنہٕ

تخلیق، مصنفہ نِشہٕ آزاد کرنہٕ باوجوٗد، امِہ کو لفظو منٛز معنی و مطلب اخذ کرنس پتھ۔ یوٚہے
حال چھُ لسانیاتی تہٕ اوٚسلوٗبیاتی تنقیدُک تہٕ۔

یمہٕ برونہہ زِ اَتھ تنقیدی کارگزاری ہُند سام ہیٚنہٕ۔ اَمہِ چھِ ہیچہِ گیٚن ہٕنٛز اکھ نظر تراونی چھےٚ ضروری۔ اکھ کُھر چھُ یہ زِ فن یتھ مخصوص ہِتہٕ کرد موضوع یا معنے کہ واتہٕ نیا درِک ذٔریہ ہنہ بناونہٕ باے سہ شعر آسہِ تن یا فکشن، سہ چھُ مقرر ہیتی آداب تہٕ مخصوص لسانیاتی عملہِ باوجوٗد اطلاعی نثرکس سطحس پیٚٹھ وٚسان۔ سوال چھُ زِ یوٚدوے شعر شاعر ہنٛز سوانح حیات یا معاشرتی تہٕ تاریخی حالات پرٚن واٚلس تام واتہٕ ناونُک وٚسیلہ چھُ تیلہِ کیاہ چھِ اَکھ ہیتی عناصر مثلاً بحر، قافیہ، ردیف، آہنگ، لہجہٕ تہٕ، استعارہٕ تہٕ علامت بیترِ ورتاونُک جواز؟ بیاکھ مشکل چھُ یہ زِ اگر فن چھُ تاریخی یا عمرانی حقیقژ ہنٛز ترجمانی کران تیلہِ کیاہ چھُ درجہ بندی یا قدرسنجی ہُند امکان؟ یوٚدوے زِ شاعر اَکی نظریہ موٗجب پننس کلاس منٛز سماجی مسلن ہنٛز ترجمانی کرن، تہنٛز قدرسنجی ہُند مسلہ کتھ کٔنی گژھ حل؟ یعنے اگر فن صرف موضوع چھُ، تیلہِ کتھ کٔنی ہیکو مخدوم محی الدین تہٕ نیاز حیدر ہنٛز۔ شاعری ہنٛز درجہ بندی کرِتھ، امہِ علاوٕ موضوعس تھٔر کھالنہٕ ستی چھُ فن موضوعس تہٕ ہیتس منٛز تقسیم سپدان، سوال چھُ زِ فن ہیکیاہ موضوع یا ہیت کیٚن بیوٚن بیوٚن خانن منٛز باگرنہٕ یتھ۔ یوٚدوے یہ کرد تیلہِ کتھ کٔنی روزِ فنچ سالمیت تہٕ استناد برقرار؟۔

یم ساری کُھرِ دار سوالات چھِ مرٗوجہٕ تنقیدی نظریاتن ہندی پاد کٔری متی۔ یہ چھےٚ نٔنی کتھ زِ مختلف شعبہ ہاے فکر چھِ انسانہٕ ہندِ لو ذہنی تہٕ فکری رجحاناتو موجوٗب حقیقژ بدِ کٔڈان تہٕ لوکن ہندِس علمس منٛز وُسعت پاد کران، یوٚتام فنک تعلق چھُ یہ چھُ انسانہٕ ہنٛز ذہنی تہٕ فکری عملہٕ ستی تمی ہندِ بن نفسیاتی، شعوٗری تہٕ لاشعوٗری محرکاتن

ہند مثٲل گژھن سٕتۍ تخلیقی قوت ژس منز تبدیل گژھان تہٕ خارجی حقیقژ تبدیل کران یا نوٚ تہٕ
اجنبی حقیقژ پٲدٕ کران۔ اُتی چھ فن انسانی آگاہی منز تیزی تہٕ جمالیٲتی لطافتُک سامان کران۔
فنکار ہنز۔ غارمعمولی قوت ژ چھےٚ تمہِ بندس ذٔریعے اظہارس یعنی میڈیمس منز
شکل وصورت بَراوان۔ شاعر ہند تخلیقی ذہنہٕ کہ اظہارچ زان چھےٚ زبٲنی ہندِ تخلیقی ورتاوٕ سٕتۍ
گژھان فکری سطحس پیٹھ زندگی تہٕ کاینانچ فنا پذیری، اختلال تہٕ تضاد محسوس کٔرتھ چھ فنکار
اکھ تژھ کاینات پٲدٕ کرنُک آرزومند آسان، یوس پایدار نمو پذیر، مربوط تہٕ شٲلی آسہِ۔
یہ عمل چھنہٕ محض تمہِ ہندِ شعورچہِ شدتہٕ سٕتۍ مربوط، بلکہ چھےٚ یہٕ تمہِ سُند جمالیٲتی وجوٗد
باگرِ بوٗرت بناونُک تقاضہٕ تہٕ کران تہٕ بقول فرایڈ نفسیٲتی ژھربہٕ دوٗر کرنچ منزٕ رتھ
تہٕ، اَمہِ علاوٕ چھےٚ یہٕ بقولِ یونگ اجتماعی لاشعورُک اظہار تہٕ۔ تاہم چھےٚ یتھ کتھِ گینٛ
کڈٕنی لازمی زِ فنکار ہنز۔ شٲلی کاینات چھنہٕ حقیقی تہٕ اصلی کاینات ملےٚ پتھ کُن تراوان،
ہکیاز نہٕ دتمہِ سنز تخلیقی شخصیتھ چھےٚ موروٗثی اثراتو تہٕ ماحولہٕ مطابق پرتھان تہٕ پھاپھلان
تہٕ یوسہٕ زبان سُہ ورتاوان چھ، تمہِ چہِ تمدنی تہٕ سماجی لنگ لبنہِ ہکو نہٕ منٛز اٗوتھ لہذا ہکو
یہ وٚنتھ زِ تخلیقی عملہِ سٕتۍ چھِ اَزادٲنی تہٕ نادیدہ جہان خلق سپدان یم تجسس تہٕ تحیرُ وُدلاوان
چھِ تہٕ جمالیٲتی حظ بخشان چھِ۔ یتی چھِ تِم زندگی، کاینانُک تہٕ موتُک شعور تیز راوان تہٕ
یوٚہے چھُ فنُک تفاعل تہٕ تنقیدچ کام چھےٚ فنہٕ کِہ اَمی عملہِ ہنز۔ پٲری زان کرٕنی۔

اعلیٰ فن چھُ تخلیقُک پٲداوار آسان تہٕ یہ چھُ لازماً علامتی نوعیتُک آسان۔
علامتی بیان چھُ تحسین شناسی خاطرٕ مشکل پٲدٕ کران تہٕ تمن مشکلن پیٹھ ہیکہِ اکھ دیدہٕ ور
نقادے قوبو لبنتھ۔ اتھ برعکس چھُ عام تہٕ عوامی ادب نقادٕ ہنز۔ ضرورتھ مُچھ تراوان،
ہکیاز سُہ چھنہٕ راست بیانی سٕتۍ داستاورکی مسلہٕ پٲدٕ کران۔

لہذا چھُ اعلیٰ فن علامتی کردارٕ موجب نقادٕ ہنز۔ ضرورت پٲدٕ کران۔ نقاد

چھ تخلیقس اَمہِ کہِ میڈیمہٕ ( MEDIUM ) یعنی لسانی ساختہٕ کنہِ نکھہ یوان تہٕ اَمِچہِ تخیلی
کایناتچ زان کران ، یِتہٕ تمِس حیرت انگیز واقعات بروٚنہہ کُن یوان چھِ ۔ سُہ چھُ
یتہٕ تخلیقہِ کنہِ لسانی عناصرن ہنز تجزیہ کاری سٟتی لفظن ہندیو انسلاکاتو تہٕ رشتو
سٟتی تمہِ انداز صورت حالک انکشاف یرن واتس پیٹھ کران یُس اَمیُک جوہر چھُ
آسان تہٕ یَرن دول چھُ نکری تھزر پراوان تہٕ جمالیاتی لحاظ متاثر گژھان ۔ یہ
تنقیدی نوکتہٕ چھُ ہنا وضاحت طلب ، فن پارہٕ چھُ لفظن ہنز موسیقیانہ ترتیبہِ سٟتی
شکلاوتہٕ یوان ، یعنے سُہ چھُ اکھ لسانیاتی معروض یا مظہر ۔ چونکہ لسانیاتی ورتاوہ سٟتی چھِ
تم کھوتہٕ کم لفظ زیادہ کھوتہٕ زیادہ تلازمی امکاناتن وُتلش دِوان ۔ لہٰذا چھُ یُتھ کانہہ
لفظ کلہم صورت حالس ووہ پداونس منز کلیدی رول ادا کران ۔ لفظہ علاوہ چھ لفظن
مابین سکوت تہٕ وقفہٕ تہٕ پننی کام کران ۔ یُتےٚ یوت نہٕ بلکہ تخلیقک راوی یا شعری
کردار چھُ لہجہِ چہِ کھسہِ وَسہٕ تہٕ شعری آہنگہ چہِ معمولی تبدیلی سٟتی کلہم صورت حالس
پیٹھ اثرانداز گژھان ۔ اَمہٕ علاوہ چھےٚ تخلیقچ پیکر تراشی ، استعارہ کاری تہٕ علامت
تہٕ اَمیُک وجود راز سربستہ بناوان ۔ مروجہ تنقیدی نظریاتن خاصکر ہیتی تنقیدس
چھےٚ اَتھ پیٹھ نظر گُذر روزان ۔ اما پوٚز یُس چیز تمن تخلیقہٕ کس فرضی کایناتس منز مُہم
جویانہ سیاحت کرنس منز ٹھاک چھُ کران ، سُہ چھُ یہ زِ تم چھِ اَمہِ منز جزوی یا کلی
پاٹھی معنہٕ مطلبس پتہٕ لاران ۔ یتھےٚ تم تخلیقس منز ورتاونہٕ آمتس کُنہِ لفظس یا لفظن
ہندس مجموعس منز معنہٕ ژارنہٕ بہان چھِ تیتھےٚ چھُ اصل تخلیقس سٟتی تہند تعلق
کالعدم گژھان ۔ تم چھِ پننہِ خیالہ تخلیقچ تلخیص ، تفسیر پیش کران ۔ اما پوٚز یہ کتھ چھےٚ
مشراوان زِ یوسہ کام تم کران چھِ تتھ تہٕ تخلیقس چھنہٕ کانہہ واٹھ روزان تہٕ تہنز
تنقیدی کارگزاری چھےٚ چھنبہ گژھان ۔

اَتھ شایہ چھےٚ اکتشافی تنقیدے فنہٕ کِہ سالمیتُک تہٕ وجوٗدُک تحفظ کرنہٕ علاوٕ
اَمیُک تخلیقی کِردار نوٚن کڈنَس منٛز بُنیادی رول ادا کران ۔ یہٕ نظریہ چھُ اولاً ہیتی تنقیدِ کہ
پاٚٹھی فنُک آزاد تہٕ خود کفیل وجوٗد تسلیم کران تہٕ امی تنقیدی نظریُک پاٚٹھۍ چھُ فنہٕ کیٚن
لسانیاتی تہٕ ہیتی عناصرن تجزیہ کران، امابوز ہیتی تنقیدس برخلاف چھُنہٕ یہٕ تخلیقہٕ چہ
لسانیاتی ساختہٕ موٗجب اَتھ مصنفس یا ثقافتس یا معاشرس سیٚتۍ مکمل بٕنٛ ورتاوان ۔
چوٗنکہ تخلیق چھےٚ اُکس ذی شعور فردٕ سٕنٛدیٚن تجربن منٛز تجسیم کاری کران، لہٰذا ہیٚکہٕ نہٕ
یہٕ اَندی پکھٕ زندگی نِشہٕ بدوٗن سپدِتھ ۔ مگر اَمیُک زندگی سیٚتۍ تعلق چھُ بالواسطہٕ آسان
تہٕ صوٗرت پراوان وول تجربہٕ چھُ تقلیبہٕ منٛز گُزران، نتیجہ چھُ زِ اکھ نوٚو تخیلی حقیقت
چھےٚ تھنہٕ پیوان ۔ ییٚتھ مصنفہٕ سٕنٛزن رگن ہُند خوٗن یہٕ ناوے کران چھُ تہٕ معاشرتی
زوٗ زیٚہ تھوان ، دوٚم اکتشافی تنقید چھےٚنہٕ بییَن نظریاتن ہنٛدی پاٚٹھۍ تخلیقہٕ منٛز معنہٕ مطلب
کڈنچ بےٚ فیض عملہٕ لاگٕر روزان ۔ یہٕ تنقید چھےٚ پرن والیٚن تمہٕ تخیلی فِضہُک مُشاہدٕ
کرناوان ۔ یُس لفظہٕ ژارٕ سیٚتۍ روبہ عمل یِوان چھُ ۔ تنقیدُک اصلی تفاعل چھُ یوٚہے ۔ یہٕ چھُ
تھدِ پایہٕ کیٚن فنی نموٗنن مثلن شیکسپیرٕنیٚن ڈرامہن ، میر تہٕ غالبنہٕ شاعری ، انیس سٕنٛدیٚن
مرثین ، اقبال سٕنٛدِس کلامس تہٕ انتظار حسین سٕنٛدیٚن افسانن منٛز دریٚنٛٹھۍ گژھان ۔

اکتشافی تنقید چھےٚ بہرحال تخلیقہٕ منٛز معنی و مطلب ژھارنس کُنہِ عملس ثانوی درجہٕ
دِوان ۔ یہٕ عمل چھےٚ تنقید کھوتہٕ زیادٕ درسی ضروٗرت پوٗرٕ کران ۔ تخلیق چھُنہٕ سیدِ سیود
کانٛہہ معنی یا حقیقت بیان کران یہٕ چھُ تخیلی سطحس پیٹھ نمودٕ صوٗرتُک معجزاتی عمل یُس
پرن والِس حاسس منٛز ژاوان چھُ تہٕ حاسہٕ منٛز نیر تھ چھُ ۔ ( اگر ضروٗرت پییَس )
امہٕ کُس معنیٚس پیٹھ سوچان سران ۔ تاہم اَمیُک معنی لبُن تہٕ اَتھ وکھنے کرٕنی چھُنہٕ
تیوٗت سہل یوٗت یہٕ باسان چھُ ۔ مشرق تہٕ مغرب کیو نقادو تہٕ شارحینو چھُ معنہٕ کُس

اَملس پیٹھ سیٹھاہ غور و خوض کورمُت ، اما پوز تھنز کوشش چھےٚ کثرتِ تعبیرس منز راومژ ، "معنی فی بطنِ شاعر" کہ تصورِ پیٹھ تخلیقس منز مصنفہ ہند طرفہ بیٚس کرد معنی تمہ پتہٕ کثیر المعنویتکہ نظریہ ۔ ساختیاتی نقطۂ نظر موجب معنہٕ بجایہ معنیہ کہ فضہک امکانات ، یم لسانیاتی رشتن ہندس تجربدی نظامس ستی وابستہ چھہ تہٕ معنیک عدم وجود ۔ بقولِ رولاں بارتھ WRITERLY پرن والی ہنز شرکت تہٕ قرتہٕ ستی معانی لبُن ۔ یم ساری تصورات چھنہٕ معنی یا بی تھندس کنہ قطعی اصولس وٕ پرٕھنا وان ساختیاتی تنقیدٕ موجُب ہیکہ نہٕ تخلیق لفظن ہندلو ثقافتی تہٕ تاریخی معنویتہٕ بدوٚن روزتھ ، یوٚ ستی مصنفہٕ سُند شعور باگہ بوٗرت بنان چھُ ۔ تاہم ہیکو نہٕ یتھ کتھ نکار کرتھ زِ تخلیقکو لفظ چھہ لسانیاتی تغیراتی عملہ منز گزرتھ اَمہ کس لسانیاتی نظامس ستی مربوط گژھان ۔ یہ تخلیقیچ جمالیات زژھراونہٕ خاطرٕ چھےٚ تھنز یہ گوڈنیچ کام زِ تم کرن اکھ تخیلی صوٗرتِ حال یادٕ تہٕ پتہٕ یتہ معنی لبنچ ضروٗرتھ بیہٕ ، تیلہٕ کرن نہٕ اکیہے یا قطعی معنیس پیٹھ اصرار ، بلکہ کرن کثرتِ معنی دٕرٕ یاف ۔ یہ کتھ چھےٚ قابلِ توجہ زِ تخلیق چھےٚ پرتھ نوٚس دورس منز تہٕ پرتھ نوٚس پرن والس نوٚۍ نوٚۍ معنی ہتھ یوان ۔

یہ چھُس یژھان زِ جدید تنقیدی اصوٗل گژھن صحی تناظرس منز ورتاونہٕ پِنہٕ تاکہ ہِنکی جمالیاتی تصورات گژھن واضح ۔ یہ تنقیدی کام نہٕ چھےٚ شخصی نہ تاثراتی ، اَتھ چھےٚ ٹھوس لسانیاتی بُنیاد ۔ یہ چھےٚ لفظن ہندین صوتیاتی تہٕ معنیاتی نزاکتن پیٹھ نظر تھاوِتھ ، اَمہ کین رشتن پیٹھ غور و فکر کرتھ شہ ڈراماٰئی صوٗرتِ حال ید کڈان ، یُس کردار ، مخاطب ، مکالمہ تہٕ فضہ ستی چھُ متشکل گژھان تہٕ پرن والس اسراری دنیاہس منز واتہٕ ناوان تہٕ جمالیاتی تشفی کران ۔

# واکھ تہٕ شُرُک

## اکھ ہیٚیتی مُطالعہٕ تہٕ سام

پروفیسر رحمٰن راہی

کاشُرِ زبانؠ منٛز یِمہٕ مختلف شارٕ ذاتہٕ ورتاونہٕ آمٕژ چھےٚ تِمو منٛزٕ چھےٚ وُنیکتام ژور ذاتہٕ سارؠ وے کھوتہٕ پرٛانہٕ مانٛنہٕ آمٕژٕ، یعنے پد، وژُن، واکھ تہٕ شُرُک۔ وُنی کین چھُ میون موضوع یِمو منٛزٕ صرف زٕ واکھ تہٕ شُرُک۔ واکھ یتھ للہِ ہندِ ورتاوٕ موٗل کھوٚت تہٕ شُرُک یُس شیخ العالمس سٟتؠ مخصوٗص چھُ۔

ڈاکٹر ٹی۔ این گنجو چھُ "للہٕ واکھ تہٕ لسانی زاوؠ وِچار" ناوٕکِس پننِس اَکِس مضموٗنس منٛز اَتھ پٮ۪ٹھ بُرٕمہٕ صدی ہندین چھمہٕ پدن، ژوداہِمہٕ صدی ہندین للہٕ واکھن تہٕ پنداہِمہٕ صدی ہندین شیخہٕ شرکین ہُند باہمی ذاتہٕ ہشر وُچھتھ سوال تُلان زِ پد، واکھ تہٕ شُرُک چھا کاشرِ شاعری ہنٛز ترٛےٚ بیوٚن صِنفہٕ کِنہٕ اکی صِنفِہ ہندی ترٛےٚ الگ الگ ناو؟ سوال چھُ پزی پاٹھؠ سونٛچنس لایق۔ مگر پزر چھُ یِہ زِ اتھ سوالس چھُنہٕ وُنیکتام شاید کانٛہہ پزٕ پاٹھؠ دل دِتمُت۔ گنجو صاب چھُ پننِس سوالس جواب دِوان یِمن شارٕ ذاتن ہندِس چھرا اکِس پاسس یعنے وزنس سٟتؠ آدرٕ گرٕژھان تہٕ تویتہٕ تہٕ بحث یِہ اکھ کتھ وَنان زِ "یِمن ترٛیشونی منٛز چھُ کُنےٚ ژھند استعمال سپدمُت" تہٕ اَتھ ژھندس منٛز چھُ کاشرِ ٹاکارٕ پاٹھؠ پربزلان۔"

خار ژٕ ہرگاہ یِمن شارٕ ذاتن ہندِس ژھندس پوٗرٕ پاٹھؠ سام آسہے ہینہٕ آمٕژ تؠ تہٕ آسہے اکھ اہم کام انٛدیمٕژ۔ مگر تہٕ چھُنہٕ سپدمُت۔ ژھندن ہُند کاشرِیت بدکِن گیےٚ

بڈکتھ، گنجو صابن چھپنہٕ یمن شارن ذاژن ہنز۔ ژھاے گژاے پرزناونچ تہٕ کوشش کرمژ تہٕ یہ کینژھا ژھندکہِ ناوٕ ونہٕ آمت چھُ سُہ چھُ دراصل علمہِ عوروضکس اکس بیون تہٕ ضمنی بابس یعنے قافیس ردیفس متعلق، یتھ ژھندس ستی سید سیوٗد کانہہ واٹھ چھُ۔ قافین ہندس بابس منز تہٕ چھُ باسان گنجو صابن چھے سہل انگاری ورتاومژ، تکیازِ ہرگاہ تم اکہِ طرفہٕ یہ بیان دِوان چھِ زِ "کاشرن ژھندن ہنز زان نہٕ آسنہٕ کنہِ چھے وارِیاہن چھاپن منز غلطی کرنہٕ آمژ" تہٕ پننس اتھ بیانس دربرکرنہٕ موکھہٕ للہِ ہندس یتھ مشہور مصرس زِ "زوچھم برمان گرگژھہ ہا" غلط چھاپ مانتھ تہٕ لایقِ اصلاح زانتھ یہ "صحی صورتھ دِوان چھِ زِ "زوچھم برماں گژھہ ہا گار"، تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ چھِ تم "وٕے"، "وٕے" تہٕ "وٕے" ہشہٕ بلکلِ ہم مخرج تہٕ ہوبہو آوازٕ والی لفظہٕ اڈتھے کنہِ ہم قافیہٕ گنزران یتھ کنہِ لوٗنی، ہوٗنی تہٕ گوٗنی ہوی لفظ چھِ تلالے یتھ للہٕ واکھس منز:

کینژن رنی چھے شہج لوٗنی　　　نیر نبر تہٕ شہل کرٕ وٕے
کینژن رنی چھے برٕ بیٹھ ہوٗنی　　　نیر نبر زنگہٕ کھینہ وٕے
کینژن رنی چھے ودل گوٗنی　　　کینژن رنی چھے زدل زلوٕے

کتھِ واش کڈنہٕ باپتھ نمون گنجو صابنوٕے مثالو منز یہ شیخہٕ شعرک:-

اشا کلینی ژیتن پیٔیی　　　پرٕ پزٕ کاشے توٚری دن کری
تتھ پرٕ کاشے اتاووسن یی　　　سادٕ پیٔیی تہٕ سہر کری

امہِ شعرکہِ چہِ قافیہٕ بندی یہ سام ہوان چھِ گنجو صاب اکھ "پیٔیی" تہٕ "یی" ہوٚن لفظن ہم قافیہٕ مانان تہٕ ستی "کری" لفظکس ژھرس تکرارس تہٕ قافیہٕ گنزران یتھ زن اتھ شعرکس منز وارکارِ اکہِ تتھ ردیفچ حیثیتھ چھے یتھنہٕ گوڈٕ قافیے چھُ۔

مطلب چھُ یہ زِ اسہ چھنہٕ ونہٕ کتھن وار سنہٕ لن تہٕ تمہٕ وینہٕ راولن تہٕ وبژھناونس ہال۔

تاہم چھے کینہہ کتھ یمہٕ کینژھا دٕڈلوٗ قہٕ سان ونتھ ہکو۔ یژھو کتھو منز چھے اکھ اہم کتھ واکھچ تہٕ شعرکچ نیبرِ صورتھ۔ یہ چھُ پوز زِ کلہم کرتھ چھِ واکھ تہٕ شعرک مزاز، ماحول تہٕ موضوعہٕ کنہِ اکھ اکس نشہٕ مختلف باسان مگر یوٗتام تتھ یہنہٕ نیبرِ صورژ ہند تعلق چھُ یمن دون چھنہٕ کانہہ

بِن باسان ۔ مِصرن کرِ وُشمار تہٕ تمہِ موجوٗب ٕہ چھُ ہشر ، برٕس سُنوٕ تہٕ سُتہٕ چھ رلہٕ وٗن ۔ مِثالے زٕون مِصرن ہُند یہ للہٕ واکھ ۔

ژٕہتہٕ توٗرگ گگنہٕ برٕمہ وون | رمیشٕہ اکہِ ژھنڈ پوجنہٕ لچھ
ژٕتینہٕ وگہِ بودِ ژٕٹھتھ زون | پرژان اپان سنداٗرتھ پکھچ

تہٕ یوٗہے مِصر شُمار ہیتھ چھُ یہ شیخہٕ شرک تہٕ :

دِژٕس دٕنت تہٕ دالس چھونبر | کہہ کرِ کرٕنس امر بھ ٹانٹھ
سورآسہٕ وار تہٕ ہرٕنس دُنبر | پاژ آسہٕ بٕند تہٕ آزاد گانٹھ

یہ چھُ صحی زِ کینہہ للہٕ واکھ چھِ شُمارٕکہٕ ژوٕرو مِصرو ہرِیانہٕ مگر یہِ خوٗصوٗصیتھ چھےٚ وارِیاہن شیخہٕ شرکن تہٕ باگہِ آمٕژ ۔ مثالہٕ چھےٚ :

للہٕ واکھ : ژامر ، چھتر ، رتھ ، سِمہاسن . . . . .

شیخہٕ شرک : کندیوٗ مرگہِ گرٕبن کھسکھ . . . . . .

وونی وچھتو ییٚتھ للہٕ واکھس منز قافیہ بٕندی یہ ہُند التزام :

یوٗت زٕونہٕ ژھتھ موٗت بولہٕ نووُم | دگ للہٕ ناوُم دیہ ہنز پرٕہے
لٕلی لٕلی کراں لالہ وُزنووُم | میلتھ تس من شرٕوٗژیوم دِہے

گوڈنیک مِصر چھُ تریمس مِصرس ہم قافیہ ( بولہٕ نووُم ۔ وُزنووُم ) دٕویمس مِصرس چھُ ژوٕریمس مِصرس ستی قافیہ رلان ( پرٕہے ۔ دِہے )

ییٚتھے ہیوٗ حال چھُ یمہِ شیخہٕ شرکُک :

صاحب دوہہ اکہِ دوراہ کرے
ییٚتھ سمسارس کرِ لرٕ پار
زمین تہٕ اسمان ہیٚن چھر چھرے
نہ ییٚس انصاف نہ ییٚس عار

یِتھِن چھُ اَکِس نوکتس کُن توجہُ پھِرُن ضوٗروٗری باسان ۔ ہرگاہ اَسہِ قافیہٕ بٔندی یہِ ہنٛدِس حُسنَس قُبحَس متعلق عربی، فارسی یا اُردو زبانَن ہنٛز۔ تراویہِ وِچھو تیٚلہِ باسِ نہٕ اَسہِ للہِ ہٕندی لفظ "بولنووُم" تہٕ "وُزنووُم" ہم قافیہ، مگر کاشُر حسابہٕ چھُ یِمَن لفظَن ہُند قافیہٕ صدا بدِ کڈنہٕ موکھ اَسہِ بولنوُم" لفظَن منٛز صرف لام اَچھُرُک "ل" صدا تہٕ "بوزنووُم" لفظَن منٛز نوٗن اَچھُرُک "ن" صدا قافیہٕ گٔنزرُن تہٕ یِمَو دوٚیو صدہو پتہٕ یِنہٕ وول "نووُم" رُدیف مانُن ۔ یِزَر چھُ یِزِ قافیہٕ بٔندی یہِ ہُند یہِ طور طریقہٕ چھُنہٕ چھرا للہِ واکھَن یا شیٚخہ شُرکَن نے یوت تہٕ وابستہٕ بلکہ چھےٚ اَمہِ چہِ مثالہٕ اوترِ اوترِ تامہٕ چہِ شاعرِیہِ منٛز نظرِ گژھان ۔ خاص یہِ وُنِتھ منٛزی اکھ کتھ ۔ اَسی للہِ واکھَن تہٕ شیٚخہ شُرکَن ہنٛز ظٲہِری شکلہِ ہنٛدِ رلہٕ وُنِمن انہارن ؤنِن دِوان ۔

وَزنہٕ لحاظہ تہٕ چھُ بیشتر للہِ واکھَن تہٕ شیٚخہ شُرکَن پانہٕ وٲنی ہِشر ۔ دوٚشونی ہُند بُنیادی طرح چھُ ہیوٗے ۔ للہِ واکھَن منٛز۔ ورتاونہٕ آمِژ بحرِ ہُند طرح بدِ کڈنکِس سِلسِلس منٛز یُس بحث گرَیرسنَس پتہٕ آرل سٹاینَن کورمُت چھُ سُہ چھُ چھیکرس یتھ صحی نتیجس واتان زِ للہِ واکھَن ہُند ژھند چھُ موٗلہٕ تلہٕ لہجِکہ دَباوُک ژھند ۔ کتھِ واش کڈِتھ ہکو وَنِتھ زِ لیٚلہِ پاکھ چھُ پرِتھ مصرٕ ژٕون سِٹرِیسَن یعنی دَباوَن پیٹھ مشتمل : — ✓ — ✓ — ✓ — ✓ — یا تانَنَہ / تانَنَہ / تانَنَہ / تا

دیہچہِ لرِ دارِ بر ترٛوپرِم — پرانہٕ ژوٗر رَوٹُم تہٕ دِیمَس دَم
ہرِ دیچہِ کوٚہُرِ اَندر گوٚنڈم — اوکہِ چوبکہٕ ٹُلمَس بَم

یہِ اوس للہِ واکھ تہٕ یہِ بوزِو شیٚخہ شُرُک :

دُنی یہکِس ژٕتِس مَتِس نارس — گُلِ انارس دِتم گتھ
شیطانَن لاجِم بیٚیرِ بارس — مےٚ راوٕ ژوٗرس تارَس وتھ

گُراتھ سِلسِلس منٛز چھُ یہِ ژٕتِس تھاوُن زِ دَباوَن ہُند یہِ سِلسِلہ چھُنہٕ سِلسِلَن ہنٛدِ ژھوٚچہِ زیچھہِ تہٕ شمارِ کِنہِ تیٚوتھ گنٛڈِتھ تہٕ سُوٗتھ تہٕ تیتھ پاٹھی شکنجہ بند یتھہٕ پاٹھی مثلاً فارسی بحرَن ہنٛدی رُکن (فاعلاتن فاعلاتن وغیرہ) آسان چھِ ۔ بلکہ چھُ اَکھ بالِس منٛز جے ایل کول

صأبُن یہ وَنُن پرٛزرِس ژوٗر نکھ باسان زِ للہِ واکھن (تہٕ شیخہٕ شرٛکٕن) ہُند ژھند چھُ کنہٕ ژھوپہٕ یا زیٹھہِ مِقدارٕی وزنہٕ بجایہ لہجہٕ کہ کیفیتی دباوٕ کنہِ دوٚتلن واٲس وزنَس پیٹھ مُنحصر

QUALITATIVE STRESS ACCENT

بہرحال وُنکتام وُچھی اَسہِ تِم نیٚبرِ خولہٕ خط یموٚ کنہِ واکھ تہٕ شرُک الہٕ پلہٕ ہوی باسان چھہِ - روٗد یمن ہُند موضوٗع یعنے خیال، احساس یا تجربہ، یمن ہنز باوتھ سپدان چھےٚ، تمہِ لحاظہٕ تہٕ چھُ یمن پانہٕ وٲنی کم یا ژوٗر ہشر - مثلن لل چھےٚ کینژن واکھن منز بھگوانس نمسکار کران زِ :

کینژن دِتی تھم گلالہٕ نیٚژرے     کینژن دِنس زونتھم نہٕ وار
کینژن ژھنی تھم نالی برٛمہٕ ہژرے     بھگوانہٕ چانہٕ گژھ نمسکار

تہٕ حض شیخ چھُ وناں :

کینژن دیتتھ بیتہٕ کیا وتوٗتے     کینژن بیتہٕ نہٕ توٚتےٚ کیاہ
کینژن دُیتتھ لالک نرٛوتےٚ     کینژن گاشہٕ منز گوٚٹےٚ گاہ

مطلب یتہِ للہ واکھن تہٕ شیخہٕ شرکٕن ہُند یوٚت ہشر وُچھتھ چھُ یمن دون شاعرن ہُندبن مُتشخص کرُن کروٗ ٹھےٚ باسان - چنانچہ امین کاملنہٕ "نوٗر نامہ" پتہٕ بیلہٕ موتی لال ساقین "کُلیاتِ شیخ العالم" چھاپ کوٚر تمہِ تہٕ ہیوٚکنہٕ یمہِ ورٲے بیٚیہِ کینہہ وُنتھ زِ "شرُک" چھُ سنسکرت لفظ شلوکُک کاشُر روٗپ - "شوٗک" لفظہِ چھانہ کینہ بیٹھ آو "شرُک" بارسس تتھ متعلق پرٛتھ سان کینہہ وَنُن چھُنہٕ آسان - رٔیش نامہ پرٛان پرٛان گوو مےٚ اکثر جایَن "شرُک" لفظ بدلہٕ "شوٗک" یا "شُک" نظر - خود شیخ العالمؒ تہٕ چھُ پننہٕ کلامہٕ باپتھ "شوٗک" یا "شُک" لفظ ورتوومُت :

"کُن تھو شُکن تہٕ بیٚیہِ پنچ سوٗرن - دوہہ اکہِ ننہٕ یو حوٗرن منز"

سنسکرتس منز یوسہٕ دَکھنےٚ شلوکس کرنہٕ چھےٚ آمژ تتھ کُن اشارہ کرتھ چھُ ساقی صاب

ونان زِ حض شیخہ سُند کلام چھُنہٕ سِکہٕ پاٹھۍ تمہِ کِس دائیرس منز۔ یوان تہٕ چھیکرس چھُ ساقی صاحب
پنُن یہِ خیال باوان زِ "میانٮ۪ کِنۍ چھُنہٕ لل دید ہندِس واکھس تہٕ حض شیخہ ہندِس شُرُکس کانہہ
فرق، یِم چھِ اکی صورژ ہندی زٕ ناو"۔
مگر پرژھُن تہٕ سوچُن لایق سوال چھُ زِ ہرگاہ نہٕ مُلے کانہہ فرق چھےٚ تیلہِ کیازِ آو
لل دید ہندین واکھَن ہمیشہ واکھے وَننہٕ تہٕ حض شیخہ ہندین شرُکین ہمیشہ شرُکے؟ بیا کھ
کتھ چھےٚ یہِ زِ واکھ چھِ لَلہِ برونہہ تہٕ کاشرو شاعرو دۄنہٕ مِتۍ تہٕ لسَ پتہٕ تہٕ، مگر شرُک نہٕ
چھُ حض شیخص برونہہ کانٛسہِ کاشرِس شاعر ہندِس کلامس وَننہٕ آمُت تہٕ نہٕ چھُ تمَن پتہٕ کانٛسہِ
کاشرِ شاعرن پانہٕ پننِس کُنہِ فن پارس شرُک ناو کوٚرمُت۔ ترتیم وَنِنۍ لایق کتھ چھےٚ
یہِ زِ سنسکرت لوغاتو موجوب یوس معنہِ وَکھنےٚ واکھس تہٕ شرُکس سپنزمژ چھےٚ تتھ منز یودوے
کیہنہ معنہِ ہوی چھِ مگر کیہنہ چھِ مختلف تہِ تہٕ اَتھ سلسلس منز چھےٚ سارِوے کھوتہٕ اہم زٕ[۲]
کتھ : گوڈنِچ یہِ زِ شرُکچ تعریف کران چھُ زیادٕ یہَن یتھ کتھِ زور دِنہٕ آمُت زِ اَتھ منز چھےٚ
کتھ ژھوچرِ سان وَننہٕ یوان تہٕ اَمیک بیان چھُ چیرِتھ تہٕ ژوٚمرِتھ آسان یتھ کِنۍ ضربُل مثلن
آسان چھُ۔ اَدٕے کِنۍ چھےٚ سومناتھ پنڈِتنۍ یہِ کتھ تہٕ توجہس لایق باسان زِ لفظِ شرُکیک
کاشرُ معنہِ تہٕ گرژھنہٕ مُلے منشراونہٕ یُن یعنے پیٛتھ گنڈ، تِکیازِ شرُکی شارَن منز چھےٚ پرژن
تہٕ مثالَن ہندی پاٹھۍ کتھ حد روٚس چیرِتھ تہٕ گنڈِتھ تہٕ انتہایی ژھوچرِ سان وَننہٕ آمژ۔
بیانُک یہِ ضربُل مثالہِ تہٕ پرژِ چالہِ آسُن یوتاہ شیخہ شرُکین متعلق صحی چھُ شاید چھُنہٕ
تیوتاہ صحی لَلہِ واکھَن متعلق باسان۔ اکثر لَلہِ واکھ چھِ کُنہِ اکِہ نوقطہ پیٛٹھ شوٚروع سپدِتھ پتہٕ
زن وارِ وارِ پھالان تہٕ حدَن واتان بلکہ پانہٕ لامحدوٗد باسان، ییلہِ زَن شیخہ شرُکین منز
لیکھ پاٹھۍ باسان چھُ زنتہٕ اورِ یورِ ژھکرِتھ موختہٕ پھوٚلی چھِ سوٚمبرِتہٕ یوان تہٕ سوٚمبرِتھ تمَن
کُنی مال بُناونہٕ یوان۔

دوٚیِم نوکتہٕ چھُ شاید اَمہِ کھوتہٕ تہٕ اہم تہٕ توٚکِنۍ ژدٕرُے بیٚہن قابلِ توجہ : سنسکرت لوٚغاتن منز چھُ واکھن ہندین مختلف معنین منز اکھ معنہٕ یہٕ تہٕ دِیہٕ آمُت زِ واکھ گوٚو دِوتہن ہند آلوٗ۔ شوٗلوٗکس مُتعلق چھِنہٕ بیٚنِہ ہٕش کینہہ شاید کانٛسہِ ڈُنہہٕ ۔ دِوتہن ہند آلوٗ یعنے بالافطری حقیقژن ہنز باوتھ۔ ظاہر چھُ زِ دِوتہن ہنز اَتھ باوژِ گرٛژھہِ زبان تہٕ غارمومولی آسٕنۍ تہٕ تمیک وٕرتاو تہٕ، گنٛبنز تہٕ بدلے آسنۍ تہٕ گِس گِس تہٕ۔ دِوتہن ہند آلوٗ ییٚتہ فضہس منز ووٚزُنہٕ چھُ اوٚندرٕ روٗنُک فضا، اوٚندر روٗنُک عالم، یُس یہ آلوٗ بوزِ سُتہٕ گرٛژھہِ غارمومولی آسُن تہٕ توٚہنٛد طورطریقہ تہٕ تہندی مامِلہ تہٕ مسلہ تہٕ گرٛژھن عام انسانٛی مامٛلِن نِشہِ مختلف آسنۍ۔

یمہٕ خوٗصوٗصیژ چھِنہٕ للہ واکھن منز جایہ جایہ میلان تہٕ اَتھ برعکس چھِ ییٚژھ شرٛکین منز پیش یِیٚدی متہ خیال، وٕسوٕسہ یا خوف، دِوتھو بجایہ ییٚتھی سانہٕ بُتراتٕنۍ بیٚٹھ روزن والین ہندی تجربہ بیتر باسان۔ واکھک عالم تہٕ شرٛکیُک دُنیاہ یم چھِ اَمہِ لحاظ مختلف باسان۔ واکھس منز چھِ عقل حاران کرٕونی واقاتھ سپدان۔ ہمیشہ اکہِ ژھنڈِ یوجنہٕ لچھِ۔ گٔژِ روٗژُم تہٕ کرٕمس تھیٚکھ لوٗکہِ ووکھلہِ واٚنج پشِم۔ زندٕے مرس تہٕ مےٚ کرِ کیاہ۔ کیہنہ نہٕ کیہنہ۔ لل بنان شوٕ تہٕ شوٕس میلان شکھتھ۔ اَتھ برعکس چھِ شرُکس منز حالاتھ کانہہ، وٕتھ ہموار تہٕ آدم وٕش گوٚمُت تہٕ بیٚنہٕ مرٕزُک احساس تہٕ بیٚنہٕ فنہُک خوف ہیٚتھ۔

ہرگاہ واکھہ کِس تہٕ شرُکہ کِس پھیرس متعلق میون یہ باس صحی باسہِ تیٚلہِ چھُ دیناتھ نادی ہنس ییٚتہ خیالس وارٕسُن زِ واکھس چھُ تتہٕ غیٚبی آواز سٕتۍ واٹھ ییٚتہ یونانٛی اورلکل (ORACLE) وٕنان آسی۔ یا اَمہِ کانٛشرِ یہ تمہِ وِزِ مطلب آسان چھُ ییٚلہِ آسی ازکالہ تہٕ کانٛسہِ ہُند کانہہ ہنگہٕ منگہٕ حالاتہ پھیٚژ وُچھتھ وٕنان چھِ زِ بچارس واکھ تہٕ وژُن گوس سُے۔ یانہٕ گوٚرُسند دوٚپ یُس پانہٕ للہِ ہندِ زیوِ : سُے مےٚ للہِ گوم واکھ تہٕ وژُن ۔ شرُکس متعلق ہیکوٚ نہٕ شاید اَمہِ آیہ کینہہ کرِتھ تہٕ توٚکِنۍ ہیکوٚ موخصر پاٹھۍ وٕنِتھ زِ یُس غارمومولی فضا تہٕ غارشرٛی جلال، یُس اسرار تہٕ حارتھ، یُس جوش تہٕ جبرٕ وتھ، یُس رییٚہن گندنُک تہٕ زہر ژہنُک پھیٚنہٕ پھیٚنہٕ

واکھ تقدیر چھُ سہ بار چھِنہٕ شُرکی وہترٕومُت۔ واکھ ہرگاہ دِوتھ ہند آلوگوو شُرک چھُ
دیوس نسبتھ آدمہ سُند شوق تہٕ خوف۔

رُود سوال زِ واکھن تہٕ شُرکن ہنزٕ نیبری تہٕ اندری ہیئتکس ورتاوِ پھیر پُد لل دیدِ تہٕ شیخ العالمسؒ پیٹھ ازتام۔ اتھ سلسلس منزٕ چھےٚ گوڈنچ وَنی لایق کتھ یہٕ زِ وُنیکتام چھُنہٕ اتھ کُنہ ہیسے کانہہ گومُت تہٕ اتھ متعلق کیہنہ لیکھنہٕ آمتیک چھُنہٕ سوالے ووتھان۔ اوٚ کِنہ چھُنہٕ میانہٕ باپتھ تہٕ زیاد کیہنہ وَنُن ممکن۔

اتھ عملی دلیچھ یوسہ اسہ منزٕ اکثرو ژینمژ آسہ چھےٚ یہٕ لل پیٹھ واکھ وَننہ چہ یمہ تہٕ کیہنہ کوشش سپزمژ چھےٚ تمہ چھِنہٕ مُروجہ کاشرس رسمِ خطس منزٕ دٔستیاب۔ یوت زِ للہ پیٹھ یوسہ دویم توجہس لایق واکھ وَنَن واجنی آواز کاشرِ دبانٕ روپہ دیدِ ہند روپہ باگہِ آمژ چھےٚ تسُند کلام تہٕ اوس وُنیکتام ژھایی۔ یہٕ نےٚ ٹی، اپن، در صابنہ حال حالے چھاپ سپزمژ کتاب "روپہ بھوانی" ہندِ ذٔریعہ رومن اچھرن منزٕ۔ روپہ دیدِ ہند بیشتر کلام چھاپ سپدمُت آسہِ مُتے ہوِس موہنوی ہند باپتھ اوس اُمس یوگ نہٕ متعلق کیہنہ وَنُن ناممکن۔

روپہ دیدِ ہند کلامُک اکھ قابلِ توجہ حصہ چھُ واکھن پیٹھ مشتمل۔ بے اہل کول چھُ پیٹہ بس اکس تبصرس منزٕ یمن واکھن ہنزٕ ہیئتھ "مبہم تہٕ پرانہ یوژ قرار دِوان۔ کول صابنہ اتھ رایہ پیٹھ تبصر کران چھُ ٹی، اپن در وَنان زِ اتھ بیہ بُنیاد کتھ ستی اتفاق کرُن چھُ مُشکل۔" در صاب چھِنہٕ تیُتے یوت وَنان زِ روپہ بھوانی اُس شار وَننک فن تہٕ وزنکی تہٕ قافیکی قاید زانان بلکہ پیتہ زِ "تمہ چھےٚ شاعری ہنزن رِوٲیتی ہیئژن خلاف بغاوتھ کرٕمژ تہٕ گوڈنچہ لٹہِ چھِنہ کاشرِ شاعری رِوٲیتی صورژن ہنزو رنجورِو نِشہ آزاد کرٕمژ۔" پیٹھ چھُ در صاب کانہہ مثال یا ثبوتھ دِنہٕ ورٲی وَنان وَنان یوت پنرتھ گرژھان زِ "روپہ بھوانی ہنزٕ شار صورژ چھےٚ تمن صورژن ستی رلان یمہ ٹی اِس الیٹ ہندی دسی

انگریزی شاعر یہِ منز مُروج سپز۔"

یہِ مبالغہ اُکتھ کُن ترٛاوِتھ چھُ پزر یہِ زِ رو پہ بھوانی ہندِس کلامس محض مُشک ہوانی چھُ للہ واکھن ہُند سونتھ ژہتس پھوان تہٕ کتھ چھنہٕ یلہٕ۔ روپہ دیدِ چھ پانہٕ اعتراف کورمُت زِ لل دید چھےٚ تِہنز عظیم گور :

لل نام لل پرم گورم

روپہ دید چھےٚ کُنی اہم کاشر شاعر یمہٕ لل دیدِ پتہٕ پننہٕ باوژ باپتھ واکھ کھ پاٹھی ورتو ومُت چھُ تہٕ یمبرزی شکلِ کنِ چھُ دوشوٚنی واریاہ ہشر۔ کیتہٕ واکھ چھِ یم پران پران یِدِ سیوٚد للہِ ہندی واکھ ژہتس پھوان چھِ، مثالے یم واکھ :

یوٗ تر ژلے تمے دِل امبر

یوٗ بوچھ ژلے آسکھ ترٛپھت

تتھے آہار مُکھت مُکھت یک کر

روٗگ گلہٕ تے آسکھ مُکھت

یہِ گیہِ روپہ بھوانی تہٕ پاوی توٗ ژہتس یہِ للہٕ واکھ :

یوٗ تر ژلِ تم امبر ہتا      بوچھ یوٗ ژلِ تی آہار ان

ژنا سو پر وشارس پیتا      ژتا دیہس دان کیا وَن

اُکس کتھِ ہکو نہٕ انکار کرِتھ زِ لفظِ راشس تہٕ طرزِ بیانس کُن وُچھتھ چھےٚ یمہٕ زِ زنانہٕ شاعر اکھ اُکس نشہٕ واریاہ۔ یوٗن باسان۔ للہٕ ہندِس کلام اَرِ تام ووتمُت چھُ تیٚک مُشکل ترین حصہ تِہ چھُ روپہ دیدِ ہندِ کلامہ کھوتہٕ سیوٚد تہٕ سہل باسان۔ یہِ چھُ پوز زِ للہٕ ہُند کلام چھُ ہتہٕ بدن ڈریَن زیوٚ زیوی پکمُت تہٕ اَسہِ تام ووتمُت تہٕ یتھ کنی آسہِ تتھ عام بولبوشہٕ زبانی ہُند اُتھ ڈولمُت، مگر تہٕ اَستھ تہٕ چھُ باسان زِ روپہ دید چھےٚ کتھ کاشراونہٕ بجاپہ زیادٕ رمزن کِنا ینے لار تہٕ بیٹھ چھےٚ۔ بیاکھ کتھ یہِ زِ اُتھ کلامس اندی منز گرٛٹھہٕ باپتھ چھُ سنسکرت

زبانٕ ہُند زٲنۍ کار آسُن تہٕ ضرورۍ۔
رٕوپہ ڈیڈ پتہٕ چھُنہٕ واکھ یا شُرٕکۍ ہیتھ کاٚنسہٕ تہٕ اہم کاشُر شاعرس پانُس کُن
پھران ۔ موجوٗد دورچہ کُنہٕ شارٕ ذاتَس ہرگاہ واکھس یا شُرٕکس ستۍ ہشر باسان چھُ سو چھےٚ
رُباعی مثالے غلام رسول نازکی صاۂبنہٕ رُباعی ۔ مگر واکھس تہٕ اَتھ رُباعیہ چھےٚ موضوعہٕ کہ مزاز
تہٕ ماحولہٕ چہٕ ڈھایہ گژایہ علاوٕ یہ اہم ہیٚتی فرق زِ نازکی ہنزَن اکثر رُباعین منٛز چھُ گوڈنیک
مصرٕ دوٚیمِس ، تہٕ دوٚیم مصرٕ تریٚمس تیتھ کٔنۍ یہ ڈیٚپ زِ تہٕ بالہٕ پھوکھ برٛان زِ ژوٗرِمس مصرٕ
تام واتان واتان چھُ پھٹاکُک ایٚحساس گنان تہٕ اَدٕ یلہٕ ژوٗریم مصرٕ وٲتھ پیوان چھُ پزی
چھُ زنتہٕ پھٹاک سپدان ۔ للہٕ واکھن منٛز چھُنہٕ مصرن ہُند وارٕ وارٕ گتہٕ ینُک تہٕ پتو لاکان
درٕ لہرِتھ یپہٕ وسنُک باس لگان ۔ اَتھ برعکس چھُ تتہٕ اکثر جاین اصلہٕ مولہٕ کنۍ مختلف عُنصرن
ہُند میلہٕ ملاپہٕ ستۍ وۄتلَن والہٕ کولاجُک ہیوٗ ایٚحساس سپدان ۔

ہیچھٕ ہارنجہٕ بییہ ژۄ کان گوم — اَکھ چھان بیوم یُتھ راز دانے
منٛز باگ بازرس قُلفہٕ روٗس واٚتوم — تیرتھ روٗس پان گوم کُس مالہٕ زانے

کولاجُک ہش یہ کیفیتھ وۄتلاوَن والیو عنصرو منٛز چھُ سارِوے کھوتہٕ اہم للہٕ ہُند استعارٕ
تہٕ اَمی استعارٕچ کمۍ چھےٚ موجوٗد دورچَن تمن تمام شارٕ ذاتَن للہٕ واکھو لِنشہٕ بیوٚن کڈان یمن
واکھس ستۍ ظاہری ہشر باسان چھُ۔
رُباعی اَکِتھ کُن تراوِتھ ہیکو تمن موخصر ترین نظمن واکھس تہٕ شُرٕکس ستۍ ہیٚتی رِشتہٕ
رلاوِتھ یمہٕ ٹیٚپن دہن پندہن ورین دوران لیکھنہٕ آیہ۔ مثالہٕ باپتھ ہیکو دینا ناتھ نادمنہٕ
"حاری شاتن" ہُند ناو ہیتھ ۔ مگر اَتہٕ تہٕ چھےٚ یہ کتھ نظر تل تھاونۍ زِ ہُتھ پرانہٕ تہٕ یُتھ نوٚ شار
ذاتن منٛز یمہٕ اندازٕ تعمیر کھسان چھُ سُہ انداز چھُ اَکھ اکس لِنشہٕ بیوٚن ۔ نادمنۍ حاری شاتھ
چھِ لرِ ہندی پاٹھۍ سیر سیر کھسان تہٕ چھکرس بام لگتھ مکانہٕ باسان تہٕ للہٕ ہُند واکھ چھُ
یہ ڈیٚپ زِ تہٕ زمینہٕ منٛز تھمہٕ تہٕ ژینہٕ ہیتھ پھٹہٕ پھٹہٕ نیرِتھ بییہ شونکی پاٹھۍ تہٕ سرساوکہ طرزٕ بنتہٕ

خوط ہوٚچ روایت قایم کرتھان ۔ پتہٕ چھُ دربارِ نبوی لیس منٛزے رجزیہ شاعری تہٕ حماسہ

تکمیلک باس دِوان ۔

غلام رسول سنتوش چھ حاضر زمانک واحد شاعر یَمہِ سٕنزن کینژن تخلیقن منز لاوکھن ہُند پوٚت آلو وۄتلان چھُ، مگر چھُ نہٕ پوٚت آلہٕ وِے ۔ یتھ پاٹھۍ اَتہٕ واکھ تہٕ شٕرکۍ فرق پرزناونٕچ کوشش کران کران کیہنہ اِظہار بدٕ کڈی تتھۍ طریقس منز ہکو اِشار پاٹھۍ ڈیٹھ زِ شیخہٕ شُترکِن ہنز معنوی اولاد چھےٚ سو موختصر نظم یوسہٕ ترقی پسند شاعرن ہنزِ ڈسی پرنیتھے یہٕ تہٕ للہٕ واکھن ہُند پرتو چھُ تمن ژھوچِن نظمن منز پَنُن باس دِوان یمہٕ جدید ژوی یچہ پاداوار گژھنہٕ رنہٕ پھےٚ یوان ۔ ( تحریر ۱۹۸۲ء )

---

لہ یہ مقالہ چھُ ۱۹۸۲ عیسوی لیکھنہٕ آمُت تہٕ کاشُر ڈیپارٹمنٹ کِس سیمنارس منز تمی وِزِ یہ پرنہٕ آمُت

# قدیم کاشُر جمالیات

ڈاکٹر گلشن مجید

کاشُر شاریاتچ بُنیادی دلچسپی چھےٚ یہٕ کتھ زِ رَس کیا گوو ، رَس کتھ چھےٚ وۄتلان ، اَمکۍ بُنیادی مُحرکات کم چھِ ۔ اَتھ کم کم چیز چھِ مشروط کران ۔ رَس کو بہ اظہاری کیفیتھ چھُ پرٛاوان ، رَس کو بہ انفرادی کیفیتھ چھُ ہاوان تہٕ کو بہ آفاقی کیفیتھ چھس ۔ رس ۔ باوتھس اُتھو زھار ہندِس سفرس منز چھِ شاریاتکی باقے مسلہٕ تہٕ سوال وۄتلان یِم پننہِ پننہِ مقدورٕ موجوب تہٕ تلاش کرن والی ہند ضرورتہٕ حسابہٕ جوابن ہندی حق دار بنان چھِ۔

بھرت (۴ صدی) ہنز ناٹیہ شاستر بروہہ چھےٚ کُشرِ منز بینہٕ کُنہٕ تہٕ ترٛتھ کتابہٕ ہُند بے پناہ مولوم یوہ زن شاریاتکی مسلہٕ تُلان آسِہ ہے ۔ ناٹیہ شاستر چھُ پاتھرکِ وسیلہٕ ستی تہٕ اُچھِ مثالہٕ وبرتھناوی وپرتھناوی تخلیق کاری ستی وابستہ نازک ترین مسلن دَل دِوان ۔ اُکس پاتھرس منز چھِ اہم ترےٚ عنصر :۔

پاتھر ۔ یعنے پاتھرچ کتھ۔

اداکار ۔ یُس پننیو مناسب تہٕ متوازِن جسمانی حرکژو ، اشارو تہٕ پننہِ آوازِ ستی کہانی شکلاوان چھُ۔

وُچھن وول ۔ یُنہِ باپتھ پاتھرچ کتھ تھُرنہٕ آیہٕ تہٕ اداکار کھڑا کرنہٕ آو۔

پاتھرچہِ کہانی باپتھ چھُ اکھ پسِ منظر تہٕ کردارن درمیان تصادم یا ٹکراو دۄتلاونہٕ

بایتھ کُنہٕ خاص نظامچ (سہ اخلاقی آسِتن یا مذہبی، سماجی آسِتن یا سیاسی) ہانکل ضروری۔
اَتھی نظامس خلاف گژھتھ یا اَتھ حقس منز رَوزِتھ چھ کِردار تمن حقیقتن یا پزرن ہنز
باوَتھ کران یم پاٹھر لیکھن والِس محبوٗب آسن۔

قدیم (کاشرِس) پاٹھرس منز اوس یہ پسِ منظر یا کہانی ہنٛد عام ' اقداری نظام
پاٹھرس ستۍ وُچھن والی ہنز جذباتی وابستگی متعین کران۔ وُچھن والی ہنٛدی جذباتھ اَسی
"پاٹھرس" رنش یہ ڈیٖژ زِ تہٕ گرو روزان یتھ اَکس شرطس پیٹھ زِ اگر کہانی ہنز منگ
نظرِ تل تھاوِتھ، اداکارن ہنز مطابقت خام روٗز یا ڈلِتھ پیٚن روٗز یعنے اگر اداکارو
ہیوٚکہٕ وُچھن والین ہنٛد توقع حسابہٕ سہ فضا وۄتلاوِتھ یمیک تقاضہ پاٹھر کران آسہٕ،
تیلِ چھ وُچھن وول آزاد۔ چوٗنکہ یتھ کالہٕ کیٚن پاٹھرن ہنٛد اِقداری نظام تہٕ وُچھن والین
ہنٛد اقداری نظام اوس لگ بگ نکھہٕ نکھے آسان۔ لہٰذا آسی وُچھن والی ہنٛدی جذبات
پاٹھرس برونٹھے آیمتۍ روزان اَکیک فایدٕ اوس لامحال تخلیق کارس میلان (ازتہٕ چھُ
میلان)۔ لیکھن وول اوس یمن آمتۍ جذباتن ہنٛد خاطرٕ خواہ استحصال کران۔ ابھنو
گپت چھُ اَتھ غلط تہٕ معیوٗب زانان۔ سہ چھ جذباتن ہنز اہمیت پرزناوان مگر یمن جذباتن
پرن والِس یا وُچھن والِس پیٹھ مُسلط کرُن طاکارہ مانان۔ تخلیق کار بنٛدن ذاتی جذباتن ہنز
اہمیت چھےٚ مسلم۔ کاشرِس شاریاتس منز چھ تخلیق کار بنٛدن جذباتن ہنٛدی گوٚن رنگہٕ رنگہٕ
بیان سپدی متۍ۔ یم چھِ تخلیق کار سُند پنُن اعتبار قایم کران تہٕ کردارس یا تجربس تنٛزر تہٕ
سنہٕ بخشان۔ تخلیق کار چھ کردارن ہنٛدِس غمس تہٕ باہمی رقابتس ستۍ، خوشی تہٕ ناراضگی
ستۍ پننۍ جذباتھ رلاوِتھ یمنٛدِس دوکھس یا سوکھس دربر دوان تہٕ آفاقی بناوان۔ لکھ
تخلیق کار کوٚ ہیکہٕ پننۍ ذاتی نسبت تمِس کردارس ستۍ مشراوِتھ یا تمِس پاٹھ دباوِتھ یُس
تمۍ پانہٕ آسہٕ ژورمت تہٕ تخلیق کار چھ کانٛسہٕ کردارس اوٚ موکھ تہٕ ژاران زِ اَدی چھ آسان

پتہ (تخلیق کار) پانس کُن متوجہ کورمُت کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ لکھ۔ ژکہٕ پھٹے کہانی سیتی یا کردارس پیٹھ
تخلیق کار ہندی جذباتھ، کردار بنٕنس علاوٕ ہنز (identity) پرزنتھ۔ مگر کاشرس
شاریاتس منز چھہ اکی حدود متعین۔ یم جذباتھ گژھن پتہ تماشہٕ وُچھن والیس یا کانٛہہ
پرٛن والیس یا سرٛود بوزن والیس) ھتوس انہ۔ پرٛن وول (بیتر تیتر) چھ پننہ ذاتی
تربیتہٕ پتہ ذہنی حالتہٕ کنہ پننہٕ پانٛٹھی علاوہٕ منز شامل سپدان۔ تخلیق کار ہندی نار مُتوازن
جذباتھ چھہ اُمس تمہٕ نشہٕ پتہ مزٕ رُشہٕ بے خبر کران یُس اُمس کانہہ کردار خارجی دخل اندازی
دراے دہے۔

ایکٹر چھُ پانٛھرِ ظاہری شکل۔ سو اکھ شکل یمہٕ ہندٕ واسطہٕ کنہٕ وُچھن وول
بیٚس واتان چھُ۔ پانٛھرِ بنبر کیا چھُ پتہ ہُسہ چھُ الگ بحث۔ (حالانکہ قدیم شاریاتس
منز چھہ کُنہ خاص کردارٕ موجوب کانہہ ایکٹر ژارنہٕ باپتھ تیٚنز سماجی زندگی ہنز اہمیت
پتہ نظر تل تھاوٕنی ضروری)۔ ایکٹر ہنز اداکاری ہند کمال چھُ یتھ کتھ منز زِ پتہ کوتاہ چھُ
پننہ آواز سیتی پتہ جسمانی حرکژ و سیتی سُہ کردار ود تلاوتھ ہکان یمی سُند نمایندہ یا "باشن"
بنِتھ پتہ اداکار یوان چھُ۔ ایکٹر کرِ اداکاری۔ مگر اُمی ہنزِ اداکاری ہند بادو چھِ مقرر
کران پانٛھرُک اصل کردار تہٕ پانٛھرُک تخلیق کار۔ تخلیق کار پننو مکالمو سیتی۔ تمہٕ منظر نامہ
سیتی یُس تمی پننہ کہانی دیتمُت آسہٕ۔ قدیم شاریاتس منز چھِ یتھ کتھ ژرٛ اہمیت زِ مکالمہ
گژھہ کردار سُند سماجی رتبہ، امی سُند صحی ذہنی رُوی پتہ تہٕ ظاہری حالتھ وٕد تلاوتھ ہکُن۔
بہت مُنی چھُ پتہ کتھ تہٕ وَنان زِ پرٛیتھ کانہہ کردار چھُ پننی زبانی سیتی پرزناونہٕ یوان تہٕ
سُہ چھُ کردار وُچھتھ زبان ورتاونُک تلقین کران تہٕ مختلف درجن (ورن) ہنز نمایندگی
کرن والین اداکارن تمی درزِ زبان دنہٕ باپتھ باند باند کران۔ مثلن یم ژور "بھاشاہ" پھٹے
ژون ورن ہنز باوتھ کران۔

| | |
|---|---|
| اتی بھاشا | دیوتہن ہنز ہش شوٗژ زبان۔ |
| آریہ بھاشا | رازن تہٕ مہاجن ہنز ہش زبان۔ |
| جاتی بھاشا | ماجہٕ زیو۔ پننہٕ کرانچ زبان۔ |
| ملیچھ بھاشا | ڈسہ بایہ لوٗکن ہنز زبان۔ |

یم بھاشایہ چھےٚ اَکِس کردار ہنز "پرزناوَن نشانہٕ"۔ اَدلہٕ بدل بھاشا بولنہٕ سٟتۍ راوِ کردار ہنز تہٕ پرزنتھ تہٕ اداکار ہنز تہٕ۔ اَکھےٚ بابہٕ اداکاری رٕژھ۔ کہانی ہُند اکھ صحی تناظر ووتلاونہٕ باپتھ چھُ "بزرگ برہم" قایم کرُن ضروٗری۔

بھرت چھُ یتھ کتھہٕ کُن بار بار سون ظوٗن پھران تہٕ ابھینوگپُت چھُ اَتھ تائید کران، زِ شاعری ہُند بوزن وول یا پاٹھرُک وُچھن وول چھُ پننی اکھ خاص تربیت تہٕ تعلیم تھاوان۔ یم ساری لوٗکھ چھنہٕ اکے درجکۍ۔ یمن چھِ بیوٚن بیوٚن حالاتن منز بیوٚن بیوٚن تربیت آمژ۔ یمن چھُ ڈراما مختلف مرحلن پیٹھ مختلف طریقو تہٕ مختلف سوتھرن پیٹھ متاثر کران۔ یم لوٗکھ چھِ پاٹھرکین جذباتی زِہن تہٕ کردارن ہنزن حرکژن مختلف روایژن ہنز پابندی کنی زانان۔ اگر پاٹھر یمو روایژو نبر تیر پاٹھرُک لطف تہٕ مزٕ تہٕ گژھہِ ڈا۔

اداکار چھُ رنگ منچس پیٹھ ترٛین صوٗرتن منز یِوان۔ یا تہٕ چھُ یہ بحیثیتہٕ اصل کردار یِوان، یا اصل کردارسند نمایندٕ بنتھ (نقل بنتھ) نتہٕ بحیثیتہٕ اکھ CATALYST (یعنے اکھ عمل تیز تہٕ مکمل پاٹھۍ انسراونُک ذٔریہ)۔ یتھ پاٹھۍ چھُ یہ چھرا اکھ ذٔریہ اصل کردارس تہٕ وُچھن وٲلس درمیان رشتہٕ پاد کرنُک۔ وُچھن وول تتھ ذہنی کیفیژ منز واتناونُک وسیلہ بنتہٕ وُچھن وول اداکارس مُشرٲوِتھ صرف اصل کردارس سٟتۍ روزان چھُ۔ گوڈٕ یہ کتھ چھےٚ پاٹھرکس تناظرس منز وَننہٕ آمژ مگر ایمِک اطلاق چھُ شاعری کردارس پیٹھ تہٕ ممکن۔ شاعری منز چھُ شاعر پننہٕ تجربہ کہٕ اظہارٕ باپتھ اکھ کردار ووتلاوان تہٕ اَمِس اکھ جذباتی فضا

یا مناسب پسِ منظر دِوان ۔ تجربہ کہ اظہار یا پتھ کردار چھُ اداکار ہندی پاٹھی محض اکھ وٚسیلہ
تجربہ کہ کامیاب واتناونک ۔ تجربہ راوِ اگر کردار یا پسِ منظر ژھوٚرٕ روزِ یا تجربہ چہِ وُسعت
نبر روزِ ۔ قدیم کاشرِس شاریاتس منز ییتہ کنہ خاص تجربکی بنیادی محرکات (مادی/غیر مادی
وجوہات)، اشارات، (محرکاتن ہندی ضروری نتیجہ) تہ ذہنی صوٗرژ حال بیان چھِ
آمتی کرنہ، تتی چھےٚ قاری ہنز اہمیت تہ دوہراونہ آمژ ۔ کنہ تخلیقِ ہند قاری چھُ تمہ
تربیژ ہندِ مقدارہ حسابہ تخلیقہ ہندِس حُسنس تہ لطفس منز شامل سپدان یوسہ اُمس
تخلیقی دُنیہس ستی وابستگی کنی ممکن سپدِ مژ آسہ ۔ بجاے خود چھےٚ تہ تجربہ کیٚنہہ معنے تھاون
ییتس کالس تہ یہ اظہارک رنگ رٹہِ ۔ بے رنگی ہندِ عالَمس منز چھُ یہ اکھ لطیف ترین جمالیاتی تجربہ ۔ یُس کُنہ تہ
رشتہ ورائے چھُ تہ یُس کُنہ تہ زمان و مکان چہِ حدبندی نبر چھُ ۔ مگر لوٚت لوٚت یہ
تجربہ رنگ رٹہِ یا اظہارس منز ینہِ ہیٚنہِ تیوٚت تیوٚت چھےٚ اَمِچ لطافت محدوٗد سپدان
تہ یہ چھُ زمان و مکان چہِ حدبندی منز اژُن ہیوان ۔ یہ عمل چھےٚ تجربہ چہِ اولین آگہی
(یا احساسہ) پیٹھے شروٗع سپدان تہ یہ عمل چھےٚ ناگزیر ۔ اظہارس منز ینہ باپتھ چھِ اَکھ
مادی وسیلہ درکار ۔ یِم مادی وسیلہ چھِ تمام "حیلو تہ بہانو" باوجوٗد تمام تخلیقی اہتمامو تہ وٚلو
باوجوٗد کُنہ نہ کُنہ لِکھ مادی صوٗرژن ہندی آویزٕ ۔ لہٰذا چھےٚ یہ کتھ وونی فضوٗل نِشہ رٲنی
ژٕ یوٗتاہ زیادٕ یہ مادی صوٗرژن منز ییہِ تیوٗتاہ دوٗرِ یہ ینہِ خالص جمالیاتی تجربہ نِشہ ۔
حالانکہ رنگس منز ییتھے چھِ اَتھ معنے تہ ۔ خالص جمالیاتی سوٚتھرس پیٹھ روزتھ چھےٚ اَتھ
تہ روٗحانی تجربس درمیان بس کیٚنہہ واضح فرق روٗحانی تجربس منز چھُ اَمیک حامل بقولِ ابھینوگپت بنٕس
"کلہم حاوی" پرمہ آنندس منز یے شنہ پان مگر جمالیاتی تجربہ چھُ اکھ لگاتار عمل ۔ روٗحانی تجربہ بنٕزی چھُ اکھ گزرِتھ آمُت
پتہ نبس ژھو یہ ۔ مگر جمالیاتی تجربس منز چھِ پرتھ وِزِ نوٚو عالم ۔ روٗحانی تجربچ حدبندی چھِ
مذہبی نظام تخلیق کران تہ جمالیاتی تجربچ حدبندی شار (یا بیٚیہِ کانہہ تخلیق) ۔ شار یوٗتاہ زیادٕ

حدبندین منز بهِسہِ تیوٚتاه گژهن اَکِی امکانات محدوٗد تہٕ یِتیاه اَکِی امکانات محدوٗد
گژهن تیوٚتاه بنہِ بہ شارکم تہٕ "نظام" زیادٕ اَکِس نظامس سٟتۍ والبتہٕ "مواد" یا اظہاری
رنگ چھہِ یِنہٕ بنٕہ یادی مجبوٗر لوٗ تہٕ ضروٗرژوکنی یا تہٕ اکار بکار یِنہٕ واجنہِ ہدایژ نبہ واقفیژ
ہم تھاونکۍ وٚسیلہٕ - ابھنوگپت چھہِ بهرت ہندس ناٹیہ شاسترس پیٹھ کتھ کران کران یہ
کتھ واضح کران زِ شاعری ییٚمہِ تبلیغ تربیت ساہنن ذہنن کران چھےٚ سوٚ چھےٚ واضح پاٹھۍ
تمو ہدایژو تہٕ تمہٕ تعلیم لِنشہِ الگ یوٚسہ زن اَسہ مثلن مذہبی رسالہ تہٕ توآریخی بیان دِن۔
دوٚنی گوو تم لوٚکھ تہٕ وآتی تہٕ کاٗتھس کھالنۍ یِہندِ باپتھ شاعری اکھ الہامی بصیرتھ یا وِجدان
بخشن واجنۍ صِنف چھےٚ۔ اگر شاعری ساٗنِس وِجدانس تنزرتہٕ لطافتھ بخشہِ یہ گوو زیادے
رُت - وِجدان تہٕ ذوق چھہِ شاعری ہند رس ووتلاونکہ تہٕ محفوٗظ کرنکہ اکھ آیج کٲم کران۔
شاعری ہُند اصل مُدعا چھنہٕ تعلیم یا ہدایت (یتھ پاٹھۍ ییٚدِ ہنگہ منگہ توآریخی تہٕ دینیاتی موادس
سٟتۍ زیادتی تہٕ فکرہ ترونی ییچیدگی پادٕ۔) ہرگاہ زن شاعری پیٹھ کانہہ ہدایت پراونک
مطلب لس ییتےٚ چھُ زِ شاعری چھےٚ ساہنن جمالیاتی حِسن کھرن دِوان تہٕ یمن دربرخشان
تیلہِ چھنہٕ اَسہِ کہنی اختلاف - شاعری چھےٚ آنند - اَمِیج بنٕہ یادی آڈرن چھنہٕ کانہہ تعلیم یا علم۔
شاعری ہُندٕ سہ قاری یُس نہ وُنہ شاعری روایژن اَنزی نٕزی گوٗمُت آسہِ یا ییٚمہ بٔدِن
جمالیاتی حِسن کھرن آسہِ نہ لگمژ۔ سہ چھُ لامحال جمالیاتی حظ تُلنہٕ باپتھ کُنہ نہ کُنہ خارجی
وٚسیلگ آویزٕ۔ یہ خارجی وٚسیلہٕ چھُ پاتھرُک اداکار یُس شاعری ہُند رَس
یتھس کنہ وروٗچھن وآلس منز ووتلان چھُ۔ ییٚمہِ وِزِ ابھنوگپت یہ کتھ وَنان چھُ زِ
تماشہ بین چھُ خارجی وٚسیلو سٟتۍ "رس" پراوان سہ چھُ یتہ وَنان زِ سہ چھُ رنگ
منچس منز اژنہ بروٚنہہ اَمِجہِ روایژ تہٕ پابندی یہ قبوٗل کرن۔ دُنہ لوک لوچناکتابہ
منز چھُ سہ لیکھان زِ تماشہ بین چھُ گرِ ییٚمہِ ہنیژ نیران زِ از چھہ منے غارمومولی اہمیژ ہندی

باجلال نظارٕ وُچھنہٕ۔ یم پتولاکن تمام مٲدی اغراض نِشہٕ آزادی ہنزٕ کیفیتھ ووتلاوان۔ اَمیک
مطلب گوو یہِ زِ کانٛہہ تخلیق پرنہٕ برونٛٹھ چھُ یہِ فٲصلہ کرُن ضروٗری زِ اُسی کم کم روایژ چھِ
قبوٗل کران۔ یِلی سانٛی نیت تہٕ دِل اَکھ خاص صِنفِ منٛز آسُن تیٚلی کَرَن تاثرٕ ووتلاونٛکی تہٕ لطف
بخشنٛکی باتے وَل اَسہِ پیٹھ پننٛ اثرات مرتب۔ اَوے تہٕ چھُنہٕ پرِتھ کانٛہہ شخص شاعری ہُند
لُطف تُلتھ ہیکان، تِکیازِ شاعری منٛز چھِ تِم ڈٲکھ تہٕ خٲرجی تھَو سبٹھاہ قلیل تہٕ گژھن یِہندِ مدتہٕ
ہِتی شاعری ہُند قٲری کُنہِ جمالیٲتی تربیژ وراٲے شاعری ہُند لُطف تُلِہے۔

یِہ کتھ چھےٚ اہم زِ قدیم شاریاہن ساری سکوٗل چھِ یتھ کتھِ پیٹھ کُنی زِ حقیقی خوٗشی،
اصل آنند تہٕ مستقل لُطف چھُ تتھٕ زانکٲری منٛز، تتھ آگہی منٛز یوسہٕ اَسہِ شاعری بخشان
چھےٚ۔ بقول بھٹ نایک، انبساط تہٕ سرخوٗشی، یوسہٕ تمہٕ رَس وادٕ ہِتی میلہِ زن کُنہِ
شاعرانہٕ تخلیقہٕ پیٹھ ووتلیمژ آسہٕ پھےٚ برابر ترٛژھے مستقل، پزٕ تہٕ حقیقی یوسہٕ زن اَکھ
منش برہمانٛڈس منٛز پرٲوان چھُ۔ یعنے اَمیُک مطلب گوو یہِ تہٕ زِ اَکھ دھارمک منُش یتھ پاٹھٕ
مذہبی ریاضژٕ ہِتی مُکتی (نجات) پراوِ تتھے پاٹھٕ ہیکہِ اَکھ منش شاعرانہٕ تخلیقہِ ہِندِ مدتہٕ ہِتی
ابدی مسرت پرٲوِتھ تہٕ نجاتٕچ وَتھ لبِتھ۔

شاعری پیٹھ پرٛژھ پرٛژھ تہٕ، شاعری ہُند یِتھ تصوٗر چھُ کاشرِس شاریاتس
اعتبار تہٕ تقدس بخشان۔ بھرت، آنند وردھن۔ بھٹ نایک، طوطِ بھٹ تہٕ ابھینو گُپت
چھُنہٕ یتھ کتھ زیادٕ مازان زِ شاعری کیا چھےٚ اَسہِ تمام کانٛہہ شُبہٕ واقفیتھ واتناوان یا کینٛژن
کارآمد اَصوٗلن ہنٛزٕ زانکٲری دِوان یا کانٛہہ مذہبی مسلہٕ فکرِ تاران یا کُنہِ لکھہِ کانٛہہ مٲدی
فایدٕ واتناوُنٛچ سبیل پٲدٕ کران بلکہ چھُ شار اَسہِ یِتھ آسُن وُنٛی راوتس منٛز تہٕ اَکھ صحی انوبھودِس
منٛز اَتھ روٗٹ کران۔ ابھینو گُپت چھُ ناٹیہٕ شاسترس پیٹھ کتھ کران بے واہ وَنان زِ
شاعری ہُند مقصد چھُنہٕ اخلاقی یا مذہبی تعلیم دِنٛی۔ یہِ کٲم چھےٚ دینیاتٕچ بلکہ ہیکہِ دینیا چھے

اکھ بااعتبار پرٛ قوٗتھ اخلاقی تعلیم دِتھ۔ شاعری گژھِ امہِ نِشہِ بچھ روزُنۍ۔ اَتھ چھِ پننۍ خاص رسم تہٕ حد۔ یہ ییٚودوے غار اخلاقی یا غار مذہبی چھِنہٕ مگر اخلاقی یا مذہبی تعلیم ہِنٛد مُتبادل تہٕ چھِنہٕ۔

کاشُرِ شاریاتُک سرمایہ چھُ باگہٕ بوٚرُت۔ اَتھ منٛز چھُ تخلیق کاری ہِنٛز والبہٕ نازُک ترین مسلَن دل دِنہٕ آمُت مثلن شاعری کیا گیہ؟ لولت بھٹ (۹ صدی) چھُ لیکھان زِ شاعری چھےٚ جذباتن ہنٛز شدت۔ تمہٕ گژھِ بازیافت لُۍ عام ذہنی حالژن اِرتفاع بخشان چھُ۔ شاعری ہِنٛدۍ اصل محرکات چھِ حساوی۔ شاعری چھےٚ ساڑی نفسیاتی کیو جسمانی دلچسپی رٹنہٕ آدِتھ تہٕ تمنٛز راوِتھ یِہنٛد تکمیلُک سامان بہم کران۔ سمکوک (۹ صدی) چھُ شاعری حقیقی یا غار حقیقی آسنہٕ کہ بجٲے منز کڈِتھ اَتھ مٲدی محرکاتن ہنٛز نمایندگی زانان۔ سمکوک چھُنہٕ شاعری افلاطوٗن ہِنٛدِین معنیٚن منٛز نقل زانان۔ افلاطوٗن سُنٛد نقل ہیکو اُسی حقیقی تہٕ غار حقیقی (آسنس) منٛز باگرٲوِتھ بیلہٕ زن سمکوک زٕکہٕ نمایندگی ہنٛز کتھ کران چھُ۔

شاعر سُنٛد منصب کیا چھُ؟ ابھینو بھارتی منٛز چھُ درج زِ "شاعر چھُ پننہٕ آزاد خاہشہِ حسابہٕ پننۍ دُنیا پانہٕ تخلیق کران۔ بے شک چھےٚ شاعرس بے وایہٕ تخلیق کرنٕچ قوت بدس۔ شاعر چھُ بیک وقت سُہ لُۍ پٹھ چیز منعکشف پدان چھِ تہٕ سُہ لُۍ پن اظہاری رنگ دِنٕچ قدرت تھاوان چھُ"۔

"شاعر چھُ بےزوٗ چیزن تام ہِتھ پاٹھۍ مرتب کران زِ تم چھِ زوٗدار چیزن ہِنٛدۍ پاٹھۍ عمل کران تہٕ زوٗدار چیزن بےزوٗ چیزن ہنٛدۍ پاٹھۍ پیش کران۔ یہ سورے چھُ سُہ پانس موٚلیُر آزادی کِنۍ کرِتھ ہیکان"۔

شاعرس موٚلیُر آزادی ہنٛز بہتر مثال چھُ نژن (ڈانس)۔ نژن چھُ بے وایہٕ اظہار ـــــ اظہار تمہٕ آنندُک یُس نژن والس (یا نژن واجنہِ) حاصل پیٚوان آسہٕ۔ امہِ آنندکۍ محرکات ہیکن مٲدی تہٕ آسِتھ تہٕ غار مٲدی تہٕ۔ یہ ہیکہِ تخلیقی قوژ ہنٛز خوشی

پیٹھ تہٕ وۄتلتھ تہ وۄتلاونہٕ تِہ یِتھ۔ یہ چھُ دل چھِ خوشی ہُند کُنہٕ تہٕ صنفی پابندی ولأے
اظہار۔ شیوٕ ہُند نژُن یا گورٕس برونٛہہ کُنہٕ گترٕ ہُند نژُن چھُ اُمی آزأدی ہِنز مثال۔
یعنے شاعر چھُ آزاد پننہٕ موضوع ژارنہٕ باپتھ تہٕ یمن موضوعن متوازن کردار تہٕ مناسب
دل ژارنہٕ باپتھ تہٕ یِہند حسب قدرتھ ورتاو کرنہٕ باپتھ۔ شاعر ہندِس ذہنس منز چھُ
سُے وق لوٚز لیٚس شاعر اتھ ذہنس مقرر کرِ اوے چھےٚ رام ہنز کتھ مقامی تہٕ تہٕ آفاقی تہٕ۔
عصری تہٕ تہٕ قدیم تہٕ۔ یہ سورُے چھُ شاعر ہندِس ضرورتس تابعین۔ اوے چھُ ابھینو بھرت
ہنز یِتھ کتھ بدل آیہ شیران زِ پابھر (یا شاعر) چھُ حقیقتُک "نقل پیش کران۔ یِیلہِ زن
پزر یہ چھُ زِ شاعر چھُ بقول ابھنیو حقیقتُک ادراک حاصل کران تہٕ پتہٕ دُبارٕ (پننہٕ آیہ) یہ تخلیق
کران۔ اتھ دُبارٕ تخلیق کرنہٕ آمژِ جباوک آگہی منز چھےٚ حقیقی یا غار حقیقی آسنچ کیہنی ہانژ۔

طوطہ بھٹ (١٠ صدی) چھُ شاعرس روشن ضمیر وَنان لیس پیٹھ عرفانکی ساری درواز
ڈھتھ چھِ آسان تہٕ روشن ضمیری چھےٚ روشن نظر آسنہٕ ورأے نامکمل۔ روشن نظری چھےٚ سو
اکھ قوت یمہِ کنہٕ ذہنچن گوناگون مادی صورژن ہنز بُنیادی حقیقژ منعکشف سپدان
چھےٚ شاعرس تہٕ شاعری ہنٛدِ یتھ نظریہ پیٹھ چھےٚ ظاہر سپدان جمالیاتی تجربچ نوعیت۔ یہ نوعیت زاننہٕ باپتھ چھےٚ انسانی
ذہنس متعلق بٔنٛھی بٔنٛھی اکھ زٕ کتھ زاننہٕ ضروری۔ سون ذہن چھُ بالکل کورٕ لیٹھ ہیوٚ صاف تہٕ چیٹھ۔
اتھ پیٹھ یم تہٕ نموٗنہٕ چھِ، تِم چھِ خارجی محرکاتن ہندی دِتی۔ سون ذہن چھُ خارجی دُنیا پیٹھ
پننہٕ ضرورتہٕ مطابق تہٕ پننہٕ مقدورٕ حسابہٕ رنگہٕ رنگہٕ تجربہٕ حاصل کران۔ یِمنے تجربن ہنز
بازتلاش چھےٚ شاعری (اتھی چھُ بھرت مُنی انوکرن وَنان ترلوک یِسیا یا سرواسیا
ناٹم بھاوانو کیر تنم تہٕ ابھنیو چھُس صحیح کرِتھ انو، دیا وسایا وَنان) مادی صورژو پیٹھ
تہٕ خارجی دُنیہس سٟتؠ تصادم سپدنہٕ پتہٕ یم تجربہٕ، یم ذہنی کیفیژ پأدٕ چھےٚ گژھان تم چھنہٕ
ہوبہو تِمنے صورژن منز اظہار پراوان بلکہ چھُ ذہن یمن پیٹھ پننی کرِنی ڈالان۔ اظہارک

رنگ رٹنہٕ بأپتھ چھے مناسب لفظن ہنز فوٗری دستیأبی یا عدم دستیأبی تہٕ ینٛنہٕ پأٹھۍ یمن تجربن ستۍ گنٛیند گنٛیند کران ۔ پرأنۍ یاداشت ، مأدی کیفیژن منٛزٕ والبتہٕ سانہٕ جسمأنی جنسی تہٕ نفسیأتی خواہشہٕ ، سماجی تہٕ سیأسی اندرٕٹۍ ۔ یم سأری چھِ الگ الگ یا سٕمتھ گژھنہٕ تہٕ تجربس ینٛنہٕ رنٛگ کھالان ۔۔۔۔

سون ذہن چھُ رنٛگہٕ رنٛگہٕ تجربو ، رنٛگہٕ رنٛگہٕ عالمو تہٕ زأنکأریو ستۍ برونٛٹھے ترٛوٚپرتھ ۔ قرنہٕ وادن ہندی انسأنی تجربہٕ چھِ شعوٗری یا غار شعوٗری سوٗتھرس پیٹھ لگاتارٕ یمن نوٚین تجربن ، اُزکس سوچس تہٕ ولوہارس پیٹھ اثر انداز پیدان روزان ۔ بعضے چھِ یم قرنہٕ وادن ہندی تجربہٕ سأنس خارجی موٗجوٗدٕ دُنیاہس ستۍ سانہٕ بأپتھ نوٚی رشتہٕ بناوان ۔

اوے چھُ طوطہٕ بھٹ شأعرس روشن نظر ، روشن ضمیر تہٕ روشن دماغ وَنان ۔ شأعر چھُ پانسَ منٛز بٕستھ عالمن ہنز تہٕ کتھ کران تہٕ یمن دأخلی عالمن ہندِ تجربہٕ پیٹھ حأصل سپزہٕ بصیرژ ستۍ خارجی عالمن ہنز تہٕ ۔ اُکس خوبصوٗرت زنانہٕ ہندی الگ چھِ فقط بہانہٕ سو کیفیژ ووٚتلاوہٕ بأپتھ یوسہٕ ذہنس منٛز ڈیتھ چھے ۔

کأشرِ شأریاتُک اکھ بوٚڈ حصہٕ زانو اُسۍ النکار شاستر یا ساہتیہ شاستر کہ ناوٕ ۔ شأرس منٛز لفظن ہٕند دیت ، طرزِ بیان ، حُسن کأری ، صنعت گری ، ٹکنگری ، اسلوٗب تشبیہ تہٕ پیکر یم چھِ مثالہٕ دی دی لطافتہٕ سان ویرتھناونہٕ آمتۍ ۔ کأشرِ شأریات چھُ گوڈنکہ پھِر لفظن ہندِن بیوٚن آکارن تہٕ شکلن تہٕ معنے کین بیوٚن بیوٚن ژھاین تہٕ گراین ستۍ بحث کران ۔

ارتھ النکارن تہٕ شبدالن کارن ستۍ بحث کرنہٕ برونٛہہ چھُ شبد ارتھ تہٕ پنہٕندبأہمی رشتہٕ سٕہر کھٕر کرنہٕ آمُت ۔ شبد چھِ تم آواز بامنتر یم چیزن اکہٕ پیٹھ ظأہر کران چھِ تہٕ یمن ستۍ منسوٗب معنے سانہٕ بأپتھ چیزن ہنز اکھ کار آمد مگر محدوٗد پہچان بنان چھے ۔ کأشرِس شأریاتس منٛز چھِ گوڈ کالہٕ پیٹھے باضابطہٕ انتہاپسند نظریہ کأم کران ۔ شبد چھا چیزن

ہُند لغم البدل، ارتھ تہٕ شبد چھا لازم و ملزوم ، ارتھ چھا شبدُک سورُے ہرتر وہ تراوان تہٕ
بیان کران؟ ارتھ چھا شبدُک ژھایت یا گجر شبدٕچ شکل چھا الہامی تہٕ مُستقل تہٕ ارتھ
فقط شبدُک اکھ پرتو، اکھ خاص شبد کیتھ پٲٹھۍ چھُ اکِہ واقعک یا کانہہ اُکِس کردار سُند
اندرُون ظاہر کران؟ یِم تہٕ تِتھی ہوی واریاہ ہم رشتہٕ مسلہٕ چھِ اَرتھ تہٕ شبدکِس سلسلس منز تکنہٕ
آمتۍ۔ کاشُر شاریاتُک اکھ اہم سوال چھُ شبد تہٕ ارتھ اُکِس الہامی تہٕ مستقل رشتس منز
گنڈتھ زانان، اکِہ خاص حوالہٕ بغیر، اکھ خاص کیفیت بدُون چھُنہٕ شبدُک وجود۔ شبد
چھُ سہٕ اکھ منتر یُس ذہنی کیو مادی چیزس ساہن خارجی تہٕ داخلی حِسن منز وہ تلاوان تہٕ
شکلاوان چھُ۔ اَدے چھُ فقط کُنہٕ چیزُک ناو۔ کُنہٕ رنگُک، دریٹھن، کُنہٕ شکلُک ظہوُن
اَمِہ منز گوناگون کیفیتہٕ وہ تلاوان۔ اُمی وجہ کنۍ چھُ شاعری منز بھاو رس سیٹھاہ اہمیت
پراوان۔ ساٗنۍ حیاگہی چھےٚ مشروط شبدکِس صحی تہٕ مناسب ورتاوس پیٹھ۔ اکھ شبد
ہیکہٕ بیٚیہٕ کُنہٕ شبدٕچ جاے پرٲدِتھ۔

شبدکِس اکھ خاص تصورس ستۍ چھُ بھرت نُندرس سوٗتر واتھ۔ بھرت چھُ اکھ جایہ
یِمن حالتن یا کیفیژن ہنز کتھ کران۔

دِبھاو حدوٗد متعین کرن والۍ عنصر

انوبھاو consequent یِم احساس پائداری تہٕ بخشن

وِبھاچارہ لطیف ذہنی کیفیژ

سیموجنا علم یُس بھو ورٲے چھُ۔ فقط آنند تہٕ بخانتھ

یِم ژرہ شوٗے عنصر یا ژرہ شوے کیفیژ چھےٚ ستن خاص حقیقژن پیٹھ ڈرتھ۔ یِہنٕدٕ
وراۓ روزن یِم کیفیژ ہوٗسں منز۔

دِ، بھاسہ۔ فاعل تہٕ مفعوٗلُک باہمی میٖل۔ موضوٗع تہٕ معروضُک سنگم تہٕ

ہیکہِ مادی کیو مثالی اُستھ

۲، ویدانہ۔ فاعل شُند یہِ احساس زِتس پیٹھ کرٕ مفعولن اکھ خاص کیفیت طاری یا باہمی اثر پذیری ہُند ظہور۔ یہِ کیفیت ہیکہِ جزنیہٕ تہٕ اُستھ تہٕ طربیہ تہٕ۔

۳، سنا۔ موضوع بدٕ کڈان۔ اُمِچ مکمل نشاندہی۔ یہِ پھیٚے صرف ظاہری پہچان مقرر کران توے پھیٚے گمراہ کُن تہٕ۔

۴، چیتنا اِرادٕ۔ موضوعس کُن ساُنٛز شعوری مراجعت۔ اکھ بے غرض کوشش یا اکوشش دوشوے

۵، اکہٕ گاٹ۔ موضوعس کن توجہ مرکوز کرُن۔ بظاہر باسہٕ یہِ گیان مگر شکہٕ چھُ یہِ خاکس جمالیاتی بدھی یا پرتبی گیان۔

۶، جیوت اندریا۔ ذہنی یا نفسیاتی زندگی۔

۷، منس کاریہ۔ موضوعس پیٹھ ساُنٛز کام۔

یعنے شاعر چھُ مادی یا غار مادی چیزن ہندِ حساوک آگہی پیٹھے پنٕ سفر شروع کران تہٕ سمیوجنا یا خالص آنند یا جمالیاتی آگہی پراوان۔

کاشر شاریاتک بیاکھ سکول چھُ ارتھ (یعنی معنے) شبدکہ حدود متعین کرُن زانان۔ شبد چھُ اکھ خاص آواز یتھ اکھ خاص کیفیتھ پھیٚے تہٕ سانہٕ ذہنی حالژ سیٚتی معنے ورلاے تہٕ اکھ خاص رشتہ چھُ۔ یہِ چھُ باضابطہٕ اکھ رُہ منتریُس طلسمن ہندی بریلہٕ تراوان چھُ۔ امہٕ لفظچ موسیقی تہٕ لفظچ موسیقی سیٚتی بلتے انسلاکات (آشناوِ یہ) ہیکہِ نہٕ ایٚک معنے اَتہٕ تام مکمل تہٕ خالص پاٹھی واتہٕ نادِتھ۔ معنے چھُ اُکس شبدس محدود کران۔ اُمکی باڈو متعین کران تہٕ اَتھ باقے منسلک کیفیژ ونژہ الگ کڈتھ پربزناوان۔ معنی چھُن کنہٕ بلکھ تہٕ شبدک سوٗرے ہرتر و ہتر آوِتھ ہکان۔ معنے چھُ شبدس اکھ تیُتھ رنگ کران یتھ پنٕنز الگ آشناوی پھیٚے۔ لفظس تہٕ معنیس درمیان پھیٚے اکھ محدود مطابقت۔ خارجی دُنیس منز چھِ شبد

آوازن یا شکلن ہُند حوالہ اضافی۔

یِمن دوٚن تصورن پیٹھے چھِ ڈرِتھ شبد النکار تہٕ ارتھ النکار۔ شبد النکار چھِ معنی ہنبر پننِس موضوعس شکلاوان۔ شبد النکارن منز چھِ جسمانی تہٕ ذہنی لکھشن شامِل۔ ارتھ النکارن پیٹھ زور دِنہٕ وٲلی چھِ شاعری اکھ باضابطہٕ عمل تہٕ ڈراما زانان یم چھِ شاعری ہنز شوٗب یتھ کتھِ منز زانان زِ شار گرتھ ڈراما وۄتلاوُن۔ 'ارتھ النکار' چھِ یہ عمل تہٕ یہ ڈرامائی صوٗرتِ حال تریٚیُو طریقو وۄتلاوان۔

۱، کُنہ کیفیژ ہند بیٚیس کیفیژ یا صوٗرژ ستی موازنہ کرِتھ

۲، کُنہ کیفیژ ہنز پننی انفرادیتھ قایم کرِتھ۔

۳، تضاد وۄتلاوِتھ۔

شبدس چھُ پنُن اکھ الگ آسُن۔ بھامہ جی (۸۰۰ پیٹھ ۵۸۰ تام) یم چھِ پننہٕ لغوی تہٕ غار لغوی، روایتی تہٕ غار روایتی مانیو ورتاے تہٕ اکھ بدل رنگ، اکھ بدل تاثر، اکھ بدوٗن کیفیتھ تھاوان۔ یم ہیکن چھا پننہٕ اکھ خاص آوازِ ستی بیٚرن وٲلس پیٹھ غلبہٕ حاصل کرِتھ یعنی یِمن اندر یوسہٕ موٗسیقی چھےٚ سوٚ تہٕ چھےٚ اثر انگیز تہٕ معنے خیز۔ اودبھٹ (۷۵۰-۸۱۰ء) چھُ پننہٕ کاویہ النکار سار سنگرھا کتابہِ منز تقریباً اٹھہن النکارن وِشرھناوان۔ النکارن ہندی قسم بٔدِ کڑنہٕ موکھ چھُ اودبھٹ ۱۰۰۰ شالہ قایم کران۔

اکھ ڈرامائی عملہ باپتھ چھےٚ یہ کتھ پیٹھےٚ اہم زِ یہ بنہٕ شخصی اظہار بدلہٕ اکھ آفاقی اظہار۔ آفاقی اظہار ستی یوت بٔدِ اکھ منز بوزن وول تہٕ وچھن وول شامل۔ بوزن وٲلی ہنز یا وچھن وٲلی ہنز غار مشروط شموٗلیتھ چھےٚ امہٕ ڈرامائی کیفیژ ہنز ضامن۔

یتھ مضموٗنس منز کوٗرنہٕ مےٚ زانتھ مانتھ آنند وردھن سُند ذکر۔ تمہِ باپتھ چھُ الگ مضموٗن۔

# غزُلک جمالیات

پروفیسر شفیع شوق

زنانن سِتۍ کتھ کرنہٕ یا زنانن متعلق کتھ کرنہٕ چھا فن کُنہٕ نہ، تمیک زانُن ہے یمن اَتھ فنس سِتۍ دلچسپی چھےٚ، مگر غزل ووٚپدیوو تہٕ پرٛیتھوو اُتھ زمینس منز۔ یہ چھُ تمہٕ آمرانہٕ معاشیتک دیُت یُتھ منز جنس کیاہ پرێتھ کانہہ جبلت تہٕ تمیک اظہار ابلیسی کار زانہٕ اوس یوان تہٕ آمریتُک ہند نتیجہٕ دراو زِ انسانٕس منز گیہ تم سارێ بے راہ زوٚرہٕ پادٕ یم تہٕ انسانٕس ورأے بێیہ کُنہٕ زُو ذاتس منز نظر چھےٚ گژھان، مختلف جنسی بیمارن ہند جبلی اظہار، سادیت، مساکیت، نرگسیت بیترِ۔ یمنے بیمارن ہند فنکارانہٕ لسانی اظہار چھُ غزل۔ چنانچہٕ اَز تام تہٕ چھےٚ شعر یند یوان کرنہٕ یمن منز یمن بےٚ راہ زوٚرن ہند بے پھرکیک اظہار آسہٕ۔ (تم شعر چھو تو ہہ سارنے زبانی یاد، آ۔ حسب توفیق)۔

از عشق وحسن ما وتو با ہمدگر در گفتگو

خسرو بہ مجنوں یکطرف شیریں ولیلےٰ یکطرف

"زنانہٕ کھتن" ہند غلبہٕ چھُ مشرقی جمالیاتس منز پرێتھ فنس منز نظر گژھان۔ یہ غزل آسہِ تن یا ایرانی مصوری، ہندوستانی مجسمہ سازی یا ہندوستانی مصوری۔ مگر فرق چھےٚ یہ زِ ہندوستانس منز آو جنس زندگیہٕ ہند ووٚپراوی آگرُ مانتھ پیش کرنہٕ یێلہٕ زن مسلمانو اَتھ بد رجحان زانتھ پردٕ کوٚر مگر تخلیقی طور کوٚرکھ تمام جمالیاتی اظہارن منز بلا یم انداز پیش۔ غزل چھُ اَمی جنسی روشہٕ ہندٕ ورگہٕ اظہارہٕ زنگی بار کَس آمت۔

چنانچہ حافظ، غالب، میر بیتِر عظیم شاعرن ہندی بیشتر غزل تہٕ چھِ امی جنسی یا بسپ منز جمال پاد کران تہٕ اَچھِ باوژ ہندِ خاطرٕ چھِ مقررٕ تشبیہہ تہٕ استعارٕ ورتاوان تہٕ یم اسلوٗبی جزٕ بنے یہ باقی شاعرن ہندِ خاطرٕ تیار بہ تیار مسالہ ییمہٕ سٟتۍ تم بے شُمار غزل وَنان آیہ تہٕ از تہٕ چھِ وَنان۔ خاصے کانٛہہ شعر چھُ ہیکان امہٕ غلبہ تلہٕ نیرتھ۔ حُسن وعشقُک یہ داستان چھُ پھری پھری ورتاونہٕ یتۍ تبوٗت فرسوٗدٕ گومُت زِ از اگر یُتھ کانٛہہ شعر بٔیہ تہٕ لیکھنہٕ چھُ یوان، سُہ چھُ پرٛزٕ ڈی باسان تہٕ سوتہٕ بے اثر۔ اَچھن ہندی لُنہٕ ہندی دہانکی، رخسارن ہندی تہٕ کمرکی تِمے تعریف تہٕ عاشقہٕ ہندِ سوخۍتہٕ گرٛزھنکی، لولہٕ نارٕ سۆر گرٛزھنکی، پھٕیرِن ہیوٗ ہٕرتھ یینکی تہٕ دوہ راتھ اضطرابس منز آنکی تِمے فریاد چھِ وونی اَزی کِس زمانس منز پرٛزی فاتر اَزی باسان۔ ییٚتھ ییلِہ پانہٕ شاعر کھوٗتِن پوٗنس یتھ ییٚن سورُے زِوٗ زیتہٕ داوس لاٗگتھ آیہ۔ امہٕ قسمکی اَزکی غزل چھِ وونی ووستہٕ کاری ہندی ژھل باسان۔

اَتھ نٟسواں زِدگی یتۍ آیہ عربہٕ تہٕ عجمہٕ ییٚتھ امہٕ خاطرٕ موزوٗن روایتی شبیہہ تہٕ علامژ تہٕ مثلاً ساقی، مے، شراب، پیالہٕ، خم، گوٗلاب، بُلبل، چمن، شمع، پروانہٕ ناو، طوٗفان، دشت، آشیان، وُزمل، شبنم، سمندر، قطرٕ — زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اکھ ہتھ لفظ یمن منز تِم تلمیحی لفظ تہٕ چھِ یم مختلف داستانو منز آمتۍ چھِ مثلاً موسیٰؑ، طور، خضرؑ، سکندر، آبِ حیات، منصوٗر، یوٗسفؑ، زلیخا، شیرین فرہاد، لاٗل مجنوٗن۔ غزل گو آیہ از تام یِمنے ہتھ شتھ لفظن مختلف زمانن منز مختلف معنی دِتھ ورتاوان، زنتہٕ زبانی ہندی باقے لفظ کانٛہہ مطلبے اَسی نہٕ تھاوان۔ یہ چھُ دراصل روایت پسندی ہُند اظہار یُس انفرادی تجربس اہمیتھ نہ دِتھ اسلوٗبی وَلَن اہمیتھ چھُ دِوان۔ یمن کرٛژن تام لفظن ہندس لیلہٕ ورتاوس منز چھُ خاصے کانٛہہ شعر تیتھ نیران یتھ شاعرِ یہ منز کانٛہہ پوٗشِرون مقام چھُ۔ اکھ کروڑ لیعنی ہتھ لچھ غزلن منز چھا یمن شعرن ہُند تعداد پانژو ہتو شتو علاوٕ؟ تمن کیہنہ ہتھ شعرن منز تہٕ

چھِ بیشتر حافظ، میر تہٕ غالبن ڈٕنی بتہٕ۔ باقے شاعر رُودی وُکھنے کران۔ یہ چھُ یزٕر زٕ کلاسیکی دورس منز ہیکہِ ہے نہٕ یمو لفظو ورأے کینٛہہ بنِتھ:

ہر چند ہو مشاہدۂ حق کی گفتگو
بنتی نہیں ہے بادہ و ساغر کہے بغیر (غالب)

اسلوبی تہٕ موضوعی تنگ دامنی ہُند احساس سپُد گوڈنیتھے غالبس۔ یمی غزل "گنجینۂ معنی طلسم" بنوو تہٕ زندگیہِ ہندی میٹھی تہٕ ٹیٹھی تجربہٕ، رطب تہٕ یابس، المیہ تہٕ طربیہ، غرض حقیقژ ہُند پرتھ کانہہ پزٕر (یا نہٕ ژیوٚنمُت پزٕر) غزلُک موضوع بنوو۔ حالانکہ 'بادہ و ساغر" ہوی اشارٕ ہیوکہٕ نہٕ تہٕ دوٗر تھوٚوتھ۔ نقادو منز اوس مولانا حالی غزلہِ کِس حلقہٕ بند مزازس خلاف اعتراض کرٕن وول گوڈنیُک نقاد تہٕ اقبال تہٕ تمِس پتہٕ ترقی پسندو دِتی روایتی لفظن سیاسی معنی، حالانکہ سرور تہٕ گدازٕ کہ اثرٕ منز نیرِتھ اگر یمن تشبیہی لفظن سنٛو یہ سأری شاعری بارٕ ماک سیرٕ پی یا داہیاتھ شاعری تہٕ از ییلہِ نہٕ تمن سیاسی مفروضاتن بیٛٹھ پرٛٹھے روٗزٕ یہ سأری شاعری پھٕے وونی آثارِ قدیمُک اہمیت تھاوان۔

یرٛتھ غزلیہ شاعری ہُند سورُے کرشمہٕ چھُ امہِ کِس تغزلس منز۔ امہِ کِس سوزوگدازس منز۔ انفرادی تجربہٕ چھُنہٕ کُنی۔ مثالہٕ اگر دِنہٕ ییٛمو ترقی پسند دورس منز لیکھنہٕ آمژٕ سأری غزل چھِ بروٚنٛہہ کنہٕ۔ شاعر چھُنہٕ کانہہ آٹومیٹن یُس خام مالس رسایکلنگ کرنہٕ خاطرٕ چھُ۔ یتھین غزلن ہندِ ژھرٕ رُک باس چھُ تمہٕ ساتہٕ لگان ییلہِ اکھ بییہِ کُنہٕ زبانی منز ترجمہٕ کرو۔ تیٛمہ ڈُنو ضروٗر زٕ "شاعری چھے تی یہ ترجمس منز ضایہٕ چھےٚ گژھان۔" مقولہٕ چھُ سیٹھاہ دلچسپ مگر تجربس پیٹھ قایم سأری شاعری چھے ترجمہٕ ہیکان سپدِتھ۔ یونانی شاہکار، انگریزی شاہکار تہٕ فارسی شاہکار چھِ ٹھیکھ پاٹھی

ترجمہ ہیکان پیٚدِتھ ۔ آزماوِو تُہ ترجیح یہِ کھوٚٹ غالب ہُوس عظیم شاعر ہندِس کُنہِ مقبوٗل
شعرس پیٹھ ۔

دلِ ناداں تجھے ہوا کیا ہے
آخر اس درد کی دوا کیا ہے

ترجمہ نیر غلام نبی ناظر ۔ " دلہٕ دُنتم یہِ ژٕرے گوٚمُت کیاہ چھُے / دود کیا چھُے اُتھ دوا کیاہ چھُے ۔"
یی آسِنس کوٚرمُت ، مےٚ چھُنہٕ یاد ۔ یہِ چھُنہٕ مےٚ تعقصیر یا ہِنس ناظر صابس یا پانہٕ غالب
صابس ۔ یہِ چھُ خطا غزلس ۔ اُمِچہِ پابند ہیٚتِھ ۔

یٖلہِ کانہہ ادبی صنف پابند آسہِ کُنہِ محض اکھ ہُنر چھُے بنان ، یہِ چھےٚ اکھ
ماہِر آرٹ بنان ۔ ادبِ اعلیٰہس تہٕ ہُنری فنن ہنز فرق چھےٚ یی زِ ہُتھ منز چھےٚ
تخلیقکاری ، ہنز بے پناہ گُنجائش یٖلہِ زِن یتھ منز خوٗبصوٗرت نقاش نگاری اُستھ تہٕ
اِمکان گتھ ہرِتھ چھِ ۔ آخر شاعرِ تہٕ خَتم بندی ہندِس فنس گرٕژھ کانہہ فرق آسِن ۔ شاعرِ
ہندِ خاطرِ چھِ زبانٕ ہندی ساری یعنی لاتعداد لفظ تہٕ زندگیہِ ہندی لاتعداد احساس تہٕ تجربہٕ ،
ہتِکیاز ساٗرِنس بدلوٚنس اوٚند مکھیس تہٕ ساٗرِنس اعصابی نظامس درمیان چھُ جبن ہندو پانٕژو
دروازو کُنہِ ہمیشہ نہ سورُون یُن گرٕژھن جاری تہٕ لفظ چھِ اُمی مطابق بدلان روزان تہٕ
نوان ۔ مگر ختم بندی کاژاہ تہٕ خوبصورت آسِتن ، ڈیزائِن چھِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اکھ ہتھ
تہٕ اکھ ۔ دہ وازِ دہ گرد ، شش گُل ، شش گُل بادامی ، ہشت گُل پنجک ، دِہ تیز ، ہشت
کان ڈابری ، چنگس خانی بیتر ۔ یِم النکار کاتیاہ تہٕ سُندبانی آسِتن مگر ژِکہِ چھِ سٹیریوٹایپڈ
وو ہتہ ہے رُت ییوٚو دوہن منز ہکو یہِ کار یٖنچھتھ تہٕ کرِتھ تہٕ ۔ اَدٕ اکھ ہتی لوے
نوے آسِتن یا ہتہ آسِتن ۔ کیتِ غزل گو شاعر تہٕ چھِ یتھے پاٹھی واٗلنہِ ہند بیشتر حصہ
بیٚیہِ کُنہِ کارس ہتی گنڈ اُرِتھ غزلس کُن پھیران ۔ ہتِکیاز دِپان اتھ منز چھُ جان فیوچر

تہٕ ووٚستس لیٚنشہ گژھتھ کأنی کأنی جورٕنی چھہِ ہیٚچھان تہٕ داد حاصل کران تہٕ پیٚتھ بیٚیہٕ سانہٕ دۄر درشنکی واین وألی، پاپ میوزِک نقل کرن وألی تہٕ میلنس۔ امہِ کھوتہٕ کیاہ گژھِ حاصل کرٕنی۔ چھُ کیا اتھ کاربارس تہٕ زمینداری منز!

مایٚز آرٹس یم تہٕ چھہِ، تھٔدی فدوی چھہِ ساری کُس نہٕ یٚیٚتھہِ پتھس گرس منز۔ ختم بند تالو، نقشہ وألی بانہٕ تہٕ ڈۄنی ہیچہِ پلنگ۔ مگر غزل گژھہِ شاعری آسُن یمکی فدوی تمے ہیکن اُستھ یم سخن سنج تہٕ سخن فہم آسن۔ مگر غزلس آیہٕ بیاکھ تپألی سائس دورس منز۔ بیٚیہِ فایو سٹار ہوسٹلس منز ہورکُن جگجیت سنگھ یا غلام علی نتہٕ کانہہ اُلِ ہش چھو پر گیوان غزل گأیکی کران آیہِ تہٕ یورکُن آسن لٔس رزاقہٕ سیندِ یژھہٕ آسن وألی اُتہٕ مُتی "مست مست"۔ غزل کیسیٹ گرس منز تھأونی تہٕ بیٚنو ووٚنی تیٚتھے رسم یُتھ نقش دار طش تار مُلی ہیتھ یہ ونُن زِ یہ چھُ آیہٕ خاندأنی میراث۔ یمن کیسٹن منز چھہِ تمے ہُتھ شتھ غزل یمن منز پےٚ ہتھ شتھ لفظ ورتاونہٕ آمتی چھہِ۔ یمن شاعر بازو برونٹھے سرکأری محفلن منز داد چھہِ آسان لبنی متی۔

تہٕ اسہٕ ونان زِ غزلس خلاف میون یہ ہزل نامہٕ گژھہِ نابند تہٕ مے چھُنا غزلکس حمایتس منز اکھ لفظ تہٕ وُنُن۔ آخر بے پانہٕ تہٕ غزل ونُنک جور ہتھ کران چھُس۔ آ۔ بہٕ چھُس غزلُک زبردست طرفدار، بشرطیکہ

۱۔ غزل روزِ نہٕ عروضہ ورأے بیٚیہ کُنہٕ تہٕ ہیتی بُندشہ مُند محتاج۔ عروض چھُ ناگزیر تکیاز نتہٕ گژھہِ یطرس بخاری سُند سائیکلچ بأتھ یتھ گنٹی ورأے پرتھ کانہہ تان بجان چھُ۔ مگر عروضی نوبر یادٕ کرُن تہٕ گژھہِ نہٕ غزلُک موٗلہٕ مُدا روزُن۔

۲۔ قأفیہ چھُ اکھ اضافی جُز، مگر غزل گژھہِ نہٕ محض خوبصورت یا دلچسپ قأفیہ ورتاونک غرضہ لیکھنہٕ ینُن۔ خوبصورت یا دلچسپ قأفیہ دالہن غزلن منز ہیکہِ صرف اکھ شعر رُت آستھ تکیاز تمہ شعرس منز چھے موضوع تکمیل سپدان، باقے چھہِ ملی پانسِ ہ، ستہ یا نو شعر بناونکہِ غرضہ لیوان تہٕ پیٚتھ بیٚیہِ طویل غزل آیہٕ سُہ چھُ محض

منظوم کلام بنان ۔

۳، غزل گژھہِ پرتھ مصرٕ پنٕنہِ جایہِ اکھ منفرد وجود آسنہٕ تھ ورتاوُن ۔ نہٕ چھ میر نہٕ کُنہہ شاعر مصرعن اَڈٕ تام یہِ عتٕ مُرتھ تھاوان ۔ اکھ مصرٕ گژھہِ دوٕیمہِ مصرٕچ توضیح بنُن ۔ تہٕ یہِ فن چھُ سیٹھاہ مشکل ۔ غالبس تام چھُ بعضے شعرن منز اکھ مصرعہٕ دوٕیمہِ مصرٕچ توضیح بنان ۔ مثلاً یہِ مصرعہ     در و دیوار سے ٹپکے ہے بیاباں ہونا

چھُ عظیم شاعری ۔ مگر اَمیُک گوڈنیُک مصرعہ     گریہ چاہے ہے خرابی مرے کاشانے کی

چھُ فضول تشریح ۔

۴، غزلُک اکھ شعر گژھہِ نظمہِ ہُند اجمال آسُن تھاوان تہٕ اجمال تہٕ ارتکاز گژھہِ افسانٕچ کیفیت پاَدٕ کرُن ۔ یٔلی اُکس فنی صنفہِ منز بیٚیہِ کُنہِ صنفہِ ہنز ہِش کیفیت پاَدٕ سپدان چھےٚ تیٚلی چھُ شاہکار تخلیق سپدان ۔ مثلاً خوبصورت بُتس منز بیٚکہِ "منجمد موسیقی" یا ٹھوس شاعری آسِتھ تہٕ شاعری منز یٚلہِ مُرتٕ پاَدٕ گژھن تیٚلی چھُ شاہکار شعر بنان ۔ یہِ چھُ جمالیاتُک اہم ترین اصوٗل ۔ یتھ شعرس منز حکایت ، یا داستان آسہِ تتھ منز گژھہِ اکھ مرکزی کردار تہٕ وٕتلُن یُس پننہٕ زمانی تہٕ مکانی شناخت آسہِ ۔ مثلاً

نفسِ قیس کہ ہے چشم و چراغِ صحرا

گر نہیں شمعِ سیہ خانۂ لیلیٰ نہ سہی     ( غالب )

تا دلِ بدبیا دادہ ام در کشمکش افتادہ ام

اندوہ فرصت یکطرف ذوقِ تماشا یکطرف     ( غالب )

۵، پُر قوت قافیہ والین غزلن منز گژھہِ شعرن درمیان موضوٗعی رشتہ آسُن یُس معیاری ودہ تھ واشہِ کنہٕ اکھ فضا ہیٚکہِ بناَوِتھ ۔ یتھین مسلسل غزلن ہیکو نہٕ نظم وٕنِتھ کیازِ غزلٕچ خارجی ہیت آسنس برٕ برٕ چھُ پرتھ کانہہ شعر پننہٕ الگ انفرادی اہمیت تھوان ۔

چوں عکسِ پُل بہ سیل بذوقِ بلا بہ رقص
جارا نگاہ دار ہم از خود جدا بہ رقص

درعشق انبساط بہ پایا نہ می رسی
چوں گرد باد خاک شو و در ہوا بہ رقص

فرسودہ رسم ہائے عزیزاں فرو گُذار
در سورِ نوحہ خوان بہ بزمِ اذا بہ رقص

از سوختن اُلم زِ شگفتن طرب مہ جوے
بے ہودہ درکنارِ سموم و صبا بہ رقص

۶۔ اگر نہ شبیہس منز ڈراماای کیفیت آسہ، تیلہ گرژھہِ یہ پننہ سکوپہ کنہ تحیتر یاد کرُن۔

(نے سبحہ سے علاقہ نہ ساغر سے واسطہ
میں معرضِ مثال میں دستِ بریدہ ہوں (غالب)

بسکہ ہاموں از تب و تابم سراسر آتشست
بر ہوا چوں دود لرزند سایہ در صحرا من (غالب)

۷۔ باقی شعر صنفن ہندی پاٹھی چھ غزلہ باپتھ یہ فکر ہند ضرورت۔ مگر فکر گرژھہِ جساوی شبیہن ہنز صورت اختیار کرتھ پوت منظرس منز روزنی۔ یہ چھے فکرے لیہ پہ حقیقتس استہفامی نظرِ ڈچھناوان پہ چھے یہ ایک رسمی یہ سطحی ادراک ترک کرنس پیٹھ مجبور پہ چھے کران۔ ورنہ چھ دُنیا محض اکھ دوربہ جوشاہ یا نیندرِ زولاہ۔

۸۔ غزل گرژھہِ جاگیر دارانہ دوبہ کہ فجرا یہ کتھکہ چہ محفل آرا یہ ہنز مصلحت ترادتھ وقتہ وقتہ بدلوونین ذہنی رجحانتن یہ انسانی تجربن مینز میتر پننہ لفظت بدلاوُن۔

یہ لفظت اگر نہ تجربس تابع روزِ لفظ چھِ محض عامیانہ اشارن ہنز اہمیت رٹان ۔ غزلہٕ خاطرٕ
چھِنہٕ شاعرانہ تہٕ غار شاعرانہٕ لفظت کانہہ معنی تھوان ۔ سوال چھُ صرف موزونیتُک ہُند،
تجربہٕ چھِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ باوژ ہُند ۔

یِم اَکھ شرط چھِ اَوکنہِ غزلہٕ خاطرٕ لازمی بنان، تکیازِ غزلس چھےٚ اکھ داخلی کوتاہی
یِمہ کنہِ یہ باوژ ہُند بہترین ذریعہ چھُنہٕ ۔ یہ کوتاہی چھےٚ یہ زِ ایٚکھ اکھ شعر چھُ اکثر
بذاتِ اکِہ انفرادی تجربُک ماحصل پیش کران نہ زِ مجموعس ۔ چونکہ انفرادی تجربس رٚ کوتاہ
تہٕ مختصر تہٕ لمحاتی تہٕ آسن چھُ لازمن زمانہٕ مکانہٕ اعتبارٕ اکھ ساخت تہٕ تھوان تہٕ بافت
تہٕ ۔ نظم (یعنی مختصر نظم) چھےٚ اَتھ مجموعس درجہ بدرجہ دریافت کٕرتھ پیش کران تہٕ
ایٚک بافت چھُ چھاوی شبیہو ستۍ بنان ۔ مگر غزلہٕ کِس شعرس لیُس ناگزیر اختصار اکھ
گون چھُ سے چھِ اتھ محدود بناوان ۔ مثلاً غالبُن مقبولِ عام شعر "دلِ نادان تجھے ہوا کیا ہے
آخر اس درد کی دوا کیا ہے" چھِ اَکِس لولہٕ منتی ہنزِ خستہٕ حالی ہُند ماحصل ۔ رُت شعر چھُ، اُچھن
پیٹھ ۔ مگر لولہٕ منتی بہتر ۔ اُتھی خستہٕ حالی پیٹھ چھےٚ جان کیٹس ہنز تہٕ مقبولِ عام نظم
LA BELLE DAME SANS MERCY یہ چھےٚ لولس متعلق نیم بلوغی رومانی تصورچ باوتھ
اُتھ تہٕ عالمی سطحچ اکھ شاہکار نظم ۔ فرق چھےٚ یہ زِ غالبُن شعر چھُ خوبصورت کلام محض اکھ
رُت شعر، عالمی شاہکار نہٕ کیہنہ تکیازِ عاشقہٕ سندِ خستہٕ حالی سندِ تجربکۍ مختلف درجہ چھِنہٕ اَتھ
منز ۔ ییلہ زن کیٹس نِہ نظمہِ منز امہٕ تجربُک سورُے ڈراما اَکِس مرکزی کردارس اَندی اَندی پیش
کرنہٕ چھُ آمُت ۔ نظم (بشرطیکہ فنکارانہٕ اندازٕ لیکھنہٕ آسہٕ آمٕژ) چھےٚ صنفی پابندیو ورٲے
تجربس سر تہٕ لوت پیش کرنس منز تفصیلن کام ہیوان، مگر تمن تفصیلن یمہٕ ناگزیر آسن ۔
یِم تفصیل پیش کرٕنۍ چھِنہٕ غزلہٕ کِس شعرس منز ممکن ۔ البتہٕ ہیٚکہِ غزلہٕ کِن شعرن منز یمن
مختصر شبیہی نظمن ہُند انداز یادٕ پیدٕ تھ ہن منز ۔ صرف اکھ شبیہ پیٚنۍ تیہنہٕ تہٕ جذبُک شدتھ

ہیتھ ووتلاوِنہٕ آسہٕ آمژٕ یُتھ محض اکھ خاموش مگر تحیُّر یا شدید احساس پأدٕ کرن واجیٚنۍ تصویر لفظن منز. ووتلِ تہٕ شاعر آسہٕ نہٕ اَتھ تشریح کران۔ مثلاً:

میر جنگل پڑے ہیں آج یہاں
لوگ کیا کیا یہیں کل تھے بستے (میر)

اگر چہٕ اُزیُک غزل نظمہِ مقابل کشادگی پأدٕ ہیٚکہِ کرِتھ مے چھُ اَمیُک مستقبل خطرس منز باسان۔ آ، وکھنیاہ روزِ بنیہٕ تہٕ کینژن وٕرین پتہٕ یکیازِ اکھ بیبھ چھُ گںون والین ہند پیشہٕ دُرِتھ۔ مگر غزل گںونُک شوق تہٕ ہیوٚتُن جاذ پہٕ رٹیٚس مقابلہٕ لپسپا پدُن۔ بہٕ چھُس پہٕ سوٗرے غزلچہِ طرفدأری منز ونان

# کأشرِ شاعری منز محبوب سُند تصوُر

ڈاکٹر شاد رمضان

لل دید پیٹھ از تام چہ کأشرِ شاعری ہُند نُمایاں اظہار چھُ اکھ لولہٕ اظہارس اتھ مشرقی جمالیاتس نکھ اُنِتھ ساٲنِس احساسِ جمالس تسکین بخشان چھُ۔ یہِ اظہار چھُ ماورأیی تجربن تہٕ مشاہدن زیو دِنہٕ واجنہٕ قدیم سری شاعر لل دید ہنزِ شاعری منز تہٕ نوٚن تہٕ انسانی مسلن باوتھ دِنہٕ وألس جدید شاعر رحمان راہی ہنزِ شاعری منز تہٕ ٹاکارہٕ شاید اوٚکنی تہٕ زِ انسان کوتاہ تہٕ جدید خیالک آسِتن، تہٕ ہیکہِ نہٕ ہرگزتہٕ پننین قدیم رِوایژن نِشہٕ موٚے دامن بچاوِتھ۔ یُتھ چھُ یی زِ سون شارہٕ سرمایہٕ چھُ مشرقی ادبک اکھ اژھن انگ یمہِ کنی کأشرِ شاعری مولانکو نہٕ وِزِ مغربی تنقیدی معیارن ستی مشرقی تنقیدی پیمانن ہُند خاص خیال تھوٚن پزِ، نتہٕ نہٕ ہیکہِ کأشرس منز تنقید پزِ نہٕ پاٹھی بچاوِنچہِ لِتھ تہٕ نہٕ ہیکہِ کأشرِ شاعری ہُند ادبی معیار مشخص کرنس منز پوٗرِ پوٗرِ انصاف سپدِتھ۔ شاید چھُ یوٗہے وجہ زِ کینہہ کأشری نقاد چھِنہٕ شیخ العالمؒ سنزِ شاعرانہٕ حیثیت تسلیم کرنس تیار تکیازِ تہند کنی چھُ شیخ العالمؒ پننس روٗحانی فلسفس منظوٗم فارمس منز باوتھ دِتھ محض اُکس عظیم واعظ سُند درجہ پراوان۔ بلکہ چھِ یتھی ہوی جلد باز نقاد پننِ مزاجہٕ معیارن مُتراوِتھ کأشرِ صوٗفی شاعری یہِ تہٕ چھرا بیان بازی ہُند ناو دِتھ مغربی معیارن ہنزِ چھینیہٕ دِتھ اکھ

غارفطری تنقیدی نہج قایم کرنٕچ کوشش کران، تہٕ کیا ژُنی زِ شیخ العالم" ہندبن یتھین اعلیٰ شارٕ تجربن۔

یہ ژُون وۄتھُس پچھر ژُنی ناوے
آدلُن ڈُلسپہ کہٕ لگہٕ بٹھیے

•

گنبر پرٕکٹ کران چھم کاو
تیرٕ چھنم انبر باوٕ کُس

•

ژُنی یہہٕکس ٹتِس مُتِس نارس
ڈیشتھ انارس کرٕم گنتھ
شیطانٕ لُش لاجم بیٕترٕ بارس
مےٚ راد ژٕرس نارس وٕتھ

موضوعی اعتبارٕ چھُ بیشتر کاشُرٕ شاعری (خاص کرٕتھ غنایی شاعری منٛز) منٛز لول اکھ غالب رُجحانٕ زنٛگی وۄتلان یتھ زٕ ویٚدی اظہار چھُ۔ اکھ گوو بالافطری لول تہٕ بیاکھ زمینی لول۔ یوٚدوے بالافطری لولس منٛز عاشق زمینی آسنہٕ کِنہ مجازی لولُک گمانہٕ سپدتھ ہیکہٕ اما پوز یہ چھنہٕ کانٛہہ مخصوص فردٕ سُند لول بلکہٕ چھےٚ اتھ منٛز انفرادیتھ بدلہٕ اجتماعیتھ۔ اَمیک ہجر چھُنہٕ فردٕ سُند ہجر بلکہ جُزُک تہٕ کُلُک ہجر و وصل۔ اتھ صورتِ حالس منٛز چھُ فرد سوٚدرٕ لنٛشہٕ ژھینہٕ گومُت قطرس ینٛہس اصلس سیتیٚ وصل سپدُن یمن کُن تہٕ کیول مدعا تہٕ مقصد چھُ۔ یہ چھُ عاشقس تہٕ معشوقس درمیان ہجرُک کرب تہٕ وصلُک تجسس ییمُک انتہیٰ اند دوگنیار ڈٕزتھ کنرٕچ صدائے بازگشت چھےٚ۔

پوّت زوٗنہٕ وٕتھِتھ موٗت بوٚلہٕ نوٗوُم
دگ لٔلہٕ ناَدِم دٕیہِ پھنز پرٕ تیٚے
نٔلی نٔلی کران لالہٕ دُز نوٗوُم
میلتھ تسَ مَن شرٕ ژیوم دٕہے

•

آمہِ پنہٕ سۄدرس ناوِ چھس لمَان
کتہٕ بوزِ دَے میون مٔے تہٕ دِیہِ تار
آمِن ٹاکِن پونی زَن شمان
زُو چھُم برٕمان گرٕ گژھ ہا

للہ دید

•

کُنزے بوزکھ کُنہٕ نو روزکھ
اُمی کُنہٕرٕ کوتاہ دیُت جلاو
عقل تہٕ فِکر توٚر گوٚت سوزکھ
کمی مالہٕ چیتھ ہیوٚک سُہ ڈری یاو

•

لاَ الٰہ الاَّ اللہ صحی کوٚرُم
وحی کوٚرُم پنُن پان
وجوٗد ترٲوِتھ موجوٗد میوٗلُم
ہرمہٕ کھ دُچھم پنُن پان

شیخ العالمؒ

صوٗفی عقید موجوٗب چھےٚ کاینات خُدائے بندِ نوٗرُک ظہور یا وٗنوٗ خُدائے چھُ زمینَن تہٕ آسمانَن ہُند نوٗر (اللّٰہُ نوٗرُ السّمٰوٰتِ وَالاَرضِ) تہٕ امی ابدی نوٗرُک اژھین حصہٕ چھُ آدم۔ یوٚہے ابدی نوٗر یعنے خُدائے چھُ مجبوٗب تہٕ امیُک ظہور یعنے آدم اوٚہند عاشق۔ کینژن لوٗکن ہُند چھُ یہِ اعتراض زِ کاشر صوٗفی شاعری منز چھُ ژھن جایَن عاشق زنانہٕ لہجِ، آہنگ خدوخال تہٕ باوتھ پراوِتھ زمینی بنان یمہِ کِنہٕ امہِ قسمچہِ شاعری منز جنسی تصوٗر وۄتلان چھُ اَمالوٚز بزر چھُ یہِ زِ اَندوندچہِ صوٗفی شاعری منز چھُ عاشق زنانہٕ بنِتھ پننِس حقیقی معشوٗقس ناد لایان تہٕ لول ارپن کران بلکہ چھُ معرفتچہِ باوژ ہُند اظہار تہٕ جنسی اہنارنے منز بیدان روٗدمُت تہٕ یوٚہے اظہار چھُ امیُک حُسن ژھیناوِتھ اَتھ معنی آفرینی بخشان۔ یہِ چھُنہٕ فردِ سُند عشق زِ کانہہ یاون مرژ ہُند عشقہٕ دود کرِ ہوس ناو بلکہ جُزس کُلہٕ نش ژھینہٕ گژھنُک دود تہٕ یوٚہے دود چھُ صوٗفی شاعری منز ورتاونہٕ آمُت لول یُمیُک چھیکرس اند دوٚن ژھینہٕ گامتین وجوٗدن ہُند یعنے جُزُک تہٕ کُلُک وصل چھُ۔

یہِ دود ژَن مادَن تےٚ
چھم گژھان براںٔز نادَن
مے دِن چھیرِ لیوجایہٕ قصدن تے
ملہٕ بابن سادَن

"شش رنگ" رحمان ڈار

•

قدرتہٕ پننے ظہور ہووُنم ڈلوٗٹھمس نوٗر پرِزلان
وصلکو جامہٕ چھیس پیرِتھ پانس میلتھ چھُم ہَنہٕ ہَنے

"تقدیر آم نوٗونے" رحمان ڈار

حبہٕ ستی جبیٖن پھوکھ لوے حباب
پھوکہٕ ستی بیٚیہٕ میوٗل آبس ستی
موٗد کیا تہٕ روٗد کیا باقے حساب
رنہٕ چھکھ زنہٕ کتھ آبس ستی

محمود گامی

اَتھ صوٗرتِ حالس منز چھُ ہجر و وصلُک عالم اکھ انتہائی کرلوٗٹھ عمل بنیاد عاشق چھُ زمینی تہٕ معشوق بالافطرتی معشوق چھُ وانسہٕ وادن فقط اُکس احساسس لول بران تہٕ تِسند جلوٕ گاران یُس بظاہر کانہہ وجوٗد یا ٹھوس کاے چھنہٕ۔ سُہ چھُ خابن تہٕ خیالن منز تس پتہٕ اَنگ اَنگ نچھاور کران تہٕ پتہٕ پرتھ امار تہٕ احساس آیتہٕ بھاوان۔ امانوٚز یہ سورُے عمل چھُ اکھ تیُتھ چھوچھ کتر کرُون احساس یتھ صوٗفی شاعرو آدم سند لاٗتی نیاے ناو دیُت یُس تس پننہٕ ازل کالہٕ پیٹھے پتٔران ووت تہٕ پننس اُتمی کالس تام چھُس یوہے نیاے پتٔرُن یُس اُندی اُندی تہٕ اُندنے روٗد تہٕ روزِ تہٕ توے چھُ عاشق پننس آدن باجس (معشوقس) لِنہٕ اُتھی سوالس جواب ژھانڈان۔

کرسا میون نیاے اُندے
مارِ منْدے مدن دارو — محمود گامی

فرد سُند نیاے ہے آسہے تہٕ اُندن پاے اوسُس مگر یہ چھُ کائنات کہٕ ذرہ ذرُک اجتماعی لاٗتی نیاے یُس پرتھ ہُشیار دِل اِنسانس سوال بنتھ یُتھ ہیوٗ بے سوکھ صوٗرتحال دیدمان انان چھُ۔

نقش فریادی ہے کس کی شوخیٔ تحریر کا
کاغذی ہے پیرہن ہر پیکرِ تصویر کا — غالب

اما پوٗز یہ ماچھ سوالک کانہہ جواب زِ معاملہٕ ووت اتھ ڈیا عاشقہ ہندِس تتھ احساسس یتھ سۭ حقیقی تہٕ ابدی پزر زانہٕ لول برِان تہٕ پننٕ تن من نچھاور کران چھ، ماچھ کانہہ ٹھوس کاے میلان زِ یتھ ہیوٗ احساس ووتلنہٕ۔

کبھی اے حقیقت منتظر نظر آ لباسِ مجاز میں

کہ ہزاروں سجدے تڑپ رہے ہیں میری جبینِ نیاز میں — علامہ اقبالؒ

کانہہ تہٕ مجازی لباس نہ آسن ووٗلِس اُمِس محبوٗبس چھ توے عاشق بظاہر کانہہ ٹھوس وجوٗد بخشنہٕ باپتھ پننِس نظرن ہندی جامہٕ وُلان، تشبیہہ گران تہٕ انسانی کاے بخشتھ رنگہٕ رنگہٕ ہنگہٕ طومار جران۔ اُمہٕ اعتبارٕ چھ یہ زِ نبد زوٗ محبوٗب بنتھ عاشقس لوٗلہ دگ، جُدائی ہنٛد کرب تہٕ وصلک میچھر موحسوٗس کرناوان۔ توے چھ عاشق انتظارس منز تہندِ امارٕ باضے آستانٕ دشہٕ گنڈان تہٕ باضے برانہ کنٛن پان چھاوان۔ کُنہ گژھِ کُھٹِن پوشہٕ وتھرُن کرِتھ اچھ دارِ ہندی پاٹھی پان یارٕ اوتھ تس لرِ پان ساونکی سنز کران تہٕ کُنہٕ شرہ ڈی دار روہٕ نہٕ گوڈ پیرِتھ تس عار انکی زار ونان۔

گژھِ کُنھ بے تھاوِے دُتھرٕ اوتھ

لچھِ ناو یو کرٕ ے انتظار

اچھِ دار زن روزٕ ے یارٕ اوتھ

مہٕ ناوِتھ انتٕ نگار — محموٗد گامی

•

مدنو قدمن سر دِمہٕ یو

وِدِہنا زوٗ زیرِ در دِمہٕ یو

نشہٕ ہتہٕ یارو بہتہٕ رنگہٕ ناوے

انِشہٕ کُے بہٕ سمندر دِمہٕ یو — واز محموٗد

اَے سرو نازَن خوٗبصوٗرتَن  وَنہٕ کس پھنٛدٕ دل ہیتھ ژوٗلے
توٚہہٕ ماڈیوٗڈوون مانز ژھیٛن اتھَن  کتھَن کمہٕ سوٚنہٕ روٗٹُم یار

رحمان ڈار

ژٕرے ژھکھ یٛزمن چون مہرازو  ژاکھو لالہٕ ہیٚندٕ دروازو
لال چھے پیرتھ سورمہٕ تہٕ سازو  آکھو شہرے شیرازو

احمدی ڈار

رنگہٕ روٗن دژاو رنگہٕ بوٚنہٕ ٹمٕلیے  سنگدل کوتاہ ژھس نہٕ یاژناے
ہاوِناد یدار ہیٚیم نا ٹلیے  ٹلیے کریے لوٚلہٕ متہٕ لاے

شمس فقیر

کاشر شاعری منز چھُ محبوٗب سُند بیاکھ اکھ ولیوٚد اظہار تہٕ اُمس محبوٗبس سیتی ورتاونہٕ ییٚنہٕ وول لول چھُ عشق رسولؐ ونِتھ زانہٕ یا پرکھاونہٕ یِوان۔ ییٚنہٕ عاشق پننِس ٹاٹھِس پیغمبر حضرت محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وسلمن پنُن محبوٗب بناوِتھ پننہٕ لولک نذرانہٕ سوزان چھُ۔ یہ محبوٗب تہٕ اُمس سیتی ورتاونہٕ ییٚنہٕ وول لول ییٚنہٕ مُقدس چھُ تیٚتہٕ چھُ نوزُک تہٕ تکیازِ یہ چھُ سُہ عظیم مرتبہٕ وول محبوٗب یُس پانہٕ پروردگارن پنُن محبوٗب بناوِتھ حٰمٓ، یٰسٓ، طٰہٰ مُزمّل تہٕ مُدثّر ہوی القاب دِتھ نادلایان چھُ۔ انسان سُند ہتُے کیا چھُ زِ یتھِس عظیم مرتبہٕ والِس محبوٗب سُند عاشق بنِتھ کرِ اہندِس شانس منز کینہہ وَننُک جور رتھ۔ ووٚن گوٚو لوٚلس کیا کرِ زِ، لول گوٚو بُجہٕ ہُند ہیتھ کون ہیتھ حضرت یوسفؑ ہلیٚ ییٚنہٕ نیرن۔ کاشرِ شاعرو چھُ پنٛنہٕ پنٛنہٕ مقدوٗرہٕ مطابق اُمس عظمت والِس پیغمبرس پنُن محبوٗب ونِتھ لوٚلکۍ نذرانہٕ سوزِ متی ییٚمیک دُسلابہٕ شیخ العالمؒ کران چھُ۔

پاری پاری لگہٕ ہاتس پیغمبرس  یَمنز رحمت اُمتس پھنٛے جاری

یوٚدوَے کاشُرِ شاعری منٛز باضے بیٚدٕ سیوٚد تہٕ باضے ورگہٕ پاٹھۍ اُمس مقدس محبوب بندی پاسہٕ اظہار درینٛٹھۍ گژھان چھِ اما پوز نعت چھُ اکھ تِژھ موضوع یُس شایدٕ ذاتھ یٔمیک موضوع ہے آنحضورﷺ ہنٛز سیرتِ پاک تہٕ تہند شکل و شمایل چھُ یا وَنوٚ زِ یٔمیک مُرٕ آنحضورﷺ ہُند جمال تہٕ جلال چھُ۔

گوٚو جہان تازٕ بروٚہ خسارِ رسولِ عربیؐ  روٗٹھ گلو مُشکِ زٕ انوارِ رسولِ عربیؐ  حقانی

•

طایہٕ طٰہٰ ژٕ ے طرٕہ دستارس  م حسم طوقِ زر وُچھے
زُلفِ واللیل پِھے المنشرح  سینہٕ بے کینہٕ اسمبر وُچھے  صفائی

•

کاشُرِ شاعری منٛز ورتاونہٕ آمتہٕ لولک بیاکھ اظہار چھُ مجازی یِتھ کاشرِس منٛز زمینی لول وَنان چھِ۔ اَتھ منٛز چھُ عاشق تہٕ زمینی تہٕ معشوق تہٕ یٔمی سیٚز ہُند۔ یوٚہے گوو فرد ہُند لول یِتھ ساہ زمینی زندگی سیتۍ اژھین واٹھ چھُ۔ یوٚدوَے اَتھ لولس منٛز تہٕ وصل ایٚک انتہی اند چھُ اما پوز یہ وصل چھُ فردن ہُند جسمانی وصل۔ دوٚو گوٚو لول چھُ لول، باے سۄ زمینی آسِتن یا بالا فطری۔ دوشوٚنی صوٗرتن منٛز چھُ ہجرُک کرب، انتظارچ دگ تہٕ سکھنک مارِ موت عاشقس وُچھ کوٚران تہٕ لَشہٕ نارٕ تن زالان۔ ہمس چھُ شیطانی زولانن ہُند خوف تہٕ یٔمس سماجی زولانن ہُند بیم۔ سیدٕ سیوٚد زمینی لول ورتاون واجنہٕ سانی گوڈنیچ شاعر چھے حبہٕ خوتوٗن یٚس زندگی ہندس اَکس دورس منٛز واَرِ دیکُ گوٚب بارٕ وٕہتراوُن پیوٚو تہٕ بیٚیس دورس منٛز پٔنِس محبوب یوسف شاہ ژکٕ سنٛزِ بے وَقت جُدایی ہنٛز زیٚٹھ تہٕ کریٚٹھ دگ ژالنۍ پییہٕ۔ یہے چھُ وجہ زِ تَس چھُ پٔنٕ بدموت یاوُن تہٕ بُرُکھ جوانی ہردٕ بوٚنیکہ پاٹھۍ برگژھنُک شدید احساس تہٕ توٚے چھِ معشوقس سیتۍ پٔنٕنۍ ہی تن تہٕ دآن پوٚشِ بدن

چھاونکہٕ تاثوقہٕ نِصف راژن تہٕ برٕوٚتھی ترٛاوان ۔ یہٕ احساس چھُ اُہنز شاعری منز بیٚٹھے
خوٗبصوٗرت تشبیہن تہٕ استعارن منز بار بار باوتھ پرٛاوان۔

یاون میانہٕ کرمنز پٔٹھ — کمیوٗ وانہٕ رنگنےٚ آکھ
مےٚ مازون اُتھر ژٔٹہٕ — اکہٕ لٔٹہٕ پی ہم تا

رٔژھہٕ رٔژھہٕ رٹہٕ کول آم سورانے — برٛماگرٕ ژھن اُچھہٕ پوٗش
کنہٕ ہتہٕ بُلبُل پتہٕ اکہٕ آنےٚ — چھاو میأنز دانے پوٗش

نِصف راژن برٕوٚتھی ترٛاوی میو — ساتھاہ یکھنا ژٔرے
پھیر چھینہٕ کینہ تےٚ پھیرِ ڈھکھ پاوان — ژٔرے کھوژہٕ گٔیی میأنز دے

لول چون اوسُم پوٚتر کھُتھ — تامتھ پھیژ نم ورٕژٕن واو
کھَنجہِ کھَنجہِ پیٚتھے مو پوہتر ہرٕنتھ — میون ہوٚ بنتھ پینہٕ کس آد

زمینی محبوٗب سُند تصور چھُ تمہٕ ساتہٕ رنگا برنگ تہٕ طرحدار اظہار پرٛاوان ییلہٕ تس
رسوٗل میرٕنس محبوٗبس سٟتؠ ملاقاتھ پیدان چھُ۔ سُہ چھُ پننس محبوٗبس اکھ دیوٗد اظہار بخشان
لفظن مُصور بنہٕ موٗقلم کام ہیتھ تس سُندِ انگن انگن ہُند تصویر گران ۔ تس سُند محبوٗب چھُ،
یمی میرنہِ ہُند اکھ زِندٕ زوٗ کردار۔ تس سُند انگ انگ تہٕ پرتھ اَنٛگہٕ ادا تس دیدمان اَس،
دون گوو تس سُند محبوٗب چھُ زمینی اَستھ تہٕ مُقدس۔ رسوٗل میر چھُ عاشق بنتھ محبوٗبس باضے
کعبہٕ زانتھ گتھ کران تہٕ باضے بُتخانہٕ زانتھ سجدٕ دِوان۔ یتھ گوو سماجی زوالن ہُند
قدٕی بنتھ ییٚوٚو رسوٗل میرٕس پننس محبوٗب سٕنز جُدٲیی ہُند غم تیوٗت درٛوگ ییمیک —

احساس تس آخری وقتس تام وچھ کوٗران رٕوٗد ۔ کاشُر شاعری منز یِمہٕ اثناہ رسوٗل میر محبوٗب سُند ماری موٗند تہٕ جھرٕل اِظہار وٕتلاوان چھُ ، سُہ چھُ از تام بے جوڑ تہٕ یِتھ ہیوٗ زٕنتہٕل محبوٗب کُس بزٕمراد ہے نہٕ دل تہٕ اوٗ کنہٕ لوگ کاشر شاعری منز ۔ رسوٗل میرنس محبوٗبس چلے جاو تہٕ زمینی محبوٗب سُند تصور گوو دوہ کھوتہٕ دوہ پھاپھلان یُتھ تنہ واپہ تقلید مہجوٗرن کوٗر تہٕ مہجوٗرن کھول اَتھ تصورس بیٚیہ ہن موول یِمیُک ٹاکار اثر مہجوٗرنین ہمکال شاعرن منز دریٚتھی یوان چھُ ۔ مہجوٗرن لیچھ یِتھی زمینہ پیٹھ روزن واجنہ اَکس گاہ گریسی کورِ پیٹھ نظم یِتھ منز تسُند حُسن موولہ ناوِنس ہِتی ہِتی تہنز اِنفرادی یِتھ بدبیز تہٕ امہ پتہٕ آیہ کاشرِس منز امہ قبیلہٕ چہ واریاہ نظمہٕ لیکھنہٕ ۔ حالانکہ جدید شاعرن تہٕ بزٕمرو رسوٗل میرنی زٕنتہٕل محبوٗبن دِل تہٕ گاہے گاہے رٕوٗدی تم تہٕ اُمی سے زمینی محبوٗبس لول برٲن تہٕ آے کانچھان ۔ گویا یُس تصوٗر رسوٗل میرن پننس زمینی محبوٗب سُند بیٚش کوٗر تمیُک شبیہہ چھُ از تام چہ کاشرِ شاعری منز اکہ نہٕ بیٚیہ زنگو گہہ ژھٹان ۔

زلف کوکل کنہٕ چھے اُلنس آہ  نہٕ وُالس پیٹھ کنہٕ بسم اللہ  
یا پنہٕ لیوٗ کھمت چھُے ذوالجلالا لیے لو  بوش حنس روزی نہٕ کالہِ یے لو

گمہ شبنم گُل روخس  زن چھ عرق داپہ تس  
زوٗنہٕ پیٚتھی تار کھ پِکان  کارِ وہ گن دوٗپہ دان

گھٹہٕ سینس اندر بہ نالہ رٕتھ شامہ سوندر  
جامہ زن سرٕ قدس پان دلاٰیو مدنو

رسوٗل میر

ژٕنے کس ہیتِن گیٚی ساٚزِش     دۆیم چھا بیا کھ کاہنہ میٚنے ہِش
ژٕمیانے رٕشکہ پاٚنس نِش     ھنوٗ وکھ کمہ مسولے بو مہرو

مہجوٗر

یاون سبزکی وَنہ پُدی مانڈکھ     مونم رتہ ییکھی خطہ زالکھ
واٚنجہِ کھوٚمُت کیتھہِ نہناوکھ     یادبہٕ کیٚمے ھٕر تھاوکھ کیا

راہی

کاٚشرِس وژنس منٛز چھ ہِندی گیتکی پاٹھی عاشق زنانہ بٔنِتھ مرد محبوٗبس سٕتۍ لولہ باوتھ کران یُیمیک اظہار حبہ خوتوٗنہ پیٹھہ ازتام چہ شاعری منٛز ٹاکارٕ چھُ۔ امابوٚز رسول میٖرَن بخشہٕ اُمس محبوٗبس گوڈنچہ لٹہِ (شاید ازتام آخری لٹہ تہٕ) زنانہ کردار تہٕ مرد عاشق کرنوٗن زنانہ محبوٗبس سٕتۍ لولہ باوتھ۔ یوٗدوَے تہٕ لکہ ربوٲیتھ عام چھے زِ محموٗد گاٚمی ین تہٕ دیُت ییٚنس محبوٗبس ناو ہیتھ ناد ییٚمس اُزم ناواوس۔

اُزی میٚنے لول آم وُچھتھ وارَے
ازمیٚنے ہاو دیدار ے لو

دپان ییٚلہ یہ کتھ پھیلیہ تہٕ محموٗد گاٚمی لیس آو کورِ مالِین ہندِ طرفہٕ مقدمہ داٚیر کرنہ تہٕ محموٗد گاٚمی ین دیُت بیان زِ میٚے چھُ وۆنمُت "ازمیٚنے لول آم وُچھتھ وارے" یزر کیاتہٕ اَسی تَن امابوٚز کلیاتِ محموٗد گاٚمیس منٛز چھُ یی درج "ازمیٚنے لول آم ...... تہٕ لہذا چھِنے اَتھ اُکھی پیٹھ پَرٛتھ کرہٕ نی۔ اَتھ برعکس چھ رسول میر "کونگ"، "تہٕ پوشہ مال" ناو ہیتھ ییٚنس محبوٗبس اَتہِ سٕتۍ مُتعارَف کران۔ وُچھوے تہٕ محبوٗب شُند یہ اظہار چھُماری موند تہٕ خوشیون باسان ہکیاز اُہندین انگن انگن ہُند ووتلاو تہٕ آمُت سراپا چھُ انسانی مزادس تہٕ فطرتس نکھ تہٕ وَنہٕ وُن تہٕ۔ امابوٚز اَتہِ قسمچ کوشش آیہ غزلس منٛز تہٕ

کرنہٕ بلکہ جدید غزلس منز تہٕ ییٚدی اَمہٕ قسمکی تجربہٕ ییٚنہٕ عاشق مردٕ بنتھ زنانہٕ محبوٗبس ستی
لولہٕ باوتھ کران چھہٕ۔ مگر "سوال چھُ یاد سپدان زِ غزلس منز کتھ حدس تام چھُ یہٕ اظہار
قابلِ قدر"۔ فارسی کیو اردو غزلیٚ رلوایتھ چھےٚ یتہٕ ؤنہٕ ییٚتھ ازتام یِی زِ غزلس منز گژھن
بہٕ محبوٗبس نٕژ یاکھٕ زنانہٕ ہندی خولہٕ خط آسنہٕ، تکیازِ اَمہٕ ستی چھہٕ شارس تاوٕلِن ہندی دروازٕ
وُتھٕ روزان تہٕ محبوٗبس ہیکن مجازی تہٕ حقیقی دوشوٕے تاوٕلِ سپدتھ۔ اَتھ برعکس چھُ
نٕژ یاکھٕ زنانہٕ محبوٗب باونہٕ ستی تاوٕیرن ہندی دروازٕ تنگ گژھان، بلکہ چھُنہٕ شارس
اکھ مخصوٗص معنے ٮ۪بر بیاکھ معنے کڈنٕچ یا ژھانڈنٕچ رٕکھنی گنجائش روزان تہٕ نہٕ چھُ محبوٗب پاسل
اظہار یژاوتھ ہیکان۔

---

لہ اَتھ کُن پھیٖرٕ میون توجہ پروفیسر رحمٰن راہی صابن اُکس ادبی سیمنارس منز۔

# کأشرِ تنقیدُک صوٗرتحال

ڈاکٹر محمد شفیع سمبلیؔ

اکھ پرأنی تہٕ زبان زدِ عام کہاوتھ چھےٚ "بڑ گا تو نتہٕ چھےٚ ٹیٚج" گوو زِ ییلہِ بڑگ سیوٚد چھُ تیٚلی چھس تو نتہٕ ٹیٚج۔ ووٕنی یوٚدوے پانہٕ بڑگےٚ ہوٚل کوٚل تہٕ کوٗنجہِ دار آسہِ تیٚلہِ کتھ وٗلو سیوٚد تہٕ کتھ وٗلو ہوٚل۔ یوٚہے حال چھُ کأشرِ ادبی تنقیدُک۔ یوٚدوے کأشرِس منز تنقید نگأری ہندِس ناوس تل بیٚیار کینہہ لیکھنہٕ آو مگر تمیُک معیار چھُ بہرحال بحث طلب تہٕ اَمیُک قدر و قیمت چھُ سر کھر کرُن۔

یِمہِ کتھہِ ہُند اعتراف کرنس منز گژھنہٕ میأنی کنہِ کانہہ تہٕ اعتراض آسُن زِ وُنہ چھُنہٕ خود اُردُوٕ ادبس منز تنقیدی مزاژ پھاپھلیومُت تہٕ یوٚہے چھُ وجہ زِ نہ آیہ اُردو ادبس منز۔ وُنیکتام تہٕ کانہہ خود بذات ادبی تحریک بارسس تہٕ نہ کانہہ ORIGINAL تنقیدی مکتبِ فکر۔ اوٚوے تہٕ ییلہِ اُسہِ کُنہ ادبی معاملس گیٚنڈ کڈنی یِژھو اُسہِ چھِ یکدم مجبوٗری ہندِس حالتس منز مغربی تنقیدس کُن پھیران تہٕ انگریزی تنقیدی کتابو منز تنقیدی نوقطہٕ ژھانڈتھ تہٕ پہندِ ورتاوِچ سبیل کران۔ اُردوٕ تنقیدُک یہِ حال وُچھتھ ہیٚے بچارس کأشرِس نقادس تہٕ تنقیدس راہ کھالو، سو ملیہ چھےٚ انصاف کتھ۔

ہرگاہ تہٕ تنقید لکھن والین کأشرین نقاد دوستن ییتھےٚ ہیوٚ گژھہِ تیٚلہِ گژھن تم میٚنہٕ یِتھ کتھہِ پیٹھ اتفاق کرنی زِ کأشرِ زبأنی تہٕ ادبن کوٚر وُنیتام یعنی ۱۹۹۶ء

تام کُن تہٕ واحد عالم، فاضل نقاد پادٕ۔ سُہ گوو مرحوم عبدالاحد آزاد صاب۔ ہرگاہ تہٕ سُہ جانہٕ مرگ گومُت آسہے ممکن چھُ زِ ازما آسہے کأشرِ تنقیدکٕ صوٗرتحال بدل۔ تمہِ پتھ کأشرِ زبأنی تہٕ ادبٕچ تأریخ "کشمیری زبان اور شاعری" نأوی کتابہٕ ہندِس صوٗرتس منٛز ترٛین جلدن منٛز۔ کتاب لیٛچھن اُردوٗ پأٹھۍ۔ یہٕ کتاب چھےٚ کأشرِ ین شأعرن ہُند اوحال نامہٕ تہٕ اکھ مُستند تنقیدی تجزیہٕ تہٕ۔

کأشرِس ادبس متعلق آیہٕ اَمہِ پتہٕ تہٕ بیسیار تنقید لیکھنہٕ مگر آزاد بندوٗ تنقیدی نوکتو نِبر دراو نہٕ وُنہِ تہٕ کانٛہہ۔ صوٗفی شأعری متعلق آسۍ تن کتھ کرٕنۍ یا زِ رسوٗل میرٕنِس غزلس یا مہجوٗرنہِ شأعری متعلق یا للہِ تہٕ حضرت شیخ العالمہٕ سٕنٛز شأعری تہٕ فلسفس متعلق حتیٰ کہ جدید کأشرِ شأعری پیٹھ تہٕ یمہِ ساتہٕ میأنۍ فاضل تنقید نگار دوست کتھ کرٕنۍ ہیوان چھِ اکِہ نہٕ بییہِ رنگہٕ چھےٚ آزاد صابنۍ چھاپ یا ونو لوکہٕ ژھارٕنۍ کوٗشش نظرِ گژھان۔ حالانکہ جدید شأعری تہٕ تنقیدی اصوٗل تہٕ زاوی جار یمہِ ساتہٕ تھٔنہٕ بییہِ آزاد اوس تمہِ بروٗنہہ واریاہ کال رحمتِ حق گومُت۔

آزاد مرحوس تہٕ آسۍ مسأیل تہٕ اوکنۍ ہیکِہے تمۍ سُند تنقیدی شعوٗر تہٕ پننِ مسأیلن ہندِس پوٗت منظرس تہٕ تِہُند حل ژھارنکس اثرس تلٕ ووتلتھ تمۍ ہنٛدۍ مسأیل آسۍ سیأسی زیادٕ تہٕ اقتصأدی تہٕ پرموشنی کم۔ اُزٕچ کأشرِ تنقید یا چھےٚ سیأسی اثر و رسوٗخ ژھارنس تابع نتہٕ بااثر ادیبن تھٕر کھالتھ ڈلی ڈلی پرموشن حأصل کرنُک آویز۔ وونۍ اگر کانٛہہ لوکٹ موکٹ نقاد صابا۔ یمس تہٕ ڈکھس کانٛہہ لوٗڈ تہٕ بااثر ادارٕ چھُ تہٕ یمس نہٕ سیاسۍ کانٛہہ شودبود تہٕ آسہٕ یا ییُس نہٕ کنٛہ بڈس تہٕ بااثر عہدس پیٹھ آسہٕ، تنقیدکس ناوس پیٹھ کتابن ہنٛز کتابہٕ تہٕ لیکھان آسہٕ، سُہ کُس پرٕ ژھس تہٕ سُہ کُس پرِس۔ تمۍ سُند ناو تام تہٕ آسہٕ نہٕ ویوٗد۔ حالانکہ یہٕ چھُ پوٗزٕ زِ تمۍ تہٕ چھُنہٕ خاص توجہ طلب کہنہ تہٕ

یوٗ کھٕمت آسان۔

کاشُر ادبچ اکھ نمایاں کمزوری یا ولو محرومی چھےٚ یہِ زِ یِیتہٕ چھِنہٕ وُنہِ تہٕ کانٛہہ پوٗخت مشق نقاد بنتھ ہیوٗکمٕت۔ ہرگاہ ہے وۄنہِ دموٗکنہٕ تام کتابے ین تمہ لبنہٕ یمن تنقیدی و نو سون تنقیدی شعبہٕ چھُ کینژن سیمنارن تہٕ مجلسن تامے محدوٗد۔ یِلی کنٹریکٹ واتہٕ تِلی چھِ قلم ژُلان تہٕ تنقیدی مقالہٕ لیکھان۔ یِتہٕ یِلہٕ سیمنارن منٛز یِتھی پرچہٕ پرنہٕ یوان چھِ تمن منٛز یہِ لیکھتھ چھُ آسان تتھ چھُ خودے حافظ۔ کاشرِس ادبس منٛز چھِنہٕ وُنہِ تہٕ تنقیدی شعبہٕ خود مختار بنتھ ہیوٗکمٕت۔ یِیتہٕ یم نقاد حضرات تنقیدس سِتۍ زِ کھ زِ کھ کران چھِ تِم چھِ پانہٕ گوڈٕ یا تہٕ شاعر نَتہٕ افسانہٕ نگار۔ چونکہ تخلیقی ادب چھُ تمن سہل باسان۔ امہِ خاطرٕ نہٕ چھُ زیادٕ سوچُن پیوان تہٕ نہ پرُن تۄے چھُ یہِ تنقید لیکھنہٕ کھوتہٕ زیادٕ وَیہِ وُن باسان۔

کاشرِ ادکی تنقیدی اصوٗل تہٕ چھِ یمنے سیمنارن تہٕ محفلن منٛز بارسس یِوان۔ ووٚنی یُس کاشرِ ادبی تنقیدُک ' واُز خزانہٕ" دردست چھُ سُہ چھُ مسا مسا کلچرل اکیڈیمی ہندس "شیرازس" تہٕ "سون ادبس" تامے محدوٗد روٗدمُت۔ تہٕ یِتہٕ ہِن کینژن وریَن منٛز چھِ یم ادبی رسالہٕ تہٕ شروٗکان آمتۍ۔ سورگ اُسن چمن لال چمن جی یُس یِتھندس ادارتس تہٕ یوسف ٹینگ ہنٛز سربراہی منٛز اوس یہِ اکھ شوٗبہٕ دار اداہ تہٕ یمو زٕ رسالو تہٕ اُسی کاشرِس ادبس کیو تنقیدس پننہٕ آیہِ کم قلیل خدمت کران۔ مگر یِتہٕ ہِن پانژن شین وریَن یوٗسہٕ بیروٗنی ناد ریاستی کلچرل اکیڈیمی پیٚٚٚٚٚس ٕ پیٚٚٚٚٚس ٕ منٛز پٚٚیچھےٚ تہٕ یِمہٕ انتظامی انتشارچ تہٕ بدنظمی ہٕنٛز شکار یہِ پیٚٚس منٛز چھےٚ تِمُک خراب اثر پیوٗو اکیڈیمی ہنٛزو باقے ACTIVITIES علاوٕ "شیرازٕ" تہٕ "سون ادب" رسالن پیٹھ تہٕ۔ شیرازکی صفہٕ روٗدی ووٚنی تمن کامہِ آیتن یم ادب ذاتی سوٚتھرس پیٹھ تہٕ کرٕتھ ہیکہِ ہن۔ نوٗوسِلسلہٕ "کھوٹ" چھُ ووٚنی شیرازُک اکھ حصہٕ تلف کران۔

کأشرِ تنقیدُک یہ صوٗرتحال چھُنہٕ کُنہِ تہٕ اندازٕ اطمنان بخش تہٕ حوصلہ افزا۔ گوڈٕ
ہرگاہ وُچھو پلوٗ تہٕ کوٗت تام چھُ کأشرِس ادبس تہٕ تنقیدس ریاستی کلچرل اکیڈیمی پیٹھٕ برابر
کشمیر یوٗنیورسٹی ہندِس کأشرِس شعبس تام تہٕ لال منڈی پیٹھٕ درگاہ تام چھِ بییہِ تہٕ کیہہ
ادب نواز دوست اَتھ کاروانس شأمِل حال۔ اَتھ در سوٗرخ یٖلہِ اَمہِ پانیگ آسہِ تیلہِ چھُ ممکن
زِ مشوٗرٕ کرِتھ تہٕ یہِ ادبی ہُند روٗتبہ بڈراوُنہٕ تہٕ بوٗن والیہٕ۔ مذاق یوٗ دوے نہٕ باسیو
تیلہِ چھُ پانٕنہِ وشییو دوستو مشوٗرٕ کرِتھ لوٗکن تیٚتھ دستارٕ گونڈمٕت زِ کلابہٕ نوٗٹن تہٕ
غلط ترجمہٕ سیلہٕ لیکھتھ تہٕ چھاپتھ لوٗگ کینٛژن یمو نے نام نہاد نقادن تیٚتھ برہم زِ تمو
تھوٗو کالہٕ کالے یمن پانٕ اہلیتس تہٕ کولرجس لرِ لوٗر۔ اکثر تمو نقاد صأبو یم وُنی کیٛس کأشرِس
تنقیدس پیٚٹھ مرحوٗن منت زانان چھِ تہٕ یمن یہ برہم چھُ زِ تمن ورأے چلِ نہٕ کأشرِ تنقیدُک
سلسلہ ییچھِ تمہِ ساعتہٕ کتابہٕ (یمو سنٛز یہ چھےٚ مجبوٗری تحت لیکھنہٕ آمٕژ کینہہ کتابہٕ تیٚنز موٗخصر
زِ تمن لوٗکٹ موکٹ مضموٗن ونِس تہٕ گرٛٹھ گال تہٕ کینہہ کتابہٕ چھےٚ تیٚتھ "ہاچ پاچ"
"HOTCH, POTCH" باسان چھُ تلہ چھِ صفن ہندی صفہٕ برنہٕ آمتی۔ لیکھنہٕ گوٚژھ کیاہ تام
یُن تہٕ کیاہتام آمُت لیکھنہٕ۔) یٖلہِ تمن پانٕنہٕ کأنہہ باثر ادیبس کُنہ نہٕ کُنہٕ ژنگی
فأیدٕ کھینٛگ مطلب آسہے تہٕ کرِ دہس تیٚتی تعریف زِ کأشرُ حافظ یا شیکسپیر ونُن تہٕ
اوس تہٕ دیوٗٹھ باسان۔ نہٕ لیکھ تمہِ ساعتہٕ تنقیدی مضموٗن یٖلہِ کأنہہ باثر ادیبس
خوش تھاونہٕ خأطرٕ تمی سنٛدس سٕدس سادس ہم اثرس دستارٕ وألتھ تنقید بییہِ سوٗرخ دل
ہنز۔ لونڈی بناونہٕ آیہِ اَمہِ کھوتہٕ بوٗڈ وکانہٕ یُس کأشرِس تنقیدس پیٚ زِ کینٛژن نقادن
ہنز۔ والبستگی آیہِ کینٛژن ادیبن سٕتی کرنہٕ تہٕ اَمہِ اندازٕ روٗد ادب تہٕ نقاد سُند
رشتہٕ "من ترا حاجی بگویم تو مرا حاجی بگو" کہ مقولہٕ آیہِ قأیم۔ گوو زِ اَمہِ اندازٕ چھُنہٕ
کأشرُ تنقید فنی معیارن تہٕ زاوی جارن سٔنِتھ فاصلہ دِوان تہٕ مقام متعین کران بلکہ

کینژن صاحبِ اختیار دوستن ہنز۔ پسند ناپسند ہُند تابع - اَمہِ کِنہٕ چھِ یِم نام نِہاد نٔوی
کٕٹہٕ نقاد تہٕ تنقیدی معیار صاحبِ اختیار دوستن ہٕندِس بدلنس تہٕ نٔو PRIORITY
، پادٕ سپدنس تابع - اوے ییلہِ نٔو پرموشنہٕ خاطرٕ لگہاری وُچھنہٕ کرِ غرضہٕ اَکِس پاتے پانس
نقاد ونن واَلِس دوستس بنِس لیکھمتِس متعلق پرٕژھنہٕ آو تمی ووٚن زِ تِمی یہ ازتام لیوکھمت
چھُ تہٕ چھِ سورُے TRASH تہٕ بکواس تہٕ تمی چھُ تہٕ مصلحت پسندی کِنی لیوکھمت۔
تہٕ ووٚن تمی اَمی کِنہٕ زِ دوہ نی اوس صاحبِ اقتدار بدلیومُت تہٕ اَمِس نقادصابس
تہٕ پیوٚو ہوانوا بدلاوُن - ییمہِ ساعتہٕ ادبی دیانتُک یہ حال آسہِ تمہِ ساعتہٕ کُس کُس
مسلہٕ ہیکہِ کاشُر ادبی تنقیدُک گنہ رٕتہ یتھ -

ترقی پسندی ہندِ دورٕ بروہہ یُس ادب لٕہ پیٹھ آزادس تہٕ مہجورس تام
لیکھنہٕ آمُت چھُ سُہ چھُ مقدارٕ زِنگی باگہِ بوٚرُت تہٕ نمایاں مگر اَسہِ چھُنہٕ وُنہٕ تہٕ یمن شاعرن
ہُند معیار تہٕ رۄتبہٕ مشخص کوٚرمُت یتھ حدس تام زِ دوہ نی چھُ جبہٕ خوتوانہٕ ہش اہم
شاعر سُند وجود تام متنازعہ فی بنیومُت کیہنہ لُکھ چھِ دوہ نی تمی سٕندس آسنے
مٔولے انکار کران ، یہ ہیکہِ پوٚز تہٕ آسِتھ مگر اَسہِ چھُنہٕ اَتھ توجہ طلب تہٕ تحقیق طلب
مسلس کُن توجہ دِنس فرصتھ میلان تاکہ زِگ تہٕ پرٕوٚن نیرِہے بیوٚن بیوٚن - اَتھ برعکس
چھِ اَسی اَزی کین شاعرن تہٕ افسانہٕ نگارن ہُند معیار تہٕ نمبر مشخص کرنس کُن لگمتی تکیازِ
دیان "حاضرس بوگ"۔ یِم نقاد حضرات جدید یتُس تہٕ جدید شاعری ہندی نقادہٕ مولاکونی
کُن لگمتی چھِ تِمن چھُنا فرصت زِ صوفی شاعری ہندِس ضخیم خزانس دِن ووٚن تہٕ اَتی
کرن صوفی شاعرن ہندی نمبر مقرر یعنے نمبر اکھ ، نمبر ۲ تہٕ نمبر ۳ - بیترِ کُس چھُ - شمس
فقیر، رحمن ڈار ، نعمہ صاب ، سوچھہِ کرال ، احمد بٹہٕ واری ، صمد میر ، احد زرگر و غیرہٕ
شاعر و منز کُس اَکِس چھُ فنی اوبہر گوبہر بیٚنِس ہندِ کھوتہٕ بہتر تہٕ کُس اکھ چھُ معیارٕ لحاظ

بروہنہ۔ اَسی ہیکو اُزیک کاشُر ادبی تنقید پرٕتھ یمہٕ کتھ ہُند انداز کرِتھ زِ یمن مختلف شاعرن ہنزٕ پھیرٕ باو خصوٗصیژ تہٕ خامیہ کیاہ چھےٚ؟ یُس اکھ تہٕ کاشر بہم تنقیدِ منز یمن سوالن جواب ژھارُن ہیٚیہ۔ میانِ کنہٕ سیدِ تمُس مولوٗی سٕندی چھُ باسان زِ یم شاعر چھِ عدم توجہکی شکار اوکنہٕ سیدہمتی تکیازِ یم ہیکن نہٕ اَیہ لکار یتھ۔ یمن پیٹھ چھُ صوٗفی شاعرن ہندٕن مجموٗعن ہندس دیباچس منز وارکارِ سیٹھاہ لیکھنہٕ آمُت۔ اتھ برعکس ہرگاہ اَسی ترقی پسندی ہندِ دورٕ لوکُن کِس ادبی سرمایس پتہٕ ادیٖبن متعلق زانُن یژھو مقابلتاً میلہٕ مواد ژوٗر مگر تتھ منز تہٕ چھےٚ خولوٗصیح کمی۔ کیاہ وجہ چھُ زِ آزادس تہٕ مہجوٗرس پتہٕ چھِ زٕے ترٕیے ناو بار بار تحریرن تہٕ تقریرن منز لبنہٕ یوان؟ یُس اکھ تہٕ نوِ ادبی سفرُک تذکرٕ کرُن چھُ نادم، راہی تہٕ کامل ہندِ پیٹھ شروٗع کران تہٕ اُتی چھےٚ بس تہٕ۔ فاضل، عارض، عارف غلام رسول نازکی، رشید نازکی، مرغوب، مشعل، خیال، چمن، لونیُر، ساقی، ناظر، غلام محمد شاد، فراق، صابر، نشاط، محی الدین گوہر، ایوٗب بیتاب، الس راضی، محو تہٕ بییہ بسیار شاعر تہٕ چھِ کاشرِس منز شار ونان مگر یمنٕز شاعری کُن کیازِ چھُنہٕ توجہ پدان۔ اگر نہٕ یمن شاعری ژکانہٕ چھےٚ تیلہٕ گوژھ دلیل دعویٰ دِتھ تہٕ ثابت کرنہٕ یُن۔ ووہٕ زِ لوڈوے نادم، راہی، کامل بتہٕ شاعری ہنزٕ پھیرٕ باو تہٕ نمایندٕ خوٗصوٗصیژ تہٕ ژھارنہٕ ییہو، کاشُر تنقید وُچھتھ میلہٕ نہٕ تتھ منز تہٕ مددٕ نکہ چھُ یمن متعلق تہٕ ییتھ تنقید لیکھنہٕ آمُت زِ فقط ناو بدلاونہٕ پتی یوت ییہ تہٕ کانہٕ تہٕ شاعرس متعلق وَننہٕ یعنی یہ زِ تنقیدکس ناوس پیٹھ چھےٚ سہل نگاری تہٕ تارن گزی کرنہٕ آمژ تہٕ یوٗہے حال چھُ کاشرِ فکشن تنقیدُک تہٕ۔

کاشرِس ادبی تنقیدس منز چھُ لیلہٕ پاٹھی آفاقی تنقیدی اصوٗلن ہنزٕ ادب یا صحیح یا غلط پاٹھی ورتھنے کرنہٕ آمژ تہٕ ییمے اصوٗل چھِ کُنہٕ کاشرِس ادبس پیٹھ ثبت

گرٕتھ مولانکون کرنٕچ کوٗشش کرنہٕ آمژٕ۔ الگ الگ فن پارن پیٹھ یا الگ الگ ادبن پیٹھ عملی تنقید کرنہٕ نشہٕ چھُ اکثر لوٗبے آمُت ہیٚنہٕ۔ اکثر دعوےٰ چھِ ہوہس منز کرنہٕ آمتی تہٕ تہندس حمایتس منز چھنہٕ دلیل دِنہٕ آمژٕ۔

کاشرس منز چھنہٕ عملی تنقید موٗلے لیکھنہٕ آمٕژ تکیازِ یہ چھُ نقادن ہند علمی بصیرتُک نوکتہٕ فہمی تہٕ ORIGINALITY ہُند تقاضہٕ کران تہٕ اتھ جایہ چھِ اکثر کاشرؠ نقاد فاقہٕ لبنہٕ یوان۔ انگریزی کتابہٕ تہٕ اردوٗ رسالہٕ پٔرِتھ ژایِہِ کیتھ کاشرس منز پھرِنۍ گیہٕ اکھ کتھ تہٕ ادب پارٕ منز جوہر ییٚنہٕ نوکتہٕ فہمی کِنۍ وُچھنہٕ گیہٕ بیاکھ کتھ۔ شومتکۍ اصوٗل کیا چھِ۔ ریشیٚنز تعلیم کیاہ آس۔ تصوٗف چھا اسلٲمی کِنہٕ غٲر اسلٲمی تصوفُک فلسفہٕ کیاہ چھُ، تصوفکۍ مقام کیاہ گیہٕ۔ کُس شاعر چھُ وجوٗدی۔ شہوٗدی تہٕ ایجادی، حبہٕ خوتوٗن کمن جذبن ہنز باوتھ چھےٚ کران، کُمۍ مثنوی نگارن چھےٚ کمِس فارسی شاعرٕ سنز کوٚس مثنوی ترجمہٕ کٔرمٕژ۔ کُس کُس فارسی لفظ تہٕ فارسی ترکیب چھےٚ فلانۍ بندِس کلامس منز ورتاونہٕ آمژٕ۔ ترقی پسند تحریک کرِتہٕ گیہٕ شروٗع تہٕ کوٚت واژ۔ کُس شاعر چھُ زیادٕ ترقی پسند، ترقی پسندی ہندۍ موٗلہٕ اہنار کیاہ چھِ۔ جدیدیت چھا تحریک کِنہٕ رُجحان، جدیدیتکۍ فنی لوازمات کیاہ چھِ۔ جدید کیتھ پٲٹھۍ بنہٕ ادیب تہٕ کُس کُس کاشُر، انگریزی، اُردوٗ بیترِ ادیب چھُ جدید؟ بیترِ بیترِ عنوانن پیٹھ میلن کاشرس منز بسیار تنقیدی مضموٗن مگر یمن کاشرُ ادبی تنقید وَنُن گوو نہٕ صرف پانس دھوکہٕ دِیُن بلکہ پننہٕ لاعلمی ہُند اظہار تہٕ کرُن۔ یمو منز چھِ اکثر موضوعات تِم یِم عالمی ادبس منز مشترک چھِ تہٕ تیٚمن موضوعن پیٹھ چھِ گوڈے مشرقی کیو مغربی ادبس منز بسیار کتابہٕ موجوٗد ووٚنۍ یہے کاشرس نقادٕ سُند کانہہ رول چھُ نہٕ کیتھ چھُ ہیٚتھے پٲٹھۍ میلن کاشرس تنقیدس منز کینژن تیٚمن ہوٚن میلن پیٹھ مضموٗن، تبصرٕ تہٕ بحث نہٕ کاشرِ نظم کیتھ چھےٚ گوڈنیک کاشُر نظم نگار کُس چھُ، زیادٕ نظمہٕ کمُ چھِ لیچھمژٕ۔

غزلکی تعریف کیاہ چھِ، غزل چھا مونث کِنہٕ مذکر، کاشُر شاعری چھا فکرِ تران کِنہٕ نہٕ یا یہ زِ کاشُر
شاعری کتھ پاٹھۍ ترِ فکرِ، سماجی حقیقت نگاری چھا کاشُر شاعری منز، کاشُر شاعری ہندی
غالب موضوع کیاہ چھِ۔ شاعرُ سُند مقام کیا چھُ سماجس منز تہٕ ادبہٕ ہنز کیا کام چھےٚ۔ کاشُر
افسانہٕ کونت ووت، یہ چھا اُسانٛ وُبھان کِنہٕ پیٚدلی پکان، بوڈ افسانہٕ نگار کُس چھُ، افسانکی
موضوعات کیا چھِ نہٕ کُس افسانہٕ آو گوڈٕ لیکھنہٕ، افسانہٕ کیاہ گوو۔ ناول کیاہ گیہٕ، کمہٕ ناولہٕ
آیہٕ کاشرس منز لیکھنہٕ تہٕ ناولہٕ چھا سماجی حقیقت نگاری پیش کران کِنہٕ نہٕ! بیترِ بیترِ
موضوعن پیٹھ گرِ ھن بِسیار مہل تہٕ ناگہار مضمون نظرِ یمن منز چھِ اموضوعی مسلن
پیٹھ بحث کرنہٕ چھُ آمُت تہٕ یتھ نہٕ عملی تنقیدس پتی سیٚدِ سیوٚد واٹھ چھُ۔ پتھ گوو تشبیہہ
استعارہٕ، تخلیقی زبان، اوسلوب تہٕ باقے پتھی نے ٹیکنکل موضوعن پیٹھ چھےٚ گوڈے
ہاقے زبانن منز کتابہٕ ہا لیکھنہٕ آمژٕ، دوٚنٛ یوٗدوے کاشُر نقاد تِمن کینہہ کاشُر مثالہٕ
دِتھ ترجمہٕ کرِتھ وَنوٚ تہٕ کاشرس نقادُ سُند CONTRIBUTION بلکہ اگر نہٕ اصل ماخذک
حوالہٕ دِنہٕ پیہٕ تیٚلہٕ گیہٕ ادبی بددیانتی۔

شیرازہٕ "سون ادب" تہٕ "انہار" چھِ برنے معتبر کاشرِ ادبی رسالہٕ۔ یمو علاوہٕ
کُنژٕ رسالے دراییہٕ کاشرس منز۔ مگر یمُس اکھا تہٕ دراو کاشرس تنقیدس منز کوٗرن نہٕ خاص
کانہہ اضافہٕ۔ اکثر ایڈیٹر صاٰبن اوسنہٕ پانس مقابلہٕ بیٚیہٕ کانہہ فکرے کھسان۔ یوٗدوے
یمن مدیرن خلوص نیت آسہے یرنے ماہیہٕ ہن کینہہ جان تہٕ معیاری چیز برونہہ کنُ۔
یمو منز چھِ لکھشر رسالہٕ برٕنھ ــــ "گلریز" تہٕ "کونگ پوش" آو کطرف ترِ اوِتھ ــــ باسان
زِ زنتہٕ آسن یمن گوڈے اکھ خاص ہیٚح لیٚتراوِ نہٕ آمژٕ یتھ اوکنُ یوکُن ڈلنہٕ آو نہٕ، بے باک
تہٕ غاٰرِ متعصبانہٕ تنقید آونہٕ یمو ڈسی بار سَس۔

اصل کتھ چھےٚ یہ زِ کاشرس منز چھنہٕ وُنہٕ تنقیدی مزازٕ پھانبھلانے۔ یینہٕ

چھےٚ تنقید وُنہٕ تہٕ یارن دوستن ہنٛز۔ فرمایشہِ پیٹھ تہٕنٛد غزل۔ نظم یا افسانہٕ مولانکو نہٕ خاطرٕ لیکھنہٕ یوان۔ تنقید چھُنہٕ اکھ مکتبِ فکر بنِتھ ہیوٚکمُت، لیوٚہے چھُ وجہ زِ کاشرِس منز چھُنہٕ وُنہٕ تہٕ شعر۔ غیر شعر اور نثر یا نظم جدید کی کروٹیں یا جدیدیت کی فلسفیانہ اساس' ہِشہٕ کتابہٕ لیکھنہٕ آمژٕ حالانکہ تنقید کِس معاملس منز اُردو زبٲنی ہنٛز کوتاہ دامنی ہُند اظہار کوٚر منے گوڈے۔ نصابی ضرورتو خاطرٕ یُس تنقید اُکس طالبہٕ علمس بکار لگہے، سہ تام چھُنہٕ کاشرِس منز موجود۔ یہ تہٕ چھُ اکھ المیہ زِ کاشرِس منز چھُنہٕ وُنہٕ تہٕ کانٛہہ مستند ادبی تواریخ تہٕ گژِھمیر ڈسریاب تہٕ تنقید کیتھ پھانپھلہ۔ عبدالاحد آزاد صاۤبنٕ "کشمیری زبان اور شاعری" چھےٚ اتھ سلسلس منز یزٕے اکھ بیش بہا خزانہٕ مگر ستی یژٕ اکہ یاد تھاوُن زِ آزاد مرحوم گُذریو وسنہٕ ۱۹۴۸ء منز تہٕ تمِس اُسی وسایل بلکل قلیل تہٕ محدود بدست تہٕ تمہ پتہٕ از تام سپدے یہ واریاہ تبدیلی تہٕ ترقی کاشرِس ادبس منز۔ اوٚکنہٕ اُس کاشرِس ادبی تواریخس پیٹھ نوٚسر سنجیدگی سان کٲم کرنٕچ ضرورت مگر تہٕ پُدنہٕ کیهنہٕ حالانکہ اوتار کرشن رہبرن کرِ یہ اکھ سیٹھے مولی تہٕ سنجیدہ کوشش ینلہِ تمۍ "کاشر ادبچ تاریخ" ناوٕ کتاب لیچھ، مگر تمۍ لیوٚکھ امیک صرف اکھ حصہ تہٕ یہ کٲم روٗز بہرحال نامکمل تہٕ بلکل تشنہٕ۔ ینلہِ زن سنجیدہ ادبی تواریخن ہُند تعداد یوٚت قلیل آسہِ، ادبک تہٕ تنقیدُک حال کیاہ آسہِ تمیک اندازٕ ہیکہِ پانے سپدِتھ۔

کاشرِ تنقیدُک اکھ جان نموٗنہ چھ تمہ دیباچہ یم مختلف شاعرن ہنٛزن کلیاتن ترتیب کارو لیکھو۔ یمن دیباچن منز چھُ عملی تنقیدُک جان نموٗنہ پیش کرنہٕ آمُت تہٕ مِتی چھُ شاعرن ہنٛزن فنکارانہٕ خوٚبیَن ہنٛز نشاندہی تہٕ کرنہٕ آمژٕ۔ مگر چھرا دیباچہ ہیکن نہٕ کاشرِ تنقید دسوار تہٕ معیاری بناوِتھ۔

اکھ اہم کتھ چھےٚ یہ زِ سانٛز ادیب تہٕ شاعر چھُ فاشن پرستی تہٕ مغربی ناگہار

باونو دوٗر از حقیقت موضوٗعن ہنٛز دیکھادیکھی کنٛز تیٚتھ ادب تخلیق کران، یتھ بہٕ کانٛہہ قٲبلِ واتہٕ۔ سون ادب، خاصکر یتھ اَزیُک جدید ادب چھُ زٕ ہور تہٕ محض نقالی یتھ صوٗرتحالس منٛز ہیٚے ایماندارانہٕ، خلوٗص مند تہٕ معیاری تنقید پھانٛپھلِتھ ہیکہِ ؟

# آزادنِ تنقیدُک جمالیات

ڈاکٹر مجروح رشید

آزاد چھُ کاشرِ شاعری ہُند گوڈنیُک مقتدر نقاد تہٕ سورُونہٕ صدی ہُند اکھ ربوایتھ ساز شاعر۔ مقتدر نقاد چھُ اوِموکھ تکیازِ تمُ سُند تصورِ شعر تہٕ تصورِ جمال چھُ ازتہٕ وارِہو رنگوٚ ساپنہٕ شاعری ہندِس جمالیاتی پہلوٗس گاشراوان تہٕ ربوایتھ ساز شاعر چھُ ییمہِ کِنہِ زِ تمُ کوٚر کاشرِ شعرکِہ ربوایتی محاورِ نشہٕ انحراف کرِتھ نوِ شعری ربوایژ ہُند ڈسلابتہٕ اکھ نارٕ نوٚو آواز لہجہِ تہٕ محاور کوٚرن متعارف۔

برم تہٕ فریب زُلفِ خم ناز و ادا تہٕ مانزِ نم
زندگیئے مہ کر ستم رندہ ہناژ عار کر

آزادنُ تصورِ جمال موٚلوٚنہٕ برونہہ چھُ ضروٗری زِ یتھ کتھ پیہ واش کڈنہٕ زِ شاعرِ تہٕ ادبس متعلق تمُ سندین نظرین ہنز۔ نوعیت تہٕ ماہیت (NATURE) کیا چھے۔ آزاد چھُ شاعری ہندِس افادی پہلوٗس ترجیح اہمیتھ دِوان یژھ شعری تہٕ فنی حسُنس چھے۔ سُہ چھُ "کشیری زبان اور شاعری" منز یتھ کتھِ پھری پھری بھیرُ دِوان زِ شاعری گژھِ زندگی ہنز صحیح تنقید کرنُچ صلاحیتھ آسنۍ۔ تمُ سندِ خاطرِ چھُ ادب تہٕ شاعری اکھ قدر تہٕ یہ قدر چھے بہرحال انسانی زندگی، تہذیب و تمدنس تربیت تہٕ تہذیب کرنس سیتۍ سیتۍ خود فردِ ہنز ذہنی روحانی تہٕ جمالیاتی ترکیش ہموار اوان۔ سُہ چھُ تتھ شاعرِ پہ مُستند

(GENUINE) فن مانان یُس احساسِ جمالس رَننز ناولس پتہٕ پتہٕ انسانس منز موٗجوٗد
تہٕ ژھینپتھ بٕرژرکِن تہٕ خارکِن عنصرن وٕنن دِیہ تہٕ تمنے ہنز تخلیقی تہٕ تخیلی بازیافت
آسہٕ ۔ سُہ چھُنہٕ یمہٕ کتھہ ہُند قایِل زِ پیکرِ جمال کیاہ چھُ محض پننہٕ دیدارٕ پتہٕ انسانس
محظوٗظ کران بلکہ چھُ تمہِ سُند زور یتھ کتھِ پیٹھ زِ پیکرِ جمالس اندر ژھینپتھ خیال، تصور
تہٕ احساس تہٕ چھُ ذوقِ جمال رَننز وَنہٕ خاطرٕ تیوٗتے اہم یوٗت ناہ زن خود پیکرِ جمالک
گرتھ چھُ ۔ اگر اتھ گرتس ژھایہٕ احساس، فکر، خیال یا تصوٗر معموٗلی نوٗعیژ ہُند آسہٕ تہٕ
تتھ آسنہٕ زندگی ہُند کانہہ پاس یا گوشہٕ گاشراوِنٕچ صلاحیتھ تیلہِ آسنہٕ یہٕ پیکر حُسنٕچ
تخلیق بلکہ محض حسن تخلیق کرنک بزم ۔ اَمیُک مطلب چھُنہٕ ہرگز یہ زِ آزاد کیا چھُ فنس
تہٕ اَمہٕ پتہٕ حاصل سپدن واجِس جمالیاتی سرورس ثانوی اہمیتھ دِوان ۔ پزر چھُ یہ زِ سُہ
چھُ جمالیاتی حظس تہٕ پیکرس ژٕرا اہمیتھ دِتھ شعرکس فکری پہلوٗوس تہٕ تیوٗتے اہم
زانان ۔ سُہ چھُ شاعرس تہٕ شاعرن نِشہٕ یہ توقع کران زِ یم گژھن پرٕن واجِس بٕرژرس
ہٕنکی تہٕ بٕرزس واتہٕ ناوٕنی ۔ وُچھو تہٕ یہ چھُنہٕ کانہہ نوٚو یا انفرادی مکتبِ فکر بلکہ سٔتھے
پرون بحث تہٕ کرتھ تہٕ چھُ یہ آزادنہٕ خاطرٕ اکھ اہم ترین مسلہ ۔

آزاد چھُ شاعرانہٕ محاسن، خیال آرائی تہٕ فنی محاکاتن گوڈٕ ترجیح دِنہٕ باوجوٗد
تہٕ تمن ہُند حدرُس طرفدار آسنہٕ پتہٕ تہٕ یمن گوٚن مقصد کہ خوٗبصوٗرت اظہارُک ناو
دِوان ۔ سُہ چھُنہٕ یہ کتھ مانہٕ خاطرٕ تیار زِ فنی محاسن تہٕ محاکات کیا چھِ پانٕے پانہٕ پنُن
مقصد بلکہ چھُ سُہ یمن مقصد کہ خوٗبصوٗرت تہٕ موزوٗن اظہار تہٕ ابلاغہٕ خاطرٕ لازمی گنزراوان ۔
سُہ چھُ انسانی احساسن، فکر تہٕ انسانی صوٗرتہٕ حالس موزوٗنیت، تناسب قطعیت تہٕ ترتیب
دِنس تہٕ یمن اکھ منفرد زبان عطا کرنس حُسن تہٕ حُسنٕچ تخلیق مانان ۔ لِہٰذا واتھن پیٹھ تبصر
کران چھُ آزاد لیکھان ۔

"پیٹھ کنہ درج واکھن ہندی پاٹھ چھ واریاہ مضامین یمن ہنگامی تہ وقتی چیز ونتھ ہکو تکیاز یژھ کتھ چھےٚ نیکی، اخلاق تہ بزرس ستی والبتہ۔ نیکی چھےٚ یژھ وقتہ نیکی آسان۔ اخلاقک معیار ہیکہِ بدلتھ مگر یہ چھ بذاتِ خود اکھ ابدی شۓ"۔ لہ

آزادنہ خاطر چھ شعر نیکی تہ بزرگ مبدل۔ شعر تخلیق کرتھ چھ شاعر بنیادی طور بزر تہ بزر تخلیق کران۔ بقول کیٹس چھ حسنۓ بزر تہ بزرے حسن۔ بزرک اظہار چھ حسن تہ حسنک اظہار چھ بزر تہ حسن چھ ہمیشہ انسانس مسرور کران۔ احساسی سطحس پیٹھ تہ تہ فکری سطحس پیٹھ تہ۔ نیکی بزر تہ حسن چھ آزادنہ خاطر لازوال تہ یمن چھنہ زمان ومکان زنجیرِ ہیکان ترٛاوِتھ۔ زمان ومکان چھ سارےیے ہاے کھاران مگر نیکی ہنداےٚ، بزرکی تہ حسنکی مول چھ امہِ لتہ مچھ روزان۔ آزاد چھ مانتھ زِ شاعر ہیکہ تہ چھ تہ پننہِ زمانہٕ نہ ماحولہ ستی متاثر گرتھ ہان مگر ستی چھ یتھ اہم کتھہِ کن تہ سون توجہ پھران زِ بوڈ تہ اہم شاعر چھ پننہِ عصر لتہ متاثر آسنہ باوجود ہنز پان آزاد تہ منفرد محسوس کران۔ اگر شاعر پننہِ زمانک تہ ماحولک قیدی بنہِ تیلہِ ہکن نہ تمی بندس وونکی منز تتھی احساس تہ جذبہٕ ووتلتھ یمن اکھ ابدی تہ دائمی حسن باگہِ ییہ۔ سہ تیلہِ للہِ ہنز شاعری اتھ کھوچہِ کھالان چھ سو چھےٚ پاپ سون نیران۔ آزادن گف چھ زِ للہِ ہنز شاعری ہنز سارۍ وے کھوتہ اہم افادیت چھےٚ یہ زِ یہ چھےٚ انسانس تہ تمی بندس وجودس بزر چ گھوٹ مانان یوٚ یہ دۄیمین لفظن منز خیچ کھوٹ تہ چھےٚ۔

واکھ منز کول اکول نا اَتے ژھوپہ مودرے اَتہِ نا پرولیش
روزان شوشکت نا اتے موژے کوہنہ تہ سۓ اپدیش

آزاد اوس اکہِ طرفہ اکہِ خاص فلسفک قائل شاعر مگر بیٛیہِ طرفہ اوس سہ اکھ بالغ

نظریہٕ پوٚختہٕ کار نقاد۔ اَوے چھِنہٕ تِمو ہنز ذاتی فکر، پسند ناپسند تِمَس تمن شاعرن ہُند
جمالیاتی تصور پرکھاونس منز بُتھ یوان یمن آزادس برعکس زندگی متعلق اکھ الگ تہٕ
مختلف النوع نظریہ چھُ۔ غور طلب کتھ چھےٚ یہ زِ سُہ چھُ تمن شاعرن متعلق زیادٕ سنجیدگی
تہٕ سنزسان لیکھان یمن ستی نہ سُہ فکری سطحس پیٹھ ہم آہنگ چھُ۔ شاعر اگر نقادتہٕ آسہِ
تیلہِ چھُ سُہ عام طور دوٚیمن شاعرن ہندس کلاسس منز تہٕ تِمنے چیزن ہُند تلاش کران
یمن ہُند وِیوہار سُہ پننہٕ شاعری منز کران چھُ۔ مگر آزادنہٕ معروضیتہٕ ہنز داد دِین زِ
سُہ چھُنہٕ اَتھ کمزوری ہُند شکار بلکہ چھُ اُکس پزِس تہٕ مُستند نقاد ہندی پاٹھو ذاتی تعصبات
تہٕ نظریات پتھِ کُنِ ترٛاوِتھ "للہ واکھن ہنز زلہٕ وٕنی رٕنیہ" "شیخہ شرو کین ہنز دماری"
تہٕ برماند تن بھگتی وژنن ہُند ٹہرل سرگم محسوس کرِتھ تِہند پرزنہٕ پاٹھو استحسان تہٕ کران۔
تِمو سِنٛدِ تنقیدُک سارِوے کھوتہٕ اہم نوٕقطہٕ چھُ یہ زِ سُہ چھُ پرزِتھ کانہہ اہم شاعر ہندِ ذاتی
تہٕ اجتماعی اوسطورک احترام کرِتھ تِمو سُند کلامہٕ پرکھاوان۔ سُہ چھُ للہ واکھن اوموکھ
اظہارکی حسین پیکر مانان، تکیاز یمن منز چھےٚ تِمَس انسانی زندگی ہندن مسلن ستی تہٕ ستی
شاعری، تغزل تہٕ نظمہٕ ہنز خصوصیتہٕ دریٹھ گژھان۔ شاعری، تغزل تہٕ نظم وٕنِتھ ما چھُ
شاید آزاد تِمن سارنے خصوصیتن وحاطہٕ کران یم حسنکہِ تخلیقکی باعث چھ۔ آزادنہٕ
تنقیدُک جمالیاتھ چھُ بیکوقت فکرِ ہنز جمالیاتھ تہٕ تہٕ اظہارُک جمالیاتھ تہٕ۔ سُہ چھُ یتھ کتھ
پیٹھ زور دِوان زِ پزِس شاعرس چھُ قوت شعور شدید آسان ییٚمہِ کہ برکتہٕ سُہ انانس
منز شونگھ گاشُک حِس بیدار چھُ کران۔ پانہٕ شاعر سُند یہ شعور چھُ گاشہٕ لہر ینتھ
سارےی اندی نیکھس گاشہِ سُری کران تہٕ اکھ تیُتھ دُنیا چھُ تخلیق بدان یتھ منز فقط
نوٗرُک تہٕ گاشُک راج چھُ چلان۔

آزادس آس یتھ کتھ پیٹھ دٕر پٔزِھ زِ شوس منز چھُ جمالیاتی عنصر تیلہِ شامل

ہیکان گژھتھ ییلہِ شاعر جذبہٕ کِس خلوصس تہٕ مختلف شعری صنعژن تہٕ ولن مثالے فصاحت بلاغت، شوخی، ندرت اوین اہمیتھ دِیہٕ۔ سُہ چھُ وُنان زِ یژھتھ فن پارس منز چھِ یم مول جزوی یا کلی طور موجود آسان تہٕ اگر کانہہ فن پارٕ نظم یا غزل یمو چیزو نشہٕ بیگلے مُچھ آسہِ، تیلہِ ہیکنہٕ سُہ فن پارٕ یا پیکرِ جمال اسِتھ۔ مگر ییتِن چھُ یہِ کتھ واَنس کڈُن ضرورِی زِ آزاد اوس پیکرِ جمالس تہٕ موضوٗعک مرہوٗنِ منت مانان۔ سُہ چھُ لانجاینِ ہندِ پاٹھۍ مانان زِ خیالک شان چھُ شعرکہ دوہتھ واتنہٕ خاطرٕ لازمی۔ بقولِ محمد یوسف ٹینگ :

" تمۍ سُند (آزادُن) عقیدٕ چھُ یی باسان زِ موضوٗع چھُ فنی تاثرُک اکھ اہم مرحلہٕ "[۲]

آزاد چھُ مانان زِ پیکر جمالے چھُ شاعر تہٕ شاعرن ہُند درجہٕ مُتعین کران مگر یِتی چھُ وَنان زِ محض ادبی محاسن گنزراونی تہٕ موضوٗعچ افادی حیثیت مُشراونی چھےٚ تنقیدس کامنافی۔ سُہ چھُ لیکھان۔

" ییلہِ مقصدس منزٕ کانہہ افادی حیثیت آسہٕ تیلہِ چھُنہٕ اظہارکین ذریعن ہُنزٕ خوبصورتی ہُند تہٕ بانکپنک قیمتھ سرتلہٕ بیٹھ سونک گلٹھ کرنہٕ کھوتہٕ زیادٕ اہمیتھ تھاوان۔ یژھ شاعری چھنہٕ نظر فریبی یا سامانِ تفریحِ طبع درآے بینہٕ کانہہ حیثیت تھاوان۔ اگر تفننِ طبع۔ واہ واہک غلغلہ، عارضی سرور، حیرت واستعجاب تہٕ رقتِ قلب شاعری ہُند مقصد چھُ تیلہِ چھُنہٕ ساقیس، مدارس، قوالس تہٕ شاعرس درمیان کانہہ فرق۔ تان بوزِو دل چھُ موم گژھان۔ مدارِ سُند تماشہٕ وُچھو تفریحِ طبع سپد۔ داماہ چینو غم گژھِ دفع۔ اکھ برجستہٕ شعر بوزتھ چھِ اَکہ دوہٕ تلان تہٕ محظوظ سپدان مگر یتھس شعرس منز چھُنہٕ صحیح تنقیدِ حیاتچ صلاحیتھ آسان۔ یُتھ شعر اگرنے رہزنِ قلب تہٕ ابلیسِ نظر چھُ تیلہِ

کیاہ چھُ۔ ۵۳

اَتھ اقتباسس منز چھُ آزاد نہٕ تصورِ جمالک بہٕ شعرک افادی آسنک بھرپور نقشہٕ ودہٕ تلان۔ تمہٕ چھُ یتھ پاٹھۍ حوالن رٚنز ونس ییتِ ادبس پہٕ شاعری زندگی صحیح وٕتہٕ لاگنس حُسن پتہٕ جمال مانان۔

## حوالہ جات


۱۔ عبدالاحد آزاد" کشیری زبان اور شاعری" جلد دوم کلچرل اکادمی ۱۹۶۲،
صفحہ نمبر ۱۴۰
۲۔ عبدالاحد آزاد " کشیری زبان اور شاعری" جلد سوم کلچرل اکادمی ۱۹۸۴، صفحہ نمبر ۱۹۱
۳۔ " " " " " " " " " " " " "
۷۱

# رسُول میرٚن شعری جمالیات

ڈاکٹر محمد شعبان

تخلیقی اَدب چھُ لفظن ہنز سۄ عبارت آسان یمہٕ نِشہٕ حظ میلہِ ۔ حظ حاصل سپدنکۍ چھِ واریاہ مُبنیادی ماخذ، یمو منز چھُ اکھ اہم ماخذ حُسن ۔ یتھکنۍ چھُ ادبس تہٕ حُسنس پانہٕ وٚنۍ گہرٕ تعلُق ۔ مگر محض منظر نگاری، خوبصورت چیزن ہُند ذکر یا خوبصورت لفظن ہنز باوتھ آسنہٕ چھُنہٕ اَدب پارس منز کُنہٕ اَدبی حُسنچ ضمانت بلکہ گژھہِ اَتھ منز محظوظ کرنچ صلاحیت آسنۍ ۔ یہ خصوصیت پھٕیتہٕ تخلیقیتہٕ (CREATIVITY) سٍتۍ ممکن بنان ۔ اَتی پیٹھہٕ چھِ ادبی جمالیاتکۍ حد شروٗع سپدان ۔

ادب یَیلہِ بنۍ رِشتہٕ زندگی سٍتۍ مربوٗط کران چھُ، اَتھ منز پھٕیتہٕ اَچھِ حقیقژٕ آگاہیہٕ بُنیتھ مُتعارف سپدان ۔ یِمے بصیرژ پھٕیتہٕ اَدبس دایمی حُسن عطا کٔرِتھ سانِس جمالیاتی ذوقس پیٹھہٕ سوٚن اَثر مُرتب کران ۔ یہ چھُ ادبی جمالیاتُک معراج ۔ یتھس ادبس پیٹھہٕ پھٕیتہٕ وقتچ گرد بے اثر ثابت سپدان تہٕ یہ چھُ پرٛتھ وِز ساُدرٕ وارے لبنہٕ یوان ۔ اَتھ صورتس منز چھُ ادب سایٔنسس قریب یوان تِکیازِ یتھکنۍ چھُ یہ سایٔنسکۍ پاٹھۍ زندگی ہندِن حقایقن ہنز تلاش ۔ وۄں گوٚو فرق پھٕیتہٕ یہ زِ سایٔنس چھُ علمی اَثر ترٛاوان یَیلہِ زَن ادب جمالیاتی اَثر مُرتب کران چھُ ۔

حُسنس فریفتہٕ سپدُن پھٕیتہٕ انسانہٕ سنز اکھ جبلت ۔ اَکہِ مشاہدٕ سٍتۍ پھٕیتہٕ دِلس تہٕ مَنس فرحت پھیران تہٕ یتھکنۍ چھُ مسرت حاصل کرنچہِ بوچھِ تسکین میلان ۔ حُسن ڈیشِتھ

چھُ انسانہٕ سُند یہِ مُستقل جذبہٕ مُتحرک سپدان ۔ اَمہٕ احساسہٕ سٟتۍ چھےٚ جذباتی ہم آہنگی وٕتلان تہٕ یتھکنۍ چھُ رَس حاصل کرنُک تجربہٕ سپدان ۔ یہِ ساٚرے پُرکیف عمل چھےٚ حسآوی صوٗرتس منٛز روٗنُما سپدان ۔ ادبس منٛز چھُ حسآوی صوٗرتحالے جمالیٲتی ذوق وُزناونُک باعث بَنان ۔ ہرگاہ نہٕ ادب پارس منٛز یہِ خوٗبی آسہِ ، تیٚلہِ چھُ سُہ بجایہِ تخلیق ژھرے فلسفہٕ بازی آسان ۔

حُسنس مُقابلہٕ یُس بدصوٗرتی ہُند تصوُّر عام پأٹھۍ ساٚنِن ذہنَن منٛز موجوٗد چھُ ، ادبس منٛز چھُ فنکار اَتھ بدصوٗرتیہِ تہٕ بینہٕ فنہٕ سٟتۍ خوٗبصوٗرت بناوِتھ پیش کران ۔ لہٰذا چھُ جمالیاتکس دأیرس منٛز حُسنُک مفہوٗم سیٹھاہ وسیع ۔ یعنے جمالیاتی تنقیدس منٛز ہیٚکہِ بے حُسن ، آسنُک تصوُّر آسِتھ مگر بدصوٗرت آسنُک نہٕ کینہہ ۔

شاعری منٛز چھِہ نثرس مُقابلہٕ جمالیٲتی محاسن زیادٕ آسنکۍ اِمکانات تکیازِ اَتھ منٛز چھُ بھاؤلاوِ بجایہِ جماو آسان ۔ اَمہِ کِن لفظن منٛز چھےٚ سو جادوٗیی کیفیت آسان یَمہٕ سٟتۍ یہِ مانوٗس چیزن منٛز نوٗر تہٕ نوٚن چیزن منٛز مانوٗس حُسن ہاوان چھُ ۔ شاعری چھےٚ بذاتی تخیلکہِ شمع سٟتۍ ظُلمات روشن کران تہٕ سٟتی چھےٚ یہِ زندگی ہندٮ۪ن معنی خیز تہٕ بصیرت افروز پہلوٗوَن کُن تہٕ اِشارٕ کران ۔ یتھکنۍ چھےٚ شاعری جذبہٕ تہٕ فکرِ ہنٛز ملونہٕ سٟتۍ بیک وقت دل و دماغس مُعطر کران ۔ شاعری منٛز چھُ اکھ شعرٕ ت جمالیٲتی حُسن تعمیر کرنُک بُنیادی وسیلہٕ ۔ دوٚیمِن لفظن منٛز وَنو زِ ییلے فن آسہِ ، تیٚلی ہیٚکہِ تتھ منٛز جمالیٲتی کشش آسِتھ تہٕ ہرگاہ نہٕ فن دوٚتیوٚمتے آسہِ ، تیٚلہِ چھُنہٕ اَتھ منٛز جمالیات تہٕ بارَسَس یوان ۔

رسول میر چھُ نغمٲتی شاعری ہُند شاعر ۔ نغمٲتی شاعری ہنٛد خاصہٕ چھُ زِ اَتھ منٛز چھےٚ باقے شاعری مُقابلہٕ زیادٕ موٗسیقیت آسان ۔ یہِ موٗسیقیت چھےٚ بُنیادی طور آوازن ( خاصکر ترنُّم آوَر صدآوی ، نیم صدآوی تہٕ غُنآیی ) تہٕ قافیہٕ تہٕ لفظن ہنٛدِ تکرارٕ سٟتۍ وجوٗد لبان ۔ اَمہٕ

شاعری ہُند یہ سازُت چھُ سیدِ سیوٚد اثر کرِتھ دِلس فرحت تہٕ سرور عطا کران۔ یتھکنۍ چھُ اتھ منز زبانۍ ہُند صوتی آہنگے حسن بنان۔ مگر شاعری منز چھُنہٕ ظاہری آہنگے یوت کافی بلکہ گرٛزھِ اتھ منز شعری مادٕ تہٕ مزور آسُن۔ حالانکہ یہ چھُ صحیح زِ کاشرِ نغماتی شاعری ہُند اکھ حصہٕ چھُ رُہ تہٕ، یتھ منز نہٕ زٕھری گنگہٕ لایہٕ وُرآے بیٚیہٕ کہنٛہ چھُ لبنہٕ یوان۔ اوٚے تہٕ چھُ امہٕ قسمُک کلامہٕ جمالیاتی سوٚتھرس پیٹھ کم اثر ثابت پیدان۔ مگر رسول میرنہٕ شاعری ہُند صورتحال چھُ امہٕ لحاظہ کیٚنہٕ کور مختلف۔ اتھ منز چھُ سازُت تہٕ شعری معنہٕ پانہٕ وانۍ ہم آہنگ تہٕ یم دونوے چھِ بیک وقت قارٕیس یا بوزن وٲلس پیٹھ اثر انداز سپدان۔

ہی تہٕ مسول بیٚیہٕ یمبرزل برٛگے زٕنے کُن وُچھان

چشمہٕ سیاہ، روخ وہ زالی، جامہٕ چھٹیے لُتیے

بادام چشمہٕ ییٚنہٕ مژراوِن  تیٚنہٕ چھُم مژراون تہٕ لو لو

بے کام وزبان سوز وَنے بوزنے بے گوش

چھے برگ ونوا عاشقن بے برگ ونوٲیی

زُلفِ کاکُل زنجیر چھی کیٚنہٕ زال  الِف یٚدُم قد چون ڈیشتھ دال

سرِو شمشاد ہمت عالیے لو  بوش حُسنکُ روزی نہٕ کالیے لو

وُٹھ چانۍ وہ زلی لعل یمن نیٚہ بدخشان

یم پانۍ پانس رٕ تہٕ زنگ مژ یان دیان چھی

چانہٕ حُسنکُ چھم جلو دردل  ہمچو مے کرد درشیشہ منزل

سوز ہماں جوش است ہماں  چھُمنہٕ ہمن ہمن وہ لو

نغماتی شاعری منز چھے زیادٕ ہٕن جذباتن ہنز بادٕتھ آسان۔ جذباتن ہُند تعلق چھُ

دِلَس پیٚتھ۔ دِلہٕ پیٹھ ؤرٛتھمژ آواز چھےٚ دِلَن اَثر کرٕنہٕ ورٲے روزان۔ لہذا چھےٚ نغماتی شاعری جذباتن ہنٛدِس آہنگس تابع روٗزِتھ مُتاثر کران۔ میر چھُ اکھ پُرکار شاعر۔ سُہ چھُ جنوٗنی لولہٕ جذبات پوٗرٕ شدت تہٕ بھرپوٗر جوشہٕ سان پننِس فنس منٛز پیش کران تہٕ یِمَن چھُ سُہ پننُن فطری آہنگ تعمیر کران۔ تَمی سٕندِ لطیف تہٕ نوزُک جذبن ہنٛز برجستہٕ شعری باوَتھ چھےٚ پننہٕ مثال پانہٕ۔

زالی وانکن بال ییلہِ لاگہِ شُمار
پچھ لگہٕ نَس گنٛزرِنَس لچھُ تہٕ ہزار
اَمِ شایہٕ نو موکلن یایہٕ لو لو
رِند پوشہٕ مال گِندنے دراۍ لو لو
ہا یار موخنہٕ ہار گنڈ ہتھ بہٕ ہٹے لو
مُتہٕ میانہٕ ہاہ روخسار وُچھتھ بہٕ گٹے لو
چشم آہو سورمہٕ دار
ہر تہٕ ڈیشتھ بے قرار
از نظر شیرَن رٹان
کارِ دوہ گُن دوٗرِ دان
سینہٕ چھےٚ آینہٕ آیس دست وپاگلدستہٕ زَن
زنہٕ چھاوان ہار شراوُن ییہٕ یتھی یے لُتی یے

سوٚنبُل مُتس مے زٕٹھ زالی
تبلَن دل سانِ بارِ یے
زنبُل کاکُل کمُہٕ سُنبالی
تی بوز سوندر مارِ لیے

تیر لایان چھُکھ بے کمان
زخم سینس چھم بے نشان
ماری ہتی عاشق بے گُمان
جانِ غمَن عمَن وولو

لہجہٕ چھُ نغماتی شاعری منٛز اکھ غار معموٗلی رول ینباوان۔ یہٕ چھُ اکھ منٛز اکھ

زوردار شعری ہونرِ ہنز کام دِوان۔ اکھ صحیح لہجہٕ تھاوَن وول شعر ہیکہِ شاعری ہندِ باقے حربہٕ پانہٕ ناونہٕ وَراَے تہٕ پُراَثر اَستھ۔ یُتھِ شاعری منز چھُ مُیٖہٕ لہجے ہیچاوی پانھٕ مُتحرک کرنک باعث بنان۔ یہ شعری لہجہٕ چھُ اصلی جذباتن ہندِ فطری تُلہٕ ترٛاوِ تہٕ زنم لبان۔ مُیٖہٕ لہجہٕ چھُ نغماتی شاعری مُلکہٕ یَین قریب نِتھ تمن ہُند میچھر تہٕ بُنہٕ وُن تاثیر اَتھ بخشتھ ہیکان۔ رسول میرنی شعری لہجہٕ چھِ مختلف شعری صوٗرتحالن منز رنگہٕ زنگہٕ حال کران۔ تبندی مُلکہٕ یَین نزدیک یم شعری لہجہٕ چھِ سحر کرِتھ ڈُیتھ نوان تہٕ یتہٕ کتِس کالس مسرور تھاوِتھ سیر کران۔ اَتھ منز چھُنہٕ کُنہٕ شوٗری شعر ژٲر مُند دخل بلکہ چھِ یم پانی پانے تبنز وجدانی رَوِ منز وُزان۔

لالس وَنتے چھس سوال  سالس اَنتے بالیے
ہٲرِیے تھاوکھ ناکَن تہٕ لولو
زار میانِ طوطس وَن تہٕ لولو
موٗت گوم یار فرزانہٕ وَنیے  کوٗت گوم تی کرٕ بہٕ زانہٕ وَنیے
روز دَما ہا جانانے
بوز کرِتھس مزٕ دیوانے
یُنہٕ آدن یار ڈیشامے  تَتہٕ یورنے آمے لُتیے
حوٗرِ تھوٗوتھم اَرمانہٕ مَلہٕ نو
موٗرِ نار جِگرُم شرٛی پانہٕ مَدنو
لالہٕ روٗیس پیالہٕ کمُ بٕریے لو  کالہٕ موٗیس شانہٕ کمُ کرِیے لو
گژھ تہٕ وَنیس لالہٕ جِگرُم دوٗرے  مَتے چھُ موٗرے لُلہٕ وُن نارِ

شوٗبہٕ شاباش چانہٕ پوٚت ژھایہِ لولو   رِندہٕ پوشہٕ مال گِندنے دژایہِ لولو

نار للہٕ وُن تھوٚوُنم موٗرِ لولو

ژوٗلُم دِلبر دل ہیتھ ژوٗرِ لولو

ژیوان روشہٕ ژھکھ نیٚتہٕ ہوشہٕ ڈلایو بدنو

بہٕ رِوان ہرتہٕ چشمن سوٗرمہٕ چھلایو مدنو

رسول میرن پھٕھے بلاتے کاشرِن نغماتی شاعرن مُقابلہٕ بیٚنہٕ طور اکھ اہم شعری ہونر اپناومُت۔ یہٕ چھُ تجنیس (HOMONYM)۔ اَتھ ہونرِ منز چھُ تِمن لفظن ہُند تکرار کرنہٕ یِوان یِم صوتی طور پانہٕ وانی مُشابہٕ مگر معنوی طور اکھ اَکس نِشہٕ مُختلف آسان چھہٕ۔ یِمن لفظن ہندِ ورتاوٕ سِتی چھُ شعرس منز خارجی سوٗتھرس ہیٚتھ زیر بم تہٕ داخلی سوٗتھرس ہیٚتھ معنوی رنگارنگی پادٕ یِوان۔ اَمہٕ ہونرُک ہُند ورتاو چھُ صرف نغماتی شاعری منز کارگر روزان تکیازِ اتھ یوت منز چھُ زر موسیقیتھ پادٕ کرنچ ضرورت آسان۔ میر چھُ اَمہٕ قسمہٕ کین لفظن ہُند ورتاو بیٚنہٕ شاعری منز کھُلہٕ پاٹھی کران۔ رسُل چھُ اَمہٕ حُسن کاری ہُند ماہر لبنہٕ یِوان۔ سُہ چھُنہٕ شعرس منز یِتھی لفظ صرف دوٗیہٕ پھِر مکرر کران بلکہ پھٕھے تس منز اَمہٕ رنگہٕ پیٚٹھ فنی صلاحیت زِ تژیٚنہٕ، ژورِ تہٕ شیٚنہٕ پھِر تہٕ کینژن صوٗرژن منز پژ ژور تام چھُ تمی یِتھین لفظن ہُند مختلف شعرن منز تکرار کوٚرمُت تہٕ یِتھکنی چھن بیٚنس فنس منز نفاست تہٕ نزاکت پادٕ کرمژ۔

گُلن چھس ژھایہٕ سوٗنبل، گُلن ہمسایہٕ بُلبُل

کتھن دیتنم تغافُل کرِتھ اقرار کوٚت گوم

رسول تس یارٕ ہسنزِ لولرے   وطن ترآوِتھ دِتن دژاو

نیٚنہٕ چھُس جگرس کیاسہٕ کرے   دوٗلہٕ وِنیسی دِنس کونے آم

وَنَ زیبا نگارس وَن کیا گئے مے یارس
وَن منز پان مارس کرس بو مارکوٚت گوم

پیٚہ نادلبر مارَس بَرِ ہے   پیالہ برہَس چھُم ارُمان
برٕ ازٕ نے دِین کِتھ برِہے   کاڑٕ برہے گرٕشہِ گُلستان

یمن شعرن منز چھِ مختلف لفظ پاٹھۍ مکرر ییدی مِتۍ۔ گوڈنکس شعرس منز چھُ 'گلَن' لفظ دوٕ یہ پھِر آمُت۔ دوٚیمس شعرس منز چھِ زٕ جورٕ 'وطن' تہٕ 'سنہٕ' آمتۍ۔ تریٚمس شعرس منز چھُ 'وَن' لفظ ترٕ یٚیہ پھِر آمُت تہٕ ژوٚرمس شعرس منز چھُ 'برٕ' لفظ شیٚیہ پھِر مکرر سیدان۔ یمو سارِوے لفظو منز چھُ پرتھ کانہہ لفظ بیوٚن بیوٚن معنہٕ دِوان۔

میٖر چھُ اکھ جمال پسند مجازی شاعر۔ تَسُند شدید احساس، لوٚلہٕ حرارت، مشاہدچ شِدت تہٕ زبانی پیٹھ قدرت چھِ نسوٲنی جنگی دِل مُہہ وٕنی جلوٕ تِہنز شاعری ہنز زینت بناوان۔ سُہ چھُنہٕ حُسن ڈیشتھ دِلس منز وولیومُت توٚرٕ شعرن منز باوَن بلکہ چھُ سُہ برٕ کہ جوٲنی ہندی حُسنہٕ اظہار سٕندِ سیوٚد شعر صوٗرتِس منز خلق کران۔ تِہنکۍ چھِ اَتھ منز تِم ساری امکٲنی احساسات آیتن یِم تِمۍ پانہٕ محسوٗس کٔری مِتۍ آسَن یا یِمَن کُن تَس ظوٚنے پھیوٚرمُت آسہِ۔

کالہٕ موٚلیں طاقِن چھُس برسَر   پھِلہٕ نافٕ موٚلمُت مُشکہٕ دفر
ہیٚنز پیاران ژوٕ تر کیو داپہٕ لولو   رِند پوشہٕ مال گِندنے دراپہٕ لولو
زال منتس تَل کیہٕ وٲلی یے لو   سوٕ نہٕ دوٗرن چھے موختہٕ جٲلی لو

یوختہ کارن کمُی سناڈیے لو        بوش حُنک روزی نہ کاڈیے لو

یمن شعرن منز چھُ بظاہر اُچھو وُچھمُت نسوانی یارٲوک منظر ہاوُنہٕ آمُت ۔ چھُ نہ یہ محض اَمہِ تشبیہہ ہنز باوَتھ مگر شاعرُ سُند احساس تہٕ اَندازِ بیان چھُ اَتھ لولچہِ جذبٕچ سٕتۍ خوشبوُن نظارٕ بناوان ۔ میٖر چھُ سراپا نگاری ہندِس فنس منز اَتہٕ پیٹھ ہنا ہیوٗر تہٕ کھسان ۔ سُہ چھُ حُسنکۍ مجرد پرتو شعرن منز یہ ڈیپہٕ زِ تہٕ گیجہٕ گنڈِتھ جمالیاتی لذتٕچ ہندی پتھۍ ہوی سامانہٕ تہٕ فراہم کران ۔

چھُ وولمُت ارغوانس سوٗنبلو نال        زُلف زن بالہٕ یارس کارِ پٕتیے

سو نہ کینہٕ دوٗر یار چھُم اُلہٕ راوان

ٹلہٕ راوان کُل عالمس تہٕ لو لو

زُلفن منز باگ چھی دوٗرِ ہٹِلیے        ہمسایہ سوٗنبلُ سُنز پوشَن

اُکہ سے شاخَس کم گُلُ پھٹِلیے        بوٗزِتھ عاشق ژٕلیے وَن

ہو نجہٕ پنجرس منز چھُم جاناوار

اَتھ ویسریم کیٖتھ تکریے لو

میٖر سُند تخیُلی قوت چھُ شاعری منز مصوری ہُنز خوٗبصوٗرت جلکیہٕ یادٕ کران ۔ تمہٕنز یمہٕ شعری تصویرٕ چھے دلفریب تہٕ جاذبِ نظر ۔

موٗکٕشس پیٹھ میلہٕ پھیوٗر        پوشہٕ لنجہٕ پیٹھ زَن قمیوٗر

نیٖہ بوٗمبوٗر چھے ویوٗر تلان        کارِ ووگُن دوٗرِ دان

عشقہٕ بیچان چھے اَرغوانن منز

کارٕ زوٗن زَن دون شہمارن منز

نقش چینس زُنار ناڈیے لو

بوش حُنک روزی نہ کاڈیے لو

گمہٕ شبنم گلُ روٗ ہِس       زَن چھ عرق داناہ لَس
زوٗنہٕ پیٹھ تارکھ پرکان       کارِ ووگُن دوٗرِ دان

یتھے کنہٕ چھ سُہ شعرن منز ڈراماٰیی کیفیژ ووتلان یمہٕ تصوٗرکس خلوت خانس منز حرکت لُبتھ تجربس واتناورس زوٗزیتہٕ دِوان چھے۔ یہ صوٗرتحال چھُ شعرس مبقناطیسی اثر بخشان۔

جانانہٕ لُتی یے شانہٕ کرِتھ زُلف خمن آے
دیوانہٕ دِلس کیٚت سُہ ہیتھ زنجیر بمن آے

ہٹس گوم ہانکلہِ دزرِ یہ گوم برے   ژس گوم واٚنجہ یار ما آم
مےٚ دور سینہٕ تےٚ تمُ دارِ ژرے   وولہ ویٚنی وٗنتس کونے آم

پوان وُچھمکھ درخواب یوٗسفنہٕ جمہ خمے
زُلیخا گیٚیہ بے تاب چاومے جامہ جمے

تیٚر چھ حساوی سوٗتھرس پیٹھ شعر محسوٗس کرناوان۔ سُہ چھُ شعرس منز لفظن تشبیہہ ہند رَخ وُلِتھ تخلیٚس کُنُ وَتھ ہاوان۔ یتہٕ تشبیہہ چھنہٕ صرف بصری نوٗعیچ، بلکہ چھنہ یمہ رٔلہ مِلہٕ تہٕ بلاتے ژوٗن عناصرن تہٕ زیرِ دِوان۔ مگر تشبیہہ برائے تشبیہہ آسنہٕ چھنہٕ شاعری منز کانہہ وُقعت بلکہ گژھہِ اَتھ منز یمن ہند تخلیقی وٗرتاو آسُن تہٕ اتھی صوٗرتس منز چھے یمن جمالیاتی اہمیت تہٕ حاصل سپدان۔ میرنہٕ کینہہ شعر مثالہ چھے۔

بہ فرشِ ناز ہم خواب وُچھم بر فرشِ کمخواب
بیٚنیس مہتاب درآب گیٚس بیدار کوٚت گوم

گمہٕ شبنمٕ گلُ روٗ ہِس       زَن چھ عرق داناہ لَس
زوٗنہٕ پیٹھ تارکھ پرکان       کارِ ووگُن دوٗرِ دان

چھےَ ژٔری طاقیں ریا مُنتش نہٕ درشب پٔری
کالہٕ اڈٕبرس بیٹھ شوٗبان ماہٕ تابان اے صنم

یمَن شعرن منز چھےٚ ژدر زوردار شبیٖہہ۔ یمہٕ چھےٚ مہتاب در آب، گمہٕ شبنم گُل روٗخس، زوٗنہٕ بیٹھٕ نارکھ پکان تہٕ کالہٕ اڈٕبرس پیٹھ ماہٕ تابان۔ یمن شبیٖہن منز چھےٚ طلسماتی کیفیت تہٕ یہےٚ خاصیت چھےٚ یمَن شعرن ہُند جمالیاتی حُسن تعمیر کران۔ "مہتاب در آب" شبیٖہہ چھےٚ شعرُک فضا مُدنظر تھاوِتھ، تخلیقس پٔردس پیٹھ کیٚتہٕ دلکش منظر نیرٕ ناوان۔ اکھ منظر چھُ زوٗنہٕ گاشس منز رونلہٕ زوٗنہٕ ہُند آبس منز۔ خوشیوٗن عکس بوزنہٕ یِن۔ ہرگاہ اتھ آبس منز کانہہ چیز گژھہِ یا لاینہٕ یِیہ، آبچہٕ حرکژ ستی چھُ زوٗنہٕ ہُند یہ عکس تہٕ مُتحرک لبنہٕ یوان تہٕ یتھکنۍ چھُ یہ اکھ نوٚوۍ نظارا بنان۔ ووٚں ییلہٕ نیٚندرِ منز آستھ مہتاب صورت نازنین آبس منز ییٚیہ۔ بیدار گژھہِ تہٕ بیقرأری ہندس عالمس منز اُتھ کھور وایہ۔ یہ سورُے چھُ اکھ بیا کھےٚ منظر پیش کران۔ اتھ شبیٖہہ منز یہ تہہ دار کیفیت چھُ اکھ تخلیقی قوت تہٕ امی ستی چھُ اتھ شعرس جمالیاتی حُسن تہٕ پرِیڈان۔ شبیٖہہ کأری چھےٚ شاعری منز جدل کأری ہُند گوڈنیُک تہٕ اکھ اہم حربہ۔ میر چھُ اَمچہٕ اہمیژ نشہٕ پوٗرہٕ پأٹھۍ باخبر او سمُت ییتھےٚ کنۍ چھہِ باقے جدلیاتی عناصر تہٕ رسول میرنہٕ شاعری ہُند جمالیات دوتلاوِنہٕ کأم دِوان۔ یمن منز چھہِ تشبیہہ تہٕ استعار بُنیأدی حصہ بناوان۔ اتہٕ نس چھہِ لفظ لُغوی معنہٕ پیٹھ ہیوٗر کھسِتھ مجازی معنہٕ اختیار کران، یمہٕ ستی شعرکی معنوی سرحد کشادٕ پیدان چھہِ۔

گُلابکی پأٹھۍ ژولُم ہیہ پالنس داغ عشقُن
گلاس دنہٕ مسول بال چھس تبدار امتب

اَتھ شعرس منز چھُ گوڈنیُک 'گُلالہٕ' لفظ تشبیہہ تہٕ دوٚیم استعارچ کام دِوان۔ یم دٔ نوٚے لفظ چھِ دوٚن معنوی صوٗرتحالن کُن اِشارٕ کران۔ اکھ یہ زِ شعری کردار چھُ گلالہٕ پوٗشکی پٲٹھۍ عشقہٕ داغ لٔلہوان تہٕ دوٚیم یہ زِ گلالہٕ چھُنہٕ کانہہ پوٚش بلکہ تَسند محبوٗب تہٕ لہٰذا چھُ سُہ پننس محبوٗبہٕ سٔندی پٲٹھۍ لولہٕ داغ وہراوان۔ اَمہٕ شرح یہ کیفیت پٮ۪ھ چھےٚ اکھ جمالیٲتی پہلوٗ روشن کران۔

میٖر چھُ اکھ وۄستاد فنکار اوسمُت۔ تَس پٮ۪ھ چھےٚ شاعری ہنز بسیار صنعژ وٕ تیٚز آسمژ۔ یمو شعری حربو سِتۍ چھُ سُہ پننہٕ کلامُک جدلیٲتی نظام تشکیل دِتھ اکھ مجٲزی سوٗتھر وُسوار کران تہٕ تیٚلۍ چھُ سُہ وَرگہٕ باوتھ کٔرِتھ تجربہٕ پننہٕ طور کامِل صوٗرتس منز واتناوُن ممکن بناوان۔

یار اکھ اَرمان رُوٗدُم عشقہٕ بیچالَس پرژھوم!
لوٗزی تھےٚ رژِ پان کھوٗلُن آو زَن اَباونے

مرگہٕ واون ژھیٚتہٕ کوٚرکالِگ ژونگ
سُہ چھُ شوٗبان پیٹھ رَنگہٕ زٔورِ لولو

وُچھ آفتابن چون ژندن موکھ تہٕ ڈوٗلُس رنگ
گٔژ کاژ توٚے زوٗن چھُس سَرسام نگارو

شمعَن فونوٗس ژٕتمُن جاے دَما پوٚنپٕر مارس پان
یارس پتہٕ تھاہ نارس لایے ہا جگر گوش بیہ نایے لو۔

کھٹتھ سِنس اندر بو نالہٕ رُٹھتھ شامہٕ سوندر
جامہٕ زَن سرٕ دِ قدس پان وَلےیو مدنو۔

زنجیرٕ واوُس کمی چھےٚ کرمژٕ نقش ہیو براب
کیا یاد روزان سادٕ لوکن وعد وَفایی

یمن شعرن منز چھِ فکر ہندِ سنز تہٕ احسابکی سٹرٕ بنیتھ۔ یم ہر وقت کیتن معنوی اِمکانَن پوٚشِہ تھاوِتھ چھِ۔ یہ بسیار بائِس خصوصیت چھےٚ یمن شعرن ہند ابہام۔ اُمی ستی چھِ تخیلکی بیوٚن بیوٚن گوشہٕ مُنور سپدان۔ یوہے وَصف چھُ یمن شعرن ہنز زندگی تہٕ تہٕ جمالیاتی بھرٕ ر تہٕ۔ یتھے کنٕ چھِ میہٕ رُن یہ شعر جمالیاتی وائَن وارگ (AESTHETIC APPROACH) اکھ مثالی شعر۔

نہٕ کیھہ وَنہٕ نم اَنہٕ گرٕ اُدی لال فروشن
کنہ منز نیران جو ہرے، بال مرایو

یہ چھےٚ اکھ حقیقت زِ یوٚتام نہٕ شعرس منز لفظن ہندی ظاہری معنہٕ کیٚ حد پوٚرٕ پاکھٹی مُتعین سپدان چھِ، توٚتام چھِنہٕ اَکی ساری اِمکانی معنہٕ مُنتصور پیدٕ تھ ہیکان۔ یہ شعر چھُ فکری تہہ داری ہُند اکھ لوبہٕ وُن نموٗنہٕ۔ اَتھ منز چھُ بصارژ توشہٕ ناوِتھ بصیرت دِنگ اکھ ماری موٗند اظہار۔ یہ شعر چھُ تہٕ وارِیاہ کیہنہ تہٕ باوان یہ نہٕ اَکہٕ ظاہری رُخہٕ تہٕ صاف پاکھٹی چھِ لبنے یوان۔ یہ چھےٚ اَمہٕ شعرچ باطنی دانِش یوٚتام رسائی حاصل کرٕ نٕ سیٹھاہ دُشوار چھُ۔ اتھ شعرس منز یوٚ دوے پرٕ تھ کاہنہٕ لفظ اہمیت تھاوان چھُ مگر بانتھ لفظ چھِ ہرساوی کیفرٕ و کنٕ غارمعمولی اہمیژ ہندی حامل بنے مِتہٕ

یم لفظ چھِ ہنہٕ کیتھ ، اَنہٕ گٔبٕڑ ، لال فروش ، کنہٕ تہٕ جوٗہرے ۔ یمن لفظن منز چھِ شعرٕکۍ تمام اَسرار مرکوز ۔ یم چھِ کیتن تمن سوالن وُتش دِوان یم مختلف و وسیع تصوراتن کُن اشارٕ کران چھِ ۔ یتھکنۍ چھِ اَتھ شعرس منز یم لفظ علامژن ہنز کام دِوان ۔ اکھ سوال چھُ یہِ زِ لال فروش کُس چھُ اصلی ؟ اَمیک اکھ جواب چھُ یہِ زِ سُہ چھُ موٗلٕلہِ چیز کیٚنن وول ۔ موٗلٕلہِ چیز چھِ لال ۔ لال چھِ گیٚہ ترٛاوان ۔ گیٚہ چھُ اَنہٕ گٔٹ مِٹاوان ۔ اَنہٕ گٔٹ مٔٹھ چھُ پٔرتھ کانہہ چیز صاف بوزنہٕ یِوان ۔ یتھکنۍ چھُ "لال فروش" آگہی ہنز علامت بنان ۔ سُہ چھُ ہنہٕ کیتھ وَنان ۔ تِمہٕ کیتھ یمنہٕ اوٚتام صاف پٲٹھۍ ویٚوٚد آسہٕ ۔ یتھےکنۍ چھِ اَمہٕ شعرٕکیو یمو لفظو بیٚٹھِ واریاہ سوال ووٚتھان ، یہُند جواب جمالیٲتی مسرٔژ ہندی ڈیر بھران چھِ ۔ یوٗت زیادٕ اَمہِ شعرٕکس سٕترس منز ڈُنگ پھٔٹے دِنہٕ یِوان تیوٗت چھِ آگہی ہندی جواہر زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اَتھس منز یِوان ۔ یہِ پھٔٹے اَمہٕ شعرٕچ جمالیٲتی اہمیت ۔ یہِ چھُ ژٕکہٕ شعرٕک داخلی حُسن نتیجہٕ پٔرٛوٕ اَمہٕ کیٚن منتخب لفظن بیٚٹھ پیٹھ اَمیک خارجی حُسن تہٕ بنان چھُ ۔ یتھکنۍ چھےٚ شعرٕچ یہِ خوٗبصوٗرتی اَمہٕ کِس پٔرتھ لفظس تہٕ اَمچہِ جادوٗ بیانی منز مُشترکہٕ پٲٹھۍ پیوست تہٕ پوٚشیدٕ ۔

ییٚر چھُ زندگی ہندٕن سٕترن تہٕ بارِکیین تہٕ واقف اوسمُت ۔ تمہِ چھےٚ یمہٕ حقیقژ سنجیدٕ پٲٹھۍ ژٕینمژ تہٕ پتہٕ پننِس فنس منز ظاہر کرِمژ ۔

بدٕ چھیس اَز چھُم کمال اَدٕنے روزٕم کالیے
وٕدنا رووُم جمال سالس اَنتے بالیے

آے کاتیاہ گےٚ کیتہٕ سُمارس
لرزٕ موتنہٕ طوٗطٕ گےٚ کٔلیے لو

بنگہ موشن چاوِن کاؔلی  سنگ وانٛج کاژاگےٚ
رنگہ بُلبل گرژھِ وُباؔلی  باؔلی مہریے نے روش

مِرٛنیندرے منٛز ہے کاؔلی  پیئژ آتش گونڈ نم
میئژ رسول میر اژماکاؔلی  باؔلی مہریے نے روش

یمن شعرن منٛز زندگی ہنٛز سارۍ ہے کھوتہٕ بجہٕ حقیقژ ہُند یہ پُراژ باس چھُ۔ یمن شعرن جمالیاتی حُسن عطا کران۔ اِنسانی زندگی ہنٛدِ خاتمُک یہ لمحاتی احساس چھُ لازِمن فردِ ہندلو بدلو تکہٕ میئژ کڈِتھ نوان۔ یتھے کٔنٛ چھِ یم شعر زندگی ہنٛدِن مختلف رٔنگن ہنٛز عکاسی کران۔

درگُل چھُ پانے بُلبل بہانے  بُلبل تہٕ گُلتانہٕ وَنیے
تنہا چھُنہٕ در زُلف گرفتار میونُے دِل
در حلقۂ یوٚہے سِلسِلہ دوٚن عالمن آے
خشمہٕ ہتہٕ ہے چیشمہ کافرہے  حال تمٕ سُند نامُسلمان
زُلف سیاہ مُشکہٕ اذفرہے  کاؔلی بَرہے گرژھِ گُلستان

آخری شعرس منٛز چھے اکہٕ طرفہٕ خشمہٕ ہتہٕ ہنٛز چیشمہ کافر تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ چھُ تمہٕ سنٛدِن سیاہ زُلفن ہُند مُشکہِ اذفر۔ یم چھِ زٕ مختلف تہٕ متضاد صوٗرتحال۔ اُکس منٛز چھے دے تہٕ بییس منٛز کشش ہے دِیہ تہٕ پرٛییہ چھے زندگی۔ یتھکٔنٛ چھُ یہ رٔلہٕ ہلہٕ صوٗرتحال امہٕ شعرُک جمالیاتی حُسن بنان۔

غرض مُشاہدچ وُسعت، احاسچ شِدت، جذبچ حرارت، خیالچ نزاکت، لفظ شناسی بے تکلفی تہٕ خاصکر فنی پوخہٕ گی چھِ رسول میرنہٕ شاعری سو برجستگی بخشان زٕ اکھ صدی کھوتہٕ زیادٕ وَق گذرنہٕ پتہٕ تہٕ چھے یہ وُنی کیٚس زبونی لبنہٕ یوان۔

